# پٕچھس گٔشیر

(اَفسانہٕ سوٗبرن)

روٗپ کرٛشن بٹ

کشمیر کلچرل ٹرٛسٹ

﴿کتابہِ ہُندمواد چھُ لِکھأری سِندِ ناوٕ رٔژھرِتھ﴾


| | | |
|---|---|---|
| ناو | : | بہٕ چھس کٲشِر |
| مُصنِف | : | رٗوپ کرٛشن بٹ |
| چھپنٕ وٕری | : | 2008 |
| ناشر | : | کشمیر کلچرل ٹرسٹ |
| کمپیوٗٹر کمپوزِنگ | : | IILS D.T.P Centre |
| | | رِنکوٗ کول (94191-36369) |
| چھاپ خانہٕ | : | جے۔ کے۔ آفسیٹ، نئی دہلی۔ |
| مول | : | 300/روپیہٕ |
| سرورق | : | گوٗکل ڈیمی |

**کتاب میلنٕک پتاہ:**

- کشمیر کلچرل ٹرسٹ، 471/2 وِنایک نگر، مُٹھی، جوٗم۔
- رٗوپ کرٛشن بٹ، 148، ڈِلکس اپارٹمنٹس، وسُندرا انکلیو، دہلی 110096۔ فون نمبر: 22629561
- کتاب گھر، لال چوک سرینگر/ کتاب گھر کنال روڈ جوٗم۔

---

**BA CHAS KASHIIR**

(A collection of Short Stories of Roop Krishen Bhat)

---

2008 Rs.300/-

# ترتیب

# پٔنٕنۍ کتھ

دۄر چھُس پۄمُت لُکن نِش چھُم توٚے مہجوٗر ناو
تمہِ اگر دۄرن مےٚ نِش ژٕ تہِ دۄر زانٛہہ مَتہٕ ترٛاوتم

مہجوٗر صأبُن یہِ شارٕیس تمٕہ تمہِ وِزِ وونمُت اوس ییٚلہِ سُہ نوکری ہٕنٛدِس سِلسِلس منٛز کٔشیرِ نبر روزان اوس، چھُ یمہِ کتھِ ہُنٛد ضامن زِ پٔنٕنہِ ماجہِ کٔشیرِ ہٕنٛزِ میٚژِ نِشہِ دۄر روٗزِتھ چھُ اکھ کأشُر اتھ حدس تام مجبوٗر، پرٕژھوٚن تہٕ بےٚ بس محسوٗس کران زِ سُہ چھُ پرٛتھ ساتہٕ أتھی کامنایہِ منٛز آسان زِ سو وِز تہٕ سُہ دوہ کر ییٚہِ ییٚلہِ سُہ بیٚیہِ ماجہِ کٔشیرِ ہٕنٛزِ کھونہِ منٛز واپس واتہِ۔

سو کالس منٛز یمن دوہَن بہٕ پرٕنہٕ کِس تہٕ پتہٕ نوکری ہٕنٛدِس سِلسِلس منٛز کٔشیرِ نبر روزان اوٗسس۔ ییٚلہِ تہِ بہٕ واپس کٔشیرِ ترٛوُن بانہٕ حال ٹنلہِ اپور تران

اوٚسُس تہٕ یام میٲنؠن أچھن برٛونٛہہ کنہِ ویرناگہٕ اَپٲرِم نظارٕ یوان آسی، مےٚ آس اکھ عجیب خوشی، اکھ عجیب فراگتھ موٚحسوٗس سپدان۔ تمہِ آسی میانہِ زِندگی ہِنٛدی رٕتی دوہ، مگر پتہٕ موٚ اردٲہوٚ وٕری یو پتھٕ یُس دور کٲشرِ منٛز چلان ووت، أمی بدلوو زِندگی ہُنٛد سوٗرُے مطلب تہٕ مانے۔ پزر چھُ یہ زِ وکھ چھُنہٕ کانٛسہِ ہنٛزٕ موچھہِ منٛز زانٛہہ قاد سپدمُت، البتہٕ چھُ اِنسانٕسے وقتک غولام بٔنتھ روزُن پوان۔

پتہٕ موٚ اردٲہوٚ وٕریو ہنٛزِ جلاوطنی یِم حالات پٲدٕ کٔری تِم چھِنہٕ أکِس ژٕہس تہٕ میانہِ دِماغہٕ منٛز نیران۔ ہرگاہ بہٕ کٲشرِ نِشہٕ دوٗر پیوٗمُت چھُس، مگر صِرف جِسمٲنی طور۔ چاہے بہٕ دُنیاچہِ کُنہِ تہٕ جایہِ کیاژِ روزٕ نہٕ، خیالن منٛز چھُس بہٕ سیکنٛڈن منٛز کٲشرِ واتان۔ کُنہِ جایہِ کیاژِ شوٗنگہٕ نہٕ مگر خاب چھِم کٲشرِ ہِنٛدی تہٕ کٲشرٕ بن لوٗکن مُطلقے یوان۔

میٲنؠ گوڈنیُک افسانہٕ سوٚمبرن "ہردِ واو" یوسہٕ سنہٕ 2001 منٛز منظرِ عامس منٛز آیہِ تہٕ چھےٚ اَمہِ بدبخت دورٕچ تخلیق۔ بدقسمتی کِنہِ چھُ سُہ بدبخت دور وُنہِ تہٕ چلان۔ لہٰذا چھُ لٲزمی زِ یِمن افسانن منٛز تہٕ گژھہِ پرن والیٚن عام کٲشرٕ بن ہُنٛد چاہے تِم بالہٕ یپارٕ روزان چھِ یاں بالہٕ اَپارٕ بٔنن تہٕ گُدرُن نظرِ۔ بٔنن تہٕ گُدرُن، أنہِ رائے تہٕ ولاپھ، ناراضگی تہٕ بےٚ کسی ہوٚبن ایٚحساسن ہُنٛد بھرپوٗر اِظہار چھُ یِمن افسانن منٛز۔ یِلہٕ زن بالہٕ یپارکین کٲشرٕ بن نوٚبن نٔسلِ کہٕ دوٚپر ماحولن، حالاتن کوٚ موٚسمن ہُنٛد سمجھ تہٕ کرُن پیوٚ تہٕ رٔودی دویمہِ طرفہٕ بالہٕ اَپارِم کٲشرِی تہٕ برابر تِمہنے غم زدٕ تہٕ ستم زدٕ حالاتن ہُنٛد مُقابلہٕ کران۔ تِہنٛد خاطرٕ بدلوٚو نہٕ کینٛہہ، سوے ژٕہ ژھوے تہٕ تِمے رٕتہٕ دٲدی ارمان، سوے باک ژٕھٹٕنی تہٕ تِمے کرٛیک ڈوٗن تہٕ اینکوٗنٹر۔ اکہِ پاسہٕ گیہ لوٗکھ پنٕن گرٕ بار ترٛاوِنس پتھ مجبوٗر تہٕ بییہِ پاسہٕ تِم لوٗکھ یِم

پنٕنس گرس منٛز روٗزِتھ تہٕ پنٕنہٕ آیہِ زُوتھ ہیٚکِہ نہٕ۔ پزی پاٹھی چھُنہٕ اَتھ برابر کانٛہہ سزا
زِ کانٛہہ گژھہِ پنٕنہٕ زہنہٕ جاے، پنُن وطن تہٕ پنٕنہٕ ماجہِ زبو تراونس مجبوٗر۔ یہِ راوُن تیٚوٗل
چھُنہٕ پیر در پیر مشان۔ مگر دوٗیمہِ طرفہٕ پنٕنہِ میٚژ منٛز روٗزِتھ تہٕ پنٕنس گرس منٛز ہیٚتھ
تہٕ ییٚلہِ نہٕ کانٛہہ پنٕنہٕ منشا مطابِق روٗزِتھ ہیٚکہِ سُہ چھُ تمہِ کھوتہٕ تہٕ دوکھ دایک۔
یَس نہٕ آسہِ تس چھُ نہٕ آسنُک افسوٗس مگر یَس اَستھ کرِتھ تہٕ کھنہٕ چوٗنٹ آسہِ نہٕ
تس کیاہ ونو۔ گُلس پیٚٹھ چاہے بالہٕ اَپارِ چھہِ یاں بالہٕ یپارِ کاشرِ قومِچ سِتم ظریفی تہٕ
بدنصیبی چھےٚ ہشےٚ۔

پتِمین لگ بگ دوٕن ڈیہلین منٛز یُس تہٕ کاشُر ادب تھنہٕ پیو چاہے نثر چھُ
یاں شاعری، ناول چھےٚ یاں ڈرامہ، اتھ ساری ہے چھےٚ اَمے بدبخت دورٕچ چھاپ۔
چاہے رحمان راہی سنٛز "سیاہ روٗدٕ جرین منٛز" چھےٚ یاں رتن لال شانتُن "ژھین"۔
پنٕنین افسانن مُطلق چھُس نہٕ بہٕ پانہٕ کُنہہ وَنُن یژھان۔ البتہٕ چھُس تِمن
سارِنے کردارن سلام کران تہٕ دِلی شُکریا ادا کران یِمو میانین خیالن زِندگی بخشی
تہٕ میانہِ دِلُک بار ہلکہٕ کوٚر۔ بہٕ چھُس پنٕنین تمام یارن دوستن، اَنٛگن اَشناون،
حقن ہمسایَن ہُند شُکر گذار یِمو مےٚ یِم افسانہٕ تحریر کرنٕچ تحریک دِژ۔
یِمو افسانو منٛزٕ چھہِ کیٚنٛہہ افسانہٕ کیٚنٛژن رِسالن منٛز بروٗنٹھے چھپےٚ متی تہٕ کیٚنٛہہ
چھہِ ترجمہ کرِتھ میانہِ ہیٚندی افسانہٕ سوٗمبرنہٕ منٛز تہٕ چھپےٚ متی۔ مگر زیادٕ تر افسانہٕ چھہِ
ساٚدروار۔ اکھ افسانہٕ "جمی جانی تہٕ لالہٕ صاب" اوس میانہِ گوڈنچہِ افسانہٕ سوٗمبرنہٕ
"ہردٕ واو" منٛز چھپومُت۔ یہِ چھُ یتھ کتابہِ منٛز دُبارٕ اَمہِ کنہِ شامِل کرنہٕ آمُت
تِکیازِ نمبر اکھ آو نہٕ یہِ افسانہٕ زیادٕ زیرِ بحث تہٕ دوٗیم چھےٚ یہِ اَز کل سانین گرن ہنٛز

عام کتھا ہِش بنے ہٕژ۔ کُس کتہِ آو، کس زاو تہٕ کوٗت ووت یہِ سوٗنچُنگ وَکھ چھُنہٕ کانٛسِے۔ اَکھ اَکس نِش دوٗرن تہٕ پانہٕ پانو کرُن چھُ اَزی کس اِنسانہٕ سُند قول بنۄمُت۔ رِشتن بدلییہ معنی تہٕ جاین روو مطلب۔ لہٰذا زون مےٚ مُناسِب زِ یہِ اَفسانہٕ ییہِ عام پاٹھی پرنہٕ تہٕ اتھ پٹھ سپد بحث۔

مےٚ چھےٚ وومید زِ پرن والٮ۪ ژارن میانٮ۪ن کتھن معنی تہٕ ژھارن پننٮ۪ن نیایَن ہُند مُکمل تہٕ ابدی حل۔ ہرگاہ یم افسانہٕ کٲشرِس قومس اَنہٕ ہاوتھ تِمن بآے برادری ہنٛز نوسرٕ تحریک دِتھ ہیٚکی مےٚ باسہِ مینٛز محنتھ گییہِ کامیاب۔ مےٚ چھےٚ یہِ تہِ وومید زِ کٲشِرِ ہُند یہِ بدبخت دور واتہِ جل اند یُتھ نہٕ بییہِ زانٛہہ تِتھی ہوٕ افسانہٕ لیکھنُک کانٛسہِ موقہٕ میلہِ۔ دَے بوٗزِن تے سپدِن۔ آمین۔

بہٕ چھُس پننہِ آشنہٕ "راجن" سٕنٛدٕ شاہ مشکوٗر یوسہِ مےٚ وِزِ وِزِ کینٛہہ نوٚو لیکھنہٕ خاطرٕ یہِ ذٕلٕ زِتہِ مجبوٗر کران چھےٚ۔ بہٕ چھُس شری گوکل ڈیمی صأبن تہٕ شُکر گُذار یمو ییمہِ کِتابہٕ ہِندِ خاطرٕ سٕنٛزٕ ہےٚ خوٗبصورت پیٖنٹِنگ آیتن تھوٚو۔ ییمہِ کِتابہٕ ہُند ڈی۔ ٹی۔ پی کوٗر شری رِنکو کولن سٕنٛزٕ ہےٚ محنتہٕ سان تیار۔ بہٕ چھُس تسُند تہٕ شُکر گُذار۔

مےٚ اُر شاعرِ کشمیر مہجوٗر صأبنہِ شارٕ سٕتی پننٛز کتھ شوٗرو، مگر بہٕ چھُس نہٕ ناوومید مےٚ چھُ پوٗرٕ یقین زِ حالات بدلن تہٕ جان وَکھ یہِ بییہِ واپس، لہٰذا کرٕ بہٕ بییس اَکس پایہِ بڈِس شاعر دیناناتھ نادِم صأبنہِ یمہِ شارٕ سٕتی پننٛز کتھ ختم۔

مےٚ چھم آش پگہٕ ہچ، پگاہ شولہِ دُنیاہ۔

**روٗپ کرشن بٹ**

11 / دسمبر: 2007

# اینکوٗنٹر

کٔنہِ ساتھ گٕژھان تھو۔

واریاہَس کالس چلییہِ اوٕر یور گولہِ تہٕ گرٛنیڈ۔ اَنہِ گٔٹس منٛز اوس نہٕ کُنہِ
فِکرِ تران زِ کیاہ چھُ سپدان۔ فقتھ ٹاسہٕ رارے تہٕ بم پھٹنٛچ آواز۔ راہُل اوس یارِ
گُلس أکِس پتہٕ کنہِ آنکہٕ وَنہِ کِنے۔ مشین گنَس برسٹ دباوان تہٕ منٛزی منٛزی تھکھ
دِوان۔ گولہِ آسہٕ ہوہَس چیرِتھ خبر کتھ طرفاتس کُن نیران تہٕ جنٛگلٕکس ماحولس
زیٛادٕے خوفناک بناوان۔ پتہٕ گیہِ کیٛنژس کالس ژھوپہٕ ہش۔ شاید اوس تمن
گولہِ بارٕ دموکلوٚومُت۔ یاں آسی اوٕر یور جنگجو زخمی گاہمتی نتہٕ مۄدی متی۔ أزی کس
اینکوٗنٹرس منٛز تہٕ آسن شاید اوٕر یور واریاہ لاشہِ پُتھرِس وہراونہٕ آمٕژ۔ اینکوٗنٹرس
دوران ژھوپہٕ گرٕہنی چھٕے گولہِ ٹاسہٕ رایہِ کھوتہٕ زیٛادٕ خوفناکھ باسان۔ اَمکِ نتیجہِ چھِ

اَکثر بیانک آسان۔

راہُل سِندِس دِماغس منز وۄتھ عجیب عجیب سوال۔ شاید ما موکلیہِ تس ورأے باقٕے سأری۔ نتہٕ ما دۄریہٕ۔ پتٕ موشیِٕ گنٹو پیٹھ چلہٕ وُن اہنکونٹر اوس شاید اَند واتن وول۔ راہُل اوس کأفی تھوٚکمت تہٕ تہٕ غمگین تہٕ۔ ژوپأری ژھوپہٕ گرٛشھنہٕ سِتی تژ ہربو وُسہ زیادٕ ے پہَن۔ کینٛہہ اوُسس نہٕ فکرِ تران زِ سہ گُذاریا باقٕے رأژ پہر تہٕ أتی نے رکنہٕ پوٚت پھیرِ۔ آخر باسیوٚ تس أتیٕ نے ژھوپہٕ دَم گرِتھ بہٕنس منزٕ ے صلامتی تہٕ تہٕ گاٹہٕ جار تہٕ۔ کُلس ساران ساران بوٚٹھ سہ وارٕ وارٕ پتھر تہٕ أتھی سِتی دۄبن ڈوٚکھ۔ پانس گرٛن نہٕ سوسرا ے تہٕ۔ یہٕ ڈۄلِ زِ تہٕ کوٚرتُمۍ شاہ تام بنٛد، زنتہٕ اوس وٕٹسی گوٚمُت۔ أتھی وولہٕ ہٕرکِشہٕ منز پیوٚ سہ سوچس ''اَما أزی کس اہنکونٹرس کیاہ آسہِ انجام؟''

یِتھی ہوی اہنکونٹر آسی ووٚنی لگ بگ دوہ دِش سپدان۔ خاص کرِ ینہٕ راہُل ہے پیک چہٕ اَتھ نونمبر چوکہِ پیٹھ تاینات اوس۔ یہٕ سرحد آس اِن فِلٹریشنہٕ خاطرٕ بدنام جا ے۔ دپان لوٚکٹہن موسوٗم بچن آسی اَمِ وَتہٕ ٹرینگ دِنہٕ خاطرٕ پاکِستان تاران تہٕ پتہٕ واپس یپور سوزان۔ اَمِ سرحدٕ کنۍ آس زیادٕ تر تسکری تہٕ سپدان چاہے ڈٕرگس آسہٕ ہان یاں گولہِ بارٗد۔ حملہٕ آور (دُشمن) آسی اکثر دۄرِ رۄزِتھ یِہنزٕ چوکہِ پیٹھ راتھ کُنتھ حملہٕ کران۔ گاہے گرٛینڈ دأرِتھ دِوان تہٕ گاہے گولیوٚ سِتی حملہٕ کران۔ یِم آسی جوأبی کاروأیی کرنہٕ کِہ غرضہٕ تمن پتہٕ دوران دوران پنٕنہِ چوکہِ تہٕ بنہٕ نِشہٕ کأفی دۄران۔ دُشمن سُند مقصد تہٕ اوس یے آسان۔ أتھی منز

ٲسی تم ژھِپی دِتھ تربیت یافتہٕ جنگجوٗہن بنہٕ یپور روانہٕ کران۔ یِمن ٲس راتھ ڈاکی گژھان تہٕ صُبحن ٲسی تھکتھ تہٕ ژھنتھ پننہٕ چوکہِ پیٹھ واپس واتان مگر دُشمن سُند مقصد اوس پوٗرٕ سپدمُت آسان۔ دُشمن ہنٛز یہِ چال ہِجتھ تہِ اوس یِمن پنُن پان لاچار تہٕ بےوٗسیلہٕ باسان۔ یہِ ٲس اکھ عجیب ستم ظریفی۔

راہلس اوس ووٚنی دِل دربوٗمت۔ تس ٲس نہٕ ووٚنی پزٲنی پاٹھی دِلس تھتھراے تہٕ دُبراے گژھان۔ ہرگاہ کُنہِ وِزِ گژھہَس تہِ تس ٲس مالی ہنٛز گولو ستی چھلنی کرنہٕ آمٕژ لاش اُچھن برٛونٛہہ کُن یِوان، خوٗنس ٲسس گژھ لگان بندوٗکھ اوس وَچھس کُن چیر رٹان تہٕ اونٛگجہِ آسَس پاٗنی پانے بڑسٹس کُن پکان تہٕ گولہِ ورُشن اوس سپدان۔ پننہٕ بندوقہِ منٛزٕ دزامژن گولین ہنٛز آواز بوٗزِتھ ٲس تس اکھ عجیب فراگتھ تہٕ بشاشتھ سپدان۔ سُہ اوس یہِ حرکتھ باربار دوہراوان تہٕ ہیوٚر آسمانس کُن کلہٕ تُلتھ شاید پانس اَمہِ کتھ ہُند یقین دِیُن یژھان زِ اَمہِ ستۍ میلہِ پاپاجی نِس رُحس تسکین تہٕ شانٛتی۔

پاپاجی یانے پنڈت کاشی ناتھ بٹ اوس اکھ زی شعور اِنسان، گاٹُل تہٕ وِوٚدنفر تہٕ اکھ بہٕلہِ پایک وٚکیل۔ سماجی تہٕ ثقافتی کامن منٛزٕ دِلچسپی تھاون وول یہِ شخص اوس درم کرم کرنس منٛز تہِ پیش پیش۔ پننہٕ جان اِخلاقہِ تہٕ رٕژو کامو کِنۍ اوس یہِ ساری سے شہرس منٛز مشہوٗر تہٕ وِوٚد۔ آسنس باسنس منٛز تہِ اوسُس بگوان یاد تہٕ صُبحن شامن اوس پابندی سان ناگہٕ بل کھسان، شوالس پوٗنی ترٛاوان، پوش لاگان تہٕ ماجہِ دیوی ہنٛز وندنا ارچنا کران۔ تہٕندِس پزٕنس تہٕ بڈس ڈیکس پیٹھ سندوٗرِ

ٹیوٗک اوس تارُکھ ہیوٚ زوتان آسان تہٕ تس اکھ خاص پٔزنتھ بخشان۔ شاید بنیوٚو یوہے روٗپ تسٕند دُشمن تہٕ سہ تہِ سپُد تمن بہلہِ پایہٕ تہٕ نامۆر بٹن ہنٛدس فہرستس منٛز شٲمل یم عام بٹہٕ کٲنٛہہ ناوانہٕ تہٕ ژہراونہٕ خٲطرٕ تہٕ کٔشیرِ ژاونہٕ باپتھ مجبوٗر کرنہٕ خٲطرٕ ژارنہٕ آیہِ تہٕ بے دردی سان وتن پیٹھ سرِ عام قتل کرنہٕ آیہِ۔ پنڈت کٲشی ناتھ بٹ تہِ سپُد اَمے سازشہِ ہُند شکار۔ دپان سہ مور پننٮ۪ مۄحلکۍ اَکِ زٲنی کار نفرن۔ تسٕند شو روٗد واریاہس کالس سڑکہِ پیٹھ تہٕ کانٛہہ بۄہر بوونہٕ تس نزدیکھ گژھنس تہٕ اتھ لاگنس۔ پزٕے اَز پنڈت کٲشی ناتھ بٹ سٕندِ قتلہٕ سۍتۍ تہٕ بٹن کٔشیرِ منٛز چھکھ تہٕ اَتھی چھوکہٕ سۍتۍ زوٗل تسٕند پرِوار تہٕ کٔشیرِ منٛز۔ یُس راہُل پننس مالِس سٕندی پٲٹھۍ اکھ نامور وکیل بنُن یژھان اوس، اوس ووٗنی لاچار تہٕ بے سہارٕ۔ وکالت پرنُک نہٕ اوسُس وسیلہٕ تہٕ نہٕ روٗدُس شوق، لہٰذا گو بے۔اے پاس کرنہٕ پتہٕ فوجس منٛز بٔرتی۔ اتھ قصس تہٕ گیہِ ووٗنی لگ بگ ژٕہ وٕری۔

راہُل اوس نہٕ ووٗنی اکھ لاچار تہٕ یتیم بچہِ بلکہِ ہِندوستٲنی فوجُک اکھ ذِمہٕ وار تہٕ قٲبل افسر میجر راہُل بٹ۔ پاپاجی نِس ژھس اوسا سکوٗن میلان کینٛہہ نہٕ تہٕ زانہٕ ہے دٕے مگر میجر راہُل روٗد ژھوپہٕ گژھتھ تہٕ منٛزی منٛزی گولہِ چلاوان۔ یہلہِ نہٕ کانٛہہ جوٲبی کاروٲیی سپٕز تس گو یقین زِ اتھ وٲران تہٕ سُنسان جنگلس منٛز چھ ووٗنی سہ کُن تہٕ کیول نفر۔ تہٕ سہ چھُ بلکہِ ہوہس منٛز گولہِ چلاوان۔ اَمی اِحساس ژٕبر ووٗ سہ زیادٕے، سہ روٗد کینٛہہ پوٚتلۍ سٕندی پٲٹھۍ زِن تہٕ بے جان تہٕ بے حرکت مگر اَچھ وہراوِتھ تہٕ اَتھن کیتھ مشین گن ہیتھ اَکِس یارِ کُلس کُن کھڑا۔ کتہٕ

جوراہ تارٕ گیہِ، نیک نٕبک گاش ہیوٚتُن پھولُن۔ اوٚنٛد پوٚکھ آو گاشراوَنہٕ، راہُلس آو اَدٕ اَنٛداز زِ سُہ چھُ سرحدس نٔزدیکھ کوہ مرگہِ منٛز۔ نہَ ہِنٛدُستانٕکِس علاقہٕ تہٕ نہٕ پاکِستانُک یانے نومینزٕ لینٛڈ (no man's land)۔ سُہ پوٚک زٕ ژور قدم برٛونٛہہ۔ دٔچھنہِ کھوٚورِ۔ پٔتی برٛونٛٹھی دِژِن ژوولپٲرِ نظر۔ دوٗر دوٗر تامٕ گوٚس نہٕ کُنہِ کانٛہہ نظرِ۔ سُہ گوٚو زنتہٕ جنوٗنی تہٕ فاتر ہِنٛدی پاٲٹھی دِژَن کرٛکہٕ برٛجوٗ، راجنٛدر......مگر کانٛسے ہُنٛد جواب گوٚس نہٕ کنَن۔ تَس ووٚتھ زیادَے مژر، بیہِ دِژَن پاگلہٕ ہِنٛدی پاٲٹھی زورٕ کرٛکہٕ۔ دٔچھُن کھوٚور، ہیوٚر بوٚن ژولپٲرِ آس موٗتٕچ ژھوپہٕ۔ تس گابرو زیادَے دِل۔ نتیجہِ اوس صاف زِ ملیٹنٹ آسی یا ژلنَس منٛز کامیاب گامٕتی نتہٕ مارنہٕ آمٕتی تہٕ تسنٛدی ساتھی یا شہید گامٕتی نتہٕ دوٗر گُن لگی مٕتی۔ راہُل لوٚگ بالَن تہٕ چھالَن وٕنی دِنہِ، زنٛڈن تہٕ کھاہن منٛز پنٕہٕنِن ساتھیَن تلاش کرنہِ۔ أتھی وولہٕ ہُرشہِ منٛز گیہِ تَس اَنٛن رائے ہِش کنَن۔ گُس تام اوس شاید زخمی حالتس منٛز پیوٚمُت۔ سُہ لاروٚ اوٚرِ گُن یپارِ یہِ آواز یِوان آس۔ گُس تام نفرا اوس اَکس کھایہِ منٛز گوٚمُت دگہِ سٟتی گلی موٚران۔ راہُل گوٚتس نٔزدیکھ۔ یہِ نفر اوس کلہٕ بوٚن گُن ترٛاوِتھ پٟنٛز دٔچھنہِ زنٛگ دوشوے زرٛو سٟتی رٔٹِتھ للہٕ ناوان۔ شاید آسس گوٗلی لٔجمٕژ۔ تہِنٛدِ پوشاکہِ تلہٕ زون راہلن زِ یہِ چھُنہٕ تُہنٛد کانٛہہ ساتھی بلکہِ تُہنٛد دُشمن۔ راہُلن آیہِ نوٚو بندوٗکھ تس گُن تہٕ دِژنس گُنٛنہِ کرٛکھ، ”خبردار کون ہیں آپ؟“

کرٛکھ بوٗزِتھ تُل اَمی نفرن پٟنُن کلہٕ تھوٚد تہٕ دٔچھنِ اَرٕ پلہٕ ناوِن پانس لرِ پیمتِس کلاشن کوٚفس گُن۔ مگر اَمہِ برٛونٛہہ زِ یہِ تُلہِ ہے یہِ اتھن کیتھ راہُلن وٕیِ دٔرٛگر،

گولو ستی آو بندوٗکھ اوک طرف لاینہٕ تہٕ اُمی نفرن تُجہِ دوشوے نرِ ہیوٗر کُن ہواہس منز۔ راہُلن کڈ تیزی سان بندوٗقس گُنے کِک، سُہ گو بالس ڈُلہٕ، پتُن مِشین گن آیہ نوٗن تہِنٛدِس کلس کُن۔

یُتھے یِمن اُچھ رلییہ راہُل گو تژہن تہٕ ترٛوہن منز۔ تم روٗدی وارِیاہس کالس اکھ اَکِس مُدے گنڈتھ وُچھان۔ اکھ اَکِس پرٛزناونہٕ باوجوٗد تہِ روٗدی تم اَنزانَن ہنٛدی پاٹھی اکھ اَکِس اَچھ پھِری پھِری وُچھان۔ وقتچ سِتم ظریفی اَس تمن درمیان اکھ دیوار بنِتھ کھڑا۔

لوکچارِکی زٕ جانٛی یار اَسی زِندگی ہنٛدِس عجیب موڑس پیٹھ کھڑا ییتہٕ نَس جذباتن کانہہ وُکتھ آس نہٕ۔ تہٕ فرض تہٕ مقصدس اَس گوڈٕ اَنوٗ آری۔ مگر اَمہِ احساسہٕ باوجوٗد تہِ اوس خبر کُس غانٛبی طاقتھ راہُل ہنٛزن اونگجن تہٕ ٹرٛگرس درمیان ٹھوٗر بنِتھ کھڑا۔ پتہٕ مِیبن ذہن وٗرِ یِن منز اوس گوڈنچہ لٹہِ راہُل دون راین منز مُبتلا سِپدمُت۔ اَزی کِس اہنکوٹرس اوس شاید بدلے مطلب نیران۔

دوٗیمہِ طرفہٕ راہُل ہنٛدِس نِشانس پیٹھ لاچار رٔشیدس گیہ کینٛژٕ کالہٕ خاطرٕ پننٛی دِگ تہٕ مقصد دوشوے مِشتھ تہٕ تسنٛزٕ نرِ یمہ ہوٗس منز زن روٗزِتھ گامژٕ آسہٕ نرمییہِ ہنا، شاید یہِ پرواے کرنہٕ وراَیے زِ سُہ اوس بندوٗقہٕ کِس نِشانس پیٹھ۔ تمی کٔر نرِ زنگہٕ ہِلاونٕچ زبردس کوٗشِش۔ آیہ تلہٕ اوس باسان زِ سُہ اوس شاید راہلس نالہٕ متہٕ رٹُن یژھان۔ مگر تہِ ہیوٚک نہٕ کٔرِتھ، سُہ آو ستے بییہِ پتھر لاینہٕ۔ گُنے کرٛکھ ژجس نیرِتھ۔ ”راہُلا لوٗگ سیا بلایہٕ، ژھُکھا پزی پاٹھی مے برٛونٛہہ کنہِ کھڑا؟“

پننس فرٕہی یارٕ سُند حال تہٕ جذبات وُچھِتھ گو راہُل تہٕ جذبٲتی تہٕ پنُن فرض مُشرٲوِتھ آو رٔشیدس نزدیکھ۔ بندوٗکھ ترٛاوِتھ پانس پتھ کُن نالی تہٕ رٔٹِن رٔشیدنی اتھ پننین اتھن منٛز چیرٕ بند۔ کینژٕ کالہٕ خاطرٕ رُودی یِم دوشوے وُٹھ کٔمہٕ لاونہٕ ورٲے أتھی حالتس منٛز، جذباتن ہِندِس سمنٛدرس منٛز غوتہٕ غوتہٕ کران۔ راہُلن ڈول پنُن اتھ رٔشیدنس زخمس تہٕ پُرژھنس۔ ژٕ ہا آسِہ دَگ، ژٕ چھے گوٗلی لٔجمٕژ۔ مگر ژٕ کِتھ کٔنۍ ییتھ ہُلہٕ یَس تہٕ ییتھ روٗپس منٛز۔ ژٕ لوٗگکھ نا بیٚیہ کٔنۍ؟''

راہُل نِس لٔجس منٛز آس عجیب ہمدردی۔ رٔشیدن ترٛٲو زیوٗٹھ پھٕر کھاہ، تس لٔج أشِس کُنے دار۔ یہِ اوٗش اوس نہٕ زخمچہِ دگہِ ہُند بلکہ دِلہِ چہٕ دگہِ ہُند۔ شاید اوس گوڈنچہِ لٹہٕ تس پیٹھ ہمدردی سان کانٛہہ پیش آمت تہٕ تسنٛز زِندگی مُتلق دِلچسپی ہاوٕمٕژ۔ سہٕ اوس پتٕمو أٹھو دہو وُری یو پیٹھ صِرف حُکم بوزان روٗدمت یاں حُکم دِوان روٗدمت۔ ذاتی زِندگی سٕنہٕ نُک اوس نہٕ تس موقے آمت تہٕ نہٕ وقتٕہ میوٗلمت۔ راہُل نہِ زیوٗ ہمدردی ہِندی الفاظ بوٗزِتھ گو سُہ زیادے جذبٲتی۔

''چانہِ اتھہٕ ڈالنہٕ سٟتۍ ہا ژٕ ج مےٚ سارے دَگ، تلامےٚ لرِ بیہہ تہٕ بہ ہا بوزناوتھ ژٕ پٔنٕنۍ رام کہانی۔'' راہُلن کڈ پننہِ اکہِ جیبہٕ منٛز مرہم پٹی تہٕ لٲیِن رٔشیدنس زخمس پیٹھ۔ تمہِ ترٛٲو اورٕ یورٕ نظراہ تہٕ یمہٕ کتھہِ ہُند تسلاہ کٔرِتھ زِ تمن دون ورٲے اوس نہٕ اتھ بٕے پُرسان جایہِ بیٚیہ کانٛہہ آو سُہ رٔشیدس زیادے نزدیکھ تہٕ بیوٗٹھ دِلچسپی سان رٔشیدُن روداد بوزنہٕ۔

''میون مِلیٹنٹ بنُن چھُ محض اکھ اِتفاق، اتفاق تہٕ کیاہ دپھ حالاتن ہُند

قرن پھیُر۔ ژےٚ آسہِ یاد، تو تام اَسی وِ توٚہی کٲشِرے۔ اَمہِ رزِنی دوشوے نچہٕ ی
اَسی ملیٖٹنٹ بنے مَتی۔ تمہِ وِ ے مارِ نوو (چون) پاپا جی تہٕ۔ تمہِ پتے ییلہِ توٚہی
کٲشِرِ پیٹھ ژٲلِتھ آیو۔ تِہنٛد اَہرِ پھٲہلو و ژووِلپٲرِ یہ تمن زیوٚ نیرِ ہے تہٕ اوس زن
حرفہِ آخرِی آسان۔ تتھ تامیل کرُن اوس لازمی۔ جہادٕ کس ناوس پیٹھ لٲجی تمو
گُنٛڈٕ گردی کرٕنی۔ سرِ عام قتل، زِناہ، تہٕ لوٗٹ کھسوٗٹ۔ وارٕ وارٕ واتی اتھ حدس زِ
بٹن ہنٛزِ پراپرٹی علاوٕ ہیوٚت تمو باقے لوٗکن ہنٛدِس مالہٕ و جادادس تہٕ قبضہٕ کرُن۔
ساری اَسی پسرٕ آمتی مگر دم پھٔٹ اَسی گامتی۔ تمن خلاف اوس نہٕ کانٛہہ کرٕتھ تہٕ
بہران کڈنس۔ یتھہٕ کنٛز واتژ سائنس باغس تہٕ واری تہٕ اکہِ دوہہ آیہ راتھ کیٚتھ
سائنس آنگنس منٛز نفر ژومبرٕ۔ برس تژکھ ٹاسہِ رارے۔ ٹاٹھی کھوٚل کھوژان کھوژان
بر۔ گلہِ ٹنٛڈ یانے اَمہِ رزُن زیٹھ نچوٚ ووتھ ٹاٹھس کُن۔ "پگہٕ ہاے پیٹھٕ کھٔسی زیوٚ نہٕ
باغس منٛز کینٛہہ۔ اَسہِ کُن تہنٛد باغ۔ ہرگاہ کُنہِ قسمچ کھینٛچل کرِو، اَسی تژاوٕ ہوو نہٕ
زِندٕ۔ یُسے اکھ تور کھسہِ تس پھُٹراوو اَسی تیٚتہِ نرِ زنگہٕ۔" تم دژایہ مگر اَسی زنتہٕ اَسی
وُسہی گامتی۔ ٹاٹھس آو گنٛز گتہٕ تہٕ آو پتھر لاینہٕ۔ سُہ گو بے ہوش۔ اَسہِ تُل سُہ یتھہٕ
یتھہٕ تہٕ ژون اَنٛد رتہٕ تژوو بسترس پیٹھ۔ پتہٕ ووتھ نہٕ ٹوٚٹھ رتہٕ وادن بسترٕ پیٹھ تھوٚد۔
اَسہِ اَسی باغس زِ لچھ روپیہ یوان۔ ٹاٹھس اوس خیال ہمیشہ کرٕ پننو
اتھو سیدِ بتھہِ روزھتھ تہٕ میانہٕ نوکری ہنٛد کرِ بنٛد بس۔ مگر روٗ بس اوس بدلے کیاہتام
منظوٗر...... ٹوٚٹھ گو سبٹھاہ علیل تہٕ دُکاند اَری تہٕ گیہٕ بنٛد۔ بہٕ اوسُس اَشی دادی لد
ہنٛدی پاٹھی نوکری ژھانڈان۔ مگر سُہ کتہٕ سناہ؟ نوکری کُس لگہٕ تہٕ کُس نہٕ یہ اَس

نہٕ سرکار طلے کران بٔلکہِ ''کاکھ''۔ سُہ تہِ نہٕ مُفت بٔلکہِ آسہِ روپیہِ رقم منگان۔ سانٛی مالی حالتھ گیہِ دوہ کھوتہٕ دوہ خستہٕ۔ سون گرٕ بنوٕ ونتہٕ دوزخ۔ ییٚلہِ نہٕ کانٛہہ سؤرتھ ٹاٹھس نظرِ گیہِ تمہِ اَنہٕ نوؤس بہ اکہِ دوہہٕ ناد دِتھ تہٕ بیوٹھُم وننہٕ۔ ''وُچھ ساٚ ریٛشہِ مولا۔ سانٛی حالات چھہِ دوہہٕ کھوتہٕ دوہہٕ بد کھوتہٕ بدتر سپدان۔ نبرِم حالاتھ سُدرٕنکی اِمکان تہِ چھنہٕ کینٛہہ۔ ووٚنی چھے نہٕ جانٛی حفاظت تہِ کانٛہہ۔ یَس یمہِ ساتہٕ خوش چھُ کران، تمہِ ساتہٕ چھُ یِوان۔ یمہِ لرِ ونن تمہِ لرِ چھُ شوٗنگُن پیوان، لیہازا سوٗنٛچ مےٚ اکھ ترکیب۔ تمہِ علاوٕ چھےٚ نہٕ بییہِ کانٛہہ تہِ وتھ۔ ژٕ بوزغورٕ سان تہٕ تہٕ ٹھنٛڈٕ دماغہٕ سان تہِ۔ ییٚنہٕ ژِنگرٕ ٹلکھ یاں اِنکار کرکھ۔'' بہٕ گوس ٹوٹھنہِ یمہِ کتھ بوٗزِتھ ترٛہن تہٕ ترٛوہن یہِ کیاہ سَنا چھُ وُنی یژھان مےٚ سوٗنٛچ۔ یمہِ برٛونٛہہ زِ بہٕ پرٛژھہ ہاتس تمہِ تھوٚو کلامہٕ جارٕی۔ ''مےٚ ووت رٕتہٕ وادتھ کتھِ پیٹھ سوٗنٛچان تہٕ بہٕ ووٚتس اتھ نتیجس پیٹھ زِ ژٕ یتہِ پینیٚہِ بالہٕ اَپورٕ ترٛن۔ اَمہِ علاوٕ چھنہٕ کانٛہہ تہِ چارٕ۔'' مےٚ تۄر نہٕ ٹوٹھنہِ کتھِ ہُنٛد مطلب فکرِ۔ مےٚ باسیوٚو سُہ چھُ مےٚ ونان زِ یتہِ کٔنہِ توٚہہِ کٲشیرِ ژٕلیوٕ تہٕ جوٚم واتِوٕ تیتھےٚ کنہِ ماچھُ ٹوٹھ مےٚ تہٕ جوٚم ژٕلنہٕ خاطرٕ ونان۔

مےٚ دوٚپ مَس درجواب۔ ''مگر ٹوٹھا تمہِ ستہِ گَس مسلہٕ گژھہِ حل؟ توٚہہِ کیاہ کرِویتہٕ کُنےٚ زٔنی۔ تہِ کرِتھ مےٚ کیاہ بنہٕ جیٛمس منٛز؟

ٹوٹھن ترٛاو مےٚ حارتہٕ سان نظر۔ ''جوٚم ناچھسے نہٕ ونان ژٕلُن۔ بہٕ ہا چھسے ونان بنہٕ اپورٕ ترٛن۔''

''پاکستان آ'' مےٚ ژٕج کھوروتلہٕ زمین نیرِتھ۔ اوتام اوس مےٚ

بۆزمُت زِ لوکٕٹ موسوم شُری کٕہ نوجوان چھِ ورگلاوِتھ بنہٕ اَپور تارنہٕ یِوان تہٕ مٲلِس ماجہِ چھےٚ نہٕ پتہٕ پاے روزان۔ مگر مےٚ اوس پننےٚ مول زانِتھ مانِتھ بنہٕ اپور سوزُن یژھان۔ بہٕ گوس مالی سُند یہِ فرمان بوٗزِتھ ہے بنگہٕ ہیوٗ۔ ٹوٗٹھنہِ اَمہِ فاصلہٕ سٟتی گیہ میٲنی سارِے اَرمان ختم۔ بہٕ اوسُس بی۔اے پاس کٔرِتھ کانہہ لوٚکٹ موٚکٹ نوکری یژھان تہٕ مٲلِس ماجہِ خدمتھ کرٕنی یژھان، مگر میوٗن مول اوس مےٚ بربٲدی ہنٛزِ وتہِ پٮ۪ٹھ ترٛاونہٕ خاطرٕ آمادٕ۔ مےٚ کٔری ٹوٗٹھس سٟتی وارِیاہ جراہ۔ ماجہِ تہٕ لوٗگُس ہٹابہٕ مگر ٹوٗٹھس آس کوٚکرس کُنےٚ زنگ۔ تٔمی وۄن مےٚ چھُ یہِ فاصلہٕ کانی سوٗنچِتھ سمجِتھ کوٚرمُت یہِ توٚہی وُنی کٔمِن سوٗنچِو تہٕ وٕنِتھ ییٚزِ تہٕ یہِ توٚہی پگاہ وٕنو تہٕ مےٚ۔‘‘

مےٚ سوٗنچ پانس سٟتی وُچھ تہٕ خودایہِ گیلانی صاب تہٕ چھُ مول زِ ملنٕنس نِشہِ دوٗر تھونہٕ خاطرٕ سوٗزُن اکھ نیچُو دُبے تہٕ بیا کھ علی گڈھ تہٕ بیہٕ چھُ پانہٕ آزادی ہنٛدی دَکھ دِوان۔ یہِ وُچھتن میوٗن مول یہِ چھُ خانہٕ مٲلِس نیچوٗس پننہِ پانہٕ نرکس منٛز ترٛاوان۔ بہٕ اوسُس یمےٚ غوتن زِ ٹوٗٹھن کوٚرعالان: ’’مےٚ چھُ امیُک پوٗر اِنتظام تہٕ کوٚرمُت، ژٕ ےٚ چھےٚ صُبحن اَڈ پھولے گاشہِ نیرُن۔ ژٕ روز تیار؟ وۄن تٔمی شرارتہٕ سان۔ تہٕ ہرگاہ نہٕ ژٕ مانکھ تیٖلہِ نیرٕ بہٕ پانے۔‘‘

ٹوٗٹھنی یِم تلخ الفاظ بوٗزِتھ گیہ اَسہِ عقلہِ بقل۔ اَسی گیہ ہانگل ہوی روٗزِتھ۔ یِمہ برٛونٛہہ زِ سہٕ ونہِ ہے بیہٕ کیٚنہہ بہٕ وۄتھس اَمِس کُن ’’اچھا یِیلہِ چون یوٗہے منشا چھُ بہٕ گژھ گوس یہِ پھرِن وول۔‘‘ مگر اَندری اوسُس نارژاپان زِ یہِ کٔمِتھ مول چھُ یُس پننِس کُنِس نیچِوس زانِتھ مانِتھ نارٕ گُلس منٛز دارِتھ چھُ دِوان۔

بہٕ گوس بڑٕ پریشان۔ یوٚت یوٚت تام آم زِ بہٕ ژلہٕ اَمِ ساتہٕ گرِ، مگر ستہِ سوٚنچم زِ میٲنِس مالِس ماجہِ چھُنہٕ مے ورأے بیٚیہٕ کانٛہہ سہار، گرٕچ حالتھ تہِ چھےٚ نوٗزُک۔ یم مرن بے قضا تہٕ بہٕ روزٕ نہٕ کانٛسہِ بُتھ دیُن لایکھ۔ شاید ما چھُ ٹوٗٹھن رُتےٚ سوٚنچمت، أتھی منٛز ما آسہِ سارِنٕے ہنٛز بہبوٗدی۔ مے پزٕ نہٕ ٹوٗٹھن دِل پھٕٹرٲوُن۔ مے کوٚر ژوٗرٕ جگرٕ تہٕ وونُم ٹوٗٹھس۔ ''ژٕ مابَر پرواے یہِ ژٕ ونکھ بہٕ کرٕ تے۔'' ہرگاہ یےٚ منظوٗر خودا چھُ بہٕ کُس گوس اِنکار کرن وول۔'' یہِ ووٚن مے ٹوٗٹھس نبرٕی مگر أندرٕی کُس اَلاوٕ اوسُن مے گوٚنڈمُت تہِ اُس میےٚ خبر۔

تمِن دوہَن آسی أسی سارِے أکھ ہے کُٹھس منٛز شوٚنگان۔ ٹوٗٹھن روٗٹس بہٕ راتس پانس ستی نالہٕ متہٕ۔ ماجہِ تہِ روٗزم راتس ماہ تہٕ میٹھی کران۔ راتھ گذریہٕ أتھی تذبذُبس منٛز۔ صُبحن اڑٕ پھلہِ گاشہِ گو برس ٹھس ٹھس۔ ٹوٗٹھ ووتھ یقدم تہٕ مُژرٕوُن بَر۔ سہٕ اوس شاید راتی راتس ہُشیارے زنتہٕ أتھی برٕ ٹھٕسس پٕراران اوس۔ اکھ اڑٕ وڑٕ نفرا ژاو اَندر دُعا سلام کٕرِتھ کوٚرُس بہٕ ٹوٗٹھن تس حوالہٕ تہٕ وونُس ''یہِ چھُ میوٗن جگر کھوٚنٹ أمِس کٕرٕی زِ راچھ۔'' تمٕی نفرن پِلہٕ نوو لِفافہٕ ہیٚوٕ کیاہ تام ٹاٹھس، مے توٚر نہٕ اَنہِ گٹہِ منٛز فکرٕ زِ تتھ منٛز کیاہ اوس تہٕ نہٕ کٕر مے تہِ زانٛنچ کوٗشِش۔ یہوِ خودایس حوالہٕ، اِنشا اللہ سپدِ جلدٕے مُلاقاتھ ووٚن تمٕی نفرن مالِس کُن تہٕ مے کٕرِن نِرتھ۔

مے چھُنہٕ پتہٕ پتاہ زِ کیا کیاہ تہٕ کمو کمو وتو روٗد مے سہٕ پوٚرٕ ترٕن دوہن تہٕ دون راژن پکناوان تہٕ آخر ترٕیمہِ راتھ واتہٕ نووٕنس سرحدس (بٔنٛس

ژِ دِیکھ تہٕ کوٚرنس کس تام بیٚیِس نفرس سپُرد۔ سُہ نفر اوس شاید تیپاٚری ہے۔ سُہ اوس نہٕ کاشُر بولان۔ تمہِ پتہٕ کیاہ کیاہ سپُد، کیاہ کیاہ کرٕناوِکھ، کیپاٚری کیپاٚری پھِرٕناوِکھ تہٕ ونہٕ ٹنگ چھُنہٕ مےٚ ضروٗرتھ باسان ژےٚ آسہِ ساریٚ پتاہ۔ برابر دۄن رتّن روٗدُس بہٕ تتہٕ کیمپس منٛز۔ اَسی اَسی لوکٹہٕ بڑٕ لگ بگ نفر پنٛژاہ مرٕتھ کیمپس منٛز۔ نکہٕ نکہٕ گاشہٕ اَسی تُلان تہٕ خوفتن گرٕھتھ اَسی یلہٕ ترٛاوان۔ منٛزی منٛزی اَسی راتس تہٕ لنہِ گٹس منٛز تہٕ ہتھیارن ہُند استمال کرُن ہاوان۔ اکھ اَکِس سٟتی میلن تہٕ کتھ باتھ کرٕنی اَس مناہ۔ کاشرِ پاٹھی اَسی نہٕ بلکل کتھ باتھ کرنہٕ دِوان۔ یَس نہٕ تگہِ ہے سُہ تہِ اوس ٹوٹی پھوٹی اُردو بولان۔ دۄہس کیٛو راتس اَسی زاگہِ روزان۔ خاص کر گوڈنکس رتس، یوٗ تام اَسی دماغی طور پوٚرٕ پاٹھی جہاد خاطرٕ تیار کرِکھ۔ برٛین واش کرنہٕ خاطرٕ تہٕ جذباتی بناونہٕ خاطرٕ اَسی تکریرٕ و علاوٕ فلمہٕ تہٕ ہاوان، تہٕ ہُندستانی فوجس تہٕ ہُندستانس مُتلق واریاہ قصہٕ بوزناوان۔ دماغ اَکے ترٛایہ تھونہٕ خاطرٕ اَسی کم تام دَوا کھیوٚن دِوان۔ برابر دویہ رتہٕ پتہٕ باگراوِکھ الگِ دالیِ پریڈس منٛز سارنے پننہٕ پننہٕ تربیتہٕ تہٕ صلاحتہٕ موٗجوٗب اِصلاح سامانہٕ، ڈوٗٹی چاٹ، خاص جاین ہنٛدی نقشہٕ تہٕ روپیہٕ پانٛژھ پانٛژھ ساس۔ دوٚپکھ بروٗنہہ کُن چھُو توہہِ پننہِ خرچک چارٕ پانہٕ کرُن۔ ژۄن ژۄن پانٛژن پانٛژن نفرن ہنٛز جماژ بناوِتھ کرِکھ شین ستن راژن منٛز ساریٚ سرحد یپور روانہٕ۔ بس تتہٕ پتھ ازتام چھس بہٕ یہِ ڈٟلی زِتہٕ اکی ہے زنگہِ پتھ کھڑا۔ مےٚ پرٛژھ یموٗ گوناہگار اَتھو کیاہ کیاہ اُتر کوٚر تہٕ یموٗ شرم سار اَچھو کیاہ وُچھ۔" رشیدن ترٛوو زیوٗٹھ ووشاہ اکھ۔

راہُل اوس رٕکتھ تانی پآٹھی، بڑٕ غم زدٕ اُچھوٚ رشیدس تھلہِ وُچھان۔ سُہ ووٚتھس، ''بہٕ نا پرٕژھے نہٕ زِ ژٕے کیاہ کیاہ اُتھ کوٚرتھ یمن ورِی یَن یا آزادی ہُند کُس کُس مرحلہٕ کوٚرتھ پاس، تمیُک اَنداز چھُ مےٚ مگر یہِ ونتہٕ یمہِ غرضہٕ ژٕ ٹوٚٹھن بالہٕ اپور سوٚزنکھ سہٕ مطلب گوٚواپوٚرٕ؟''

رٔشیدن کُمہٕ لٲوی وُٹھ تہٕ ووٚننس۔ ''مےٚ تور فکرِ ژٕ کیاہ چھکھ پرٕژھُن یژھان۔ دراصل میانہِ بالہٕ اپور ترنہٕ پتے ییٚلہِ یہِ خبر نار کی پآٹھی ساری ہے تحصیلس پھہلیٖیہِ، یم ~~بند~~انہٕ ہوکھ تم تہِ آٔسی ٹوٚٹھس مُبارکس آمٕتی۔ کیٚنہہ جنوٗنہٕ دادِ تہٕ کیٚنہہ خوفہٕ دادِ۔ اَدِ کتہِ روزٕ ہَن اَمہٕ رزٕنی نچوٗی پتھ۔ تم دوشوے گُلہٕ ٹنٛڈ تہٕ سُلہٕ ترٛامہٕ تہٕ آٔسی وارِ وارِ ٹوٚٹھس نِش آمٕتی۔ گُلن اوسُس یوٚت تام ووٚنمت زِ ''ٹوٚٹھا ہرگاہ کُنہِ چیزُک ضروٗرتھ آسےٚ مےٚ وَنی زِ۔'' ''تہٕ باغ؟'' راہُلن پرٕژھس۔ آ باغس مُطلق ووٚننس زِ ''چانِس باغس رچہِ اَسہِ روپیہِ، تمہٕ لجہ جہادس، مگر ژٕ مہٕ بر پرواے بہٕ کرے ژٕے پایہِ پایہِ تام واپس۔''

راہُل: اَدِ پتہٕ کرِ ہسا واپس؟ پرٕژھس راہُلن۔

رٔشید: واپس کتہِ کرِہآن، البتہٕ آٔسی نہٕ پتہٕ سون کُن بوٚدگرٕ ژھان۔''

راہُل: تہٕ چانہِ کٲشرِ واپس ترنہٕ پتہٕ کیاہ سپُد؟

رٔشید: تمہِ پتہٕ کیاہ سپُد، ونے کیاہ؟ ژٕ کیاہ کیاہ بوزکھ؟

البتہٕ ژٕ نہٕ سون کُن تموٚ منز پتہٕ کانٛسہِ نظر، صرف آٔسی فوجی کالہٕ پگاہ یوان تہٕ سانِس مکانس اَندی اَندی گتھ دِوان۔

راہُل : ٹوٹھ روٗدا پتہٕ خوش؟

رٔشیدن تڑ وو ووشاتہٕ وونس، ''خوش کیاہ روزِ ہے، بس صرف کیٛشون رتبن۔ یوٗت کال نہٕ میانہِ ملِٹنٹ ہٕنٛکی چرچہٕ زیادٕ اٲسی، پتہٕ ییلہِ بہٕ ایرا کمانڈر بنوس پتہٕ تہِ ہیوٗکُس نہٕ بہٕ زانٛہہ گرٕ گژھتھ، ٹوٹھس اٲسی اکثر پُلسہٕ وآلی کوٗ فوجی تھانس پٮ۪ٹھ رٔٹِتھ نِوان تہٕ مےٚ مُطلق پزٕژہٕ گآر کران۔ سُہ اوس سخ پسرٕ آمُت۔

البتہٕ آوٹوٹھ اکہِ دوٚیہِ پھرِ مےٚ میلنہِ، سُہ تہِ ماجہِ ہنٛدِس اِژارس پٮ۪ٹھ۔ تمہٕ اٲسی یژھان زِ بہٕ گوٚژھس خانٛدر کرُن۔ ماجہِ اٲس الگ الگ نفرن اتھِ شیٖچھ تہٕ سوزان۔ واریاہ زور لژاکھ مگر میوٚن خانٛدر کرُن اوس نہٕ مُمکِن۔ آکھر گیہِ پتہٕ تمن تہٕ تسلی تہٕ مول اوس پننہِ غلطی پٮ۪ٹھ سخ پشیمان۔ موج اٲسس کتھِ پٮ۪ٹھ پٔنٛدی کڈان۔ آخر گیہِ سو میانہِ دادِ رٔحمتہِ حق۔ بہٕ ہیوٚکُس نہٕ تمہِ دوہہٕ تہِ گرِ گژھتھ۔ مول روٗد تمہِ پتہٕ وٕری جوراہ زِندٕ۔ زِندٕ کیاہ دِپھ زِندٕ لاش فاترٕ ہنٛدی پٲٹھی اوس اورٕ یور پھیران آسان۔ گراأ کس آشناوس نِش تہٕ گرابیٚس یوٚت تام تس تہِ ساتہٕ آخر آو۔ دپان سُہ گٔزر یوٗ شفاخانس منٛز۔ بہٕ ہیوٚکُس نہٕ تہنٛدِس جنازس منٛز تہٕ شامِل سپدِتھ۔

رٔشیدس اوس اٚچھو کِنۍ زنتہٕ روٗد وسان۔ راہُلن روٗٹ تُنٛد کلہٕ پننِس سیٚنس سٟتۍ۔ تس تہِ پھوٚٹ اوٗش واریاہس کالس روٗدی یِم بُت ہِوی اکھ اٚکس سٟتۍ چٮ۪پٕتھ زن۔ واریاہہ کالۍ پرٕژھس راہُلن مگر اَمہِ پتہٕ تہِ روٗد کھٕ ژٕ اٚتھی تحریکہِ سٟتۍ پکان، کیازِ؟

رٔشید : ووشاہ تڑ اوٚتھ، کلہٕ تھوٗد تُلنہٕ ورآے۔ کیازِ چھکھ بیٚقل سوال پرٕژھان؟

ژٕے یوٚت گاٹُل چھُکھ، ژٕ کیا زِ نہٕ سمجان زِ دٔری یاوُک آب چھُ ہمیشہٕ بڑونٛہہ
بڑونٛہہ پکان روزان، کتی بۄ چھمبو، چھالو، طوٗفانو منٛزی گنٛدران مگر پتھ چھُنہٕ پھیرتھ
ہبکان۔ بہٕ تہٕ ہیٚوٚکُس نہٕ پتھ پھیرتھ۔ پھیرٕ ہا تہٕ کمہٕ خاطرٕ؟ زِندگی ہُند سار اوس
رووُمت، مقصد اوس بدلیوُمت۔ پتھ پھیرتھ تہٕ دِہان نہٕ مے سکوٗنہٕ سان روزنہٕ۔
دہا نا؟ رٔشیدن پرٛژھ بہٕ گرِ آوازِ منٛز راہلس۔ اچھا ژٕ ون یہٕ کینٛژھا تہٕ سپُد ژٕ چھُکھا
خوش تہٕ مُطمین، پرٛژھُس راہلن۔

رٔشید: خوش تہٕ مُطمین کُس چھُ زِندگی منٛز۔ ژٕ ون ژٕ چھُکھا؟

راہُل: بِلکُل نہٕ، بس اکھ طماہ چھُم۔ تِم لوکچارٕکی دوہ گژھی بیٚیہٕ واپس ینٛی، بیٚیہٕ کرٕ ہا
تتی پیٚٹھٕ زِندگی شورُو، تِمو کولہٕ بٹھو، آرو، کھلو، وِرِ وارو تہٕ ناگہٕ بٹھوٕ پیٚٹھٕ۔ سکوٗلہٕ
مٲدانہٕ تہٕ آرٕ باغہٕ پیٚٹھٕ، بمٕ ژونٛٹھی باغہٕ تہٕ کپسہٕ مرگہٕ پیٚٹھٕ۔ تِم سارے لوکچارٕکی
خاب ہیٚتھ تہٕ اکھ نوٚو مقصد ہیٚتھ زُو ہانوٕ سرٕ۔

رٔشید: نوٚو مقصد ہیٚتھ؟ گوٚونا چانی دآدی کانگرٕ تہٕ چھیے میانِے ہش۔ رٔشیدس بڑیہٕ
دِلچسپی، تمی پرٛژھ راہلس، "راہُل ژٕ وَن پانس مُتلق تہٕ کینٛہہ۔ ژٕ کتھ بنوٕ کھ فوجی ژٕ
اوسُکھ نا لوکچارس وُکیل بنٕن یژھان۔ یوٚت نہٕ ژٕ تیوٚت اوسے پاپاجی شوقہٕ سان
ژٕے وُکیلہٕ بچہٕ ونان۔

راہلن ترٛوو بڑٕ ہٹہٕ ووشا تہٕ ہیٚژن پنٛنی دآدی کانگرٕ باونی۔ "یتھوٕ حالاتو ژٕ
مِلٹنٹ بنوُو کھ، تِتھے حالاتو بنوُوس بہٕ فوجی۔ ژٕے چھیے خبر بہٕ تہٕ اوُسس پاپا
جیٖن پٲٹھی بوٚڑ بارٕ وُکیل بنٕن یژھان مگر پاپا جیٖن وٲری داتھ سپدنہٕ پتہٕ بدلیوو

سوٗرے۔ ییلہِ بی۔اے ہُک رِزلٹ دژاو بہٕ اوٗسُس جیٚمہِ مشری والا کیمپس مَنٛز۔ گوڈٕ ننوٗو نہٕ واریاہَس کالس رِزلٹے، پتہٕ تتھ کرِنوو سری نگرٕ پتاہ مگر سٹِفکیٹ واٛژ نہٕ پۆرٕ وٕریٚس۔ تیوٗت کال نہٕ ہیوٚکُس بہٕ بۆزنہٕ کُن پرٕتھ تہٕ نہٕ میچھم نوکری یِے۔ گوڈٕ اوس نہٕ خٲلی بی۔اے بۆزِتھ کانٛہہ نوکری دِنہٕ خٲطرٕ تیار گژھان۔ پتہٕ اَسی سٹِفکیٹ نۍ آسنُک بہانہٕ کرِتھ صاف اِنکار کران۔ پۆرٕ وٕری گُذرٕ بوو تتھے کٕنۍ۔ ساٛنی ماٛلی حالات اَسی بدتر۔ توٚملہِ کِلوہَن وُہَن تہٕ پانٛژن ہتَن روپیہِ یِن کیٛاہ بنہِ ہے۔ سوٗرے اوس کٕشیرِ پیوٚمُت۔ گرٕچ گرِوٕٹھ تہٕ تہٕ آسُن باسُن تہِ۔ پاپاجی نہٕ لایبریری ہُنٛد چھُم وُنہِ تہِ تیلان۔ باقٕے بنوٗو سوٗرے مگر تمہِ کِتابہٕ کتہِ بنہٕ ہان۔ خٲر اَتھی مَنٛز آو اکہِ دوہہِ عالان کرنہٕ زِ فوجی لاگن جیٚمہِ رِکہٕ روٹمنٹ کیمپ۔ ہرگاہ کانٛسہِ دِلچسپی چھےٚ، سُہ ہیکہِ پنُن ناو لیکھناوِتھ۔ پننہٕ گرِکی حالات وُچھِتھ گوس بہٕ تہِ۔

لگ بگ اَسی ژور پانٛژھ ہتھ لڑکہٕ تتہِ جماہ۔ کاکذٕ ژٕتھ دِتٕکھ مےٚ ژٕوٚرمہِ دُہُک تاریٖخ۔ تمہِ دوہہِ گوس بہٕ تہٕ کوٚرہم اِنٹرویو۔ دورٕ دور کرِناوِکھ۔ آخر دوٚپکھ ترٛیمہِ دوہہِ صُبحن بییہِ یِن مگر پھاکے یتھ زِ میڈیکل ٹیسٹ یِن کرنہٕ۔ امہِ دوہہِ گوس بہٕ صُبحٕ ہاٚے لگ بگ پوٚترٕ بن گنٹن پزارُن۔ خٲر پتہٕ تتھٕ کرِکھ ساٚرے ٹیسٹ تہٕ ترٛاوِکھ یہِ وٕنِتھ یلہِ زِیٚس سِلیکٹ گژھِتس واتہِ گرے اِطلاع۔ پۆرٕ اکہِ رتہٕ پتہٕ آیہِ تار، اتھ اوس لیکھتھ اُدھمپورٕ نارتھ کمانڈِکس دفترس مَنٛز رِپوٹ کرنہٕ خٲطرٕ۔ مےٚ ژٕل پنُن پلو بیگ، ماجہِ ہیوٚتم روخصت تہٕ ووٚتس اُدھمپور۔ بس تمے دوہہٕ گیہِ مےٚ فوجی وردی نالٕے۔"

ژٕ چھُکھا فوجی بٔنتھ خوش؟ پُرٕ ژھُس حأرأنی سان رٔشیدن؟

راہُل : خوش تہٕ ناخوش کیاہ گو۔ کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ اوس کرُن۔

رٔشید : ماجہِ دِژا ویا خوشی سانٕے اِجازتھ؟

راہُل : تس لوٚگ نہٕ کانٛہہ چارٕ۔ اکہِ طرفہٕ أس غریبی تہٕ لاچاری تہٕ بیٚیہِ طرفہٕ زِندگی نِو سرٕ شوٗرٗ کرٕنچ وَتھ۔

آ اکھ فراگتھ چھُم زِ ایمانداری تہٕ دیانداری ہنٛز نوکری چھےٚ۔ خبر بیٚیہِ کُنہ جایہِ ما آسہٕ ہارُشوٕ خوری یا بدنیتی ہُند شِکار گومُت۔

رٔشید : اَسان اَسان۔ اوگو وفوجی ہنٛز نوکری چھےٚ ایمانداری تہٕ دیانداری ہنٛز نوکری؟

راہُل : آ بلکُل۔ اتھ منٛز کیاہ شکھ چھُ۔

رٔشید : کِنٛہیے شکھ چھُنہٕ۔ آخر پنٕنہِ مُلکچ خدمت، یمن سرحدن ہنٛز راچھ راوٕٹ کرنس برابر تہِ چھا کانٛہہ فرض۔ تہٕ ضروٗرت پیٚنَس پیٚٹھ پنٛنس مُلکس پیٚٹھ اَسان اَسان قوربان گژھنہٕ خاطرِ تیار روزُن، ہرگاہ موقہٕ میلہِ اَسان اَسان پنٕنہِ چھاتہِ پیٚٹھ دُشمن ہنٛزٕ گولہِ کھیتھ شہید گژھُن؟ واہ۔ رٔشیدن وون ہزلہٕ سان۔

راہُل : ژٕ کیاہ چھُکھ ٹانٛہہ ہیوٚ کران؟ مےٚ چھےٚ واقعے یہِ خوش نصیبی باسان۔

رٔشید : راہُل ژٕ چھُکھ تیوٚتے سیوٚد ساد تہٕ چور یوٗتاہ ژٕ لوکچارس اوسُکھ۔ ژےٚ پتاہ یتھ سرحدس ژٕ وُنی کمن راچھ کران چھُکھ۔ اتھ چھےٚ بوٗلی لگان۔ ژےٚ پتاہ یوٗت چھےٚ رُشوتھ دِتھ پوسٹِنگ کرناونہٕ یِوان۔ خبر ژٕ کتھٕ لوٗگُکھ یور؟

راہُل : کیاہ بکواس چھُکھ کران؟ ژٕ چھےٚ پنٕنے پتاہ۔ پاکستانی روپیہِ رٹتھ چھووکھ بے گوناہ وتن پیٹھ قتل کران۔ افراتفری چھو پھٔہلاوان۔ راہُل آو تاشس لاینہٕ۔

رٔشید : میٔون وٕنُن چھُنہٕ بکواس۔ یتھ نومبر چوکہِ پیٹھ ژٕ وٕنی کمِن تاینات چھکھ اتھ پیٹھ چھُنہٕ پتہٕ مِین اُٹھن ؤری ین اکھ تہِ اینکونٹر گوٚمُت۔ یہِ چھےٚ از گوڈنچ لٹھ۔ ژٕ ےٚ پتاہ کیازِ۔ تہِ کیازِ سرحد پار کرنس آس بازآبتہٕ ریٹ گنڈتھ۔ از تہِ لوٗگ اَسہِ سےٚ برٛم، یوٗت کال......شاید اوس اَسہِ میلُن۔

راہُل : نہٕ تہِ ہیکہِ نہٕ ۂنتھ، ژٕ چھُکھ مےٚ گُمراہ کران۔ ژٕ چھُکھ غلط بیانی کران۔ آخر چھُکھ ژٕ مُلکُک دُشمن، ژٕ چھُکھ مےٚ جذباتی بناونچ کوٗشش کران تہٕ مےٚ نِش بچُن یژھان۔ تہِ کُرتھ مےٚ ہیٚتہٕ یور پوسٹنگ کرنس کانٛسہِ پانٛسہِ۔

رٔشید : بہٕ چھُستھ نہٕ ژٕ گُمراہ کران تہٕ نہٕ چھُ مےٚ پنُن زُو وٕنی ٹوٗٹھ۔ یُس پانہٕ گُمراہ کرنہٕ آمُت آسہِ سُہ کیاہ کرِ کانٛسہِ گُمراہ۔ البتہٕ چھُسے پزر ونان، ہرگاہ نہٕ یقین چھےٚ بہٕ ہاوے پنٕنہ ڈایری، یتھ منٛز کرتہٕ کوتاہ رقم دِنہٕ آو سُہ سوٗرے چھُ لیکھتھ۔

رٔشیدن ترٛوو کھوٗر اتھہٕ صدریہِ ہنٛدِس أندرمس چھنٛدس تہٕ اوٚر کڈٕن اکھ لوکٹ ڈیری یتھ ووزلہِ رنگہٕ کور اوس۔ یہِ کھوٚجن تہٕ ترٛاوِن راہلس برٛونٛہہ کنہٕ۔ ''رٛتھ پر پنہٕ نو أچھو۔ یہِنہٕ وٕنی ونہٕ ہم زِ اُردوٗ چھُم مُشتھ گوٚمُت؟ وُچھ یِم ناو۔ اکھ تہٕ ماچھ مُسلمان، میجر کھنا، میجر سری چند، کرنل دیدار سنگھ، کپتان راجن وغارٕ وغارٕ۔

گوڈٕ کیاہ چھُ یِمن بچارٕ بن خطاہ۔ یِمن تہِ چھِ پنٕنہ گرٕ پکہٕ ناوٕنی۔ ژٕ ےٚ پتاہ میجر راہُل چانہِ مُلکہٕ کِس ڈفینس منسٹرس خلاف کیاہ چارج چھِ تہٕ چون اکھ

پریم مِنسٹر اوس سوٗٹ کیٚس مَنٛز روپیہٕ رٹان۔

راہُل : بس رٔشید، ژٕ گوکھ وونی زیاد دے یلہٕ، راہُل گو یقدم کھڑا تہٕ مِشین گنس پلہٕ نوٗن اتھ تہٕ ہیوٗتُن رٔشیدس کُن آیہٕ ناوٗن۔

رٔشید : میانہِ خاطرٕ آسہِ یہٕ بٔڑ خوش نصیبی ہرگاہ بہٕ پنٕنہِ یارٕ ہنٛدِ اتھٕ شہید گژھہٕ۔

راہُل : شہید؟ یہٕ لفظ چھُنہٕ چانہِ زیوِ پیٹھ شوٗبان۔ ژٕ چھُکھ اکھ سُہ جنگجو، یُس بے گوناہ لوٗکن ہُنٛد قتل کران چھُ، زِناہ تہٕ جبر، لوٗٹ کھسوٗٹ گویا پرٛتھ کُنہِ غارقونوٗنی کامہِ ہُنٛد قائیل چھُ۔ اِنسانہٕ روٗپس مَنٛز اکھ شیطان۔ ژٕے چھے نہٕ زِنٛدٕ روزنُک کانٛہہ حق۔ ہرگاہ ژٕ زِنٛدٕ روٗدُکھ ژٕ کرہاکھ خبر کتاہ گرٕ برباد۔

راہُل چھُ بے پروایہِ پنٕن مِشین گن رٔشیدٕ یُس ہہتھ چھُ آسان تسنٛدِس سینٛس نزدی دیکھ واتہٕ ناوان۔ یتھے سُہ ٹرٛگرس پیٹھ پنٕنۍ اوٗنٛگ تھوان چھُ، یارِ کُلہِ پیٹھٕ چھُ اکھ وانٛدر رُکنے ووٹھ تسنٛدِس کلس پیٹھ ترٛاوان، راہلس چھُ اتھو مَنٛزٕ بنٛدوٗکھ وبسران تہٕ سُہ چھُ پتھر لاینہٕ یِوان۔

رٔشید : اَسان اَسان۔ وُچھتھا یہِ وانٛدرتہِ ہا چھُ چانہِ کھوتہٕ گاٹُل۔ اُمِس تہِ چھُنہٕ یہٕ منظوٗر زِ اکھ یار بنہٕ بیٚیِس یارٕ سُنٛد قاتِل۔ خبر ژٕے کیازِ چھےٚ زن عقل راوٕمٕژ۔ رٔشید چھُ تس کُن اتھٕ پلہٕ ناوان تہٕ راہُل چھُ اُمۍ سٕنٛدِس اَتھس تھپھ کٔرِتھ تھوٗد ووتھان تہٕ تس نزدی دیکھ بیہٕ اکہٕ پھرِ پتھر بیہان۔

ژٕے ما چھےٚ زانٛہہ ساجہِ یاد پیوان؟ رٔشیدن پرٛژھ موصوٗم چیٚشمو راہُلس۔

راہُل : کتھ مہٕ ڈال۔ ساجہٕ بچارٕ کتھ اَنۍ تھن مَنٛزس رٔتھ۔

رٔشید : واہ۔ ساجہِ نٔچاّر۔ نٔچاّر لفظس پتّھ چھُم ترس یِوان۔ نٔچاّر وِچاّر چھےٚ نہٕ کینٛہہ۔ میٖون جگری یار اوُسن پٔننس حُسنس منٛز گرِفتار کوٚرمُت، بے قرار کوٚرمُت، سُہ اوس خودکشی کرنس ووتمُت۔

راہُل : اچھا ون تس مُطلق کینٛہہ۔ راہُلنہِ بتھہِ پیٹھ گوشرارتھ زنتہٕ وُڑتھ، تس کھوٚت بُتھس ووشلُن، سُہ رٔوداٰ کس بےٚ بس اِنسانہٕ ہنٛدی پاٹھی رٔشیدنس جوابس اِنتظارس۔

رٔشید : گونا مُشراوِمُت چھُتھن نہٕ کینٛہہ؟ گوڈٕ مُشراوِتھ تہِ کتہِ ہیکہٕ ہَن۔ دِیان چھِنا زِ گوڈنیک عشق یانے فسٹ لو چھُنہٕ مرنس تام مشان۔

راہُل : ووشاترٛاوِتھ۔ رٔشیدا؟ مےٚ ووٚنے نا لوکچار نا چھُم نہٕ مشان۔ سُہ کُس آسہِ پُس لوکچار مُشِتھ کرِ۔ مےٚ چھےٚ لوکچارٕچ اکھ اکھ کتھ یاد۔

رٔشید : بہٕ چھُس نہٕ لوکچارٕچ کتھ کران۔ ئلٕی کہِ ساٗجنی کتھ۔ ژےٚ کوٗتاہ مارٕ موٗت اوسے تسنٛد۔ مگر تس تہِ اوس نہٕ کم کینٛہہ۔ سو آس چانہِ دادِ گنٛڈہِ وادٕ ورِ وارس تہٕ بم ژوٗنٛٹھی باغس منٛز درٕ زن آسان لٔج ہِژ۔ خبر یاد چھُیا؟

راہُل : مےٚ کتہِ مشَن تم دوہ۔ سُہ سورُے چھُم اکھ خاب زن باسان۔

رٔشید : سو تہِ ہا چھےٚ ژےٚ واریاہ یاد کران۔ باربار آس مےٚ ژےٚ مُطلق پرٕژھان۔ مگر بہ کیاہ ونہٕ ہاتس مےٚ ییلہِ نہٕ پانہٕ چون کانٛہہ پے پتاہ اوس۔

راہُل : اچھا سو کتہِ چھےٚ ازکل۔ تس آسکھ خانٛدر کوٚرمُت۔

رٔشید : خانٛدر۔ جناب سو چھےٚ ترٕٛ بن شُربن ہنٛز ماج۔ اداچاٗنی پاٹھی بزم چاٗری۔

راہُل : ووشاترٛاوِتھ۔ کیاہ دوہ آسی تم۔

رشید : (راہُل نہٕ دِلک حال ژٕنِتھ) راہُل ژٕے چھے نا باسان اَسی کاشرِ آیہٕ اِستمال کرنہٕ۔ تہٕ سانہٕ کشیرِ ہنٛزٕ خبر کس شیطانہٕ سنٛز نظر۔

راہُل : چانہٕ دوشوے کتھ چھےٚ پزٕر۔ کشیرِ ہنٛزٕ پٲٹھی شیطانہٕ سنٛز نظر۔ تہٕ کشیرِ ہنٛز برباد کرنہٕ خاطرٕ آیہٕ کاشرِ اِستمال کرنہٕ۔ خبر ژٕے چھےٚ یہِ دیٚدِ ہنٛز سو ذٕلیل یاد یوسہٕ سو اَسہِ لوکچارس پانس ستی شالفاہ کرنہٕ وِزِ ونان اَس زِ اَکس شہزادس اَس شہزاد اتھ حدس تام ٹاٹھ زِ یہنٛدِ چرچہٕ اَسی زمین کھو آسمانس تام۔ اَکس دُوس یُس شہزازِ ہُند دیوانہٕ اوس گوٚو نہٕ یہِ برداش۔ تس برٛوو یہنٛد کأفی رٕشک۔ تمۍ کٔرۍ کم کم جتن یم اکھ اَکس نِش دوٗر کرنہٕ خاطرٕ۔ یٮ۪لہِ نہٕ کُنہِ پٲٹھی کامیاب گوٚو تمۍ واتہٕ ناوٕ شہزازِ تام شیٚچھ زِ ہرگاہ سو شہزادس نٔزدیکھ گژھِ شہزادس پیٚیہِ اَنھو تہٕ تسنٛز بینأی گژھِ ہمیشہِ خاطرٕ۔ تہٕ شہزادس تام واتہٕ ناوٕن یہِ شیٚچھ زِ ہرگاہ سُہ شہزازِ نٔزدیکھ گژھِ شہزازِ گژھِ فالِج۔ یتھٕ کٔنۍ گیہِ تم اَکھ اَکس نِشہٕ پانے دوٗر تہٕ دیوسُند مقصد تہِ گو پوٗرٕ۔ خبر ژٕے توٗر یا فکرٕ؟

رشید : راہُلا۔ بروبر ہا گیہِ سوے باشس اَسہِ تہِ۔ دون یزارٕ نرٛن آیہٕ جُدأیی کرنہٕ۔ ژٕے چھیا دیٚدِ ہنٛز بیا کھ ذٕلیل یاد۔ دپان اَس اَکی جوٗگی تھوو بادشاہ سنٛدس دربارس منٛزٕ شرط زِ سُہ کرِ وزیرس دربارس منٛزٕ ننگہٕ۔ سارِے گیہِ حأران زِ تہِ کتھ کٔنۍ چھُ ممکِن۔ سارِوے تژووس اَسنا۔ جوٗگی اوٚن نرکأنی قلم۔ اتھ منٛزٕ برٛن ریٚیہِ، وٕزیرس نٔزدیکھ گو، قلم تژوٗن راسہٕ پٲٹھی وزیرٕ سنٛدس یزارٕ نرٛس منٛزٕ، دوٚیمہِ طرفہٕ دٕہت نس پھوکھ۔ ریٚیہِ تیلیہِ وٕزیرس زنگن۔ تس یتھے ریٚے ہٕنٛز تہٕ تژھن ٹُلہٕ ہس

سہ لوٚگ موچھِ چیر نہٕ، ییلہِ نہٕ کینٛہہ اَندٕ بوس تٕمی کوٚڑ پانٕے بیزار نبر تہٕ دُبٕٹن اوک اوٚند گُن دأرِتھ۔ دربارس سیمٕنزس روٗد أِلف ننگا۔ یتھٕ کٕنی زیوٗن جوٗگی شرط تہٕ بادشاہس نِش روٗٹن ینامہٕ۔ دوشویٕ وٕے تژوو ٹھاٹھا کران اُسنا۔ ژٕ ے چھیا پتاہ

راہُل۔ رٕشید ووٗتھس اَسان اَسان، اَز ہا اوٚس مےٚ میٛنز کٕنی تنہٕ، ینہٕ مےٚ کالیج تژوو۔ اَسیٚنی ہاچھُ موٗٹھُمت۔

راہُل : پزر چھُ۔ یہِ اَسہِ گٕدرِتھ آو تہٕ چھا کانٛسہِ گٕدربوٗمت۔ یٕمہِ ساری شہِ ہنٛدی أسی شِکار گیہِ، اَسہِ موٚٹھ سوٗرٕے اُسن بسُن تہٕ تہٕ باٚے براڈری تہٕ۔ پٔنُن موٗلُل سرمایہِ ''کاشریت'' ییٚچ مِثال دُنٛیاہس منٛز بیٚیہٕ کُنہِ میلان چھےٚ نہٕ گوٚ رُسوا زد۔

دُنٛیاہس منٛز کتہٕ چھِ أکی ہے اَستانس ہینٛدی، مُسلمان تہٕ سِکھ سٕجدٕ کران۔ دشہٕ گنٛڈان یا پٕرکرٕم دِوان، منت منٛگان تہٕ تہٕر کھالان۔ یہِ سوٗرٕے اوس کٔشیرِ ے مُمکِن۔ تِمے أسس ریٚشی وأرونان۔ جنتِ بے نظر ونان۔

رٕشید : اچھا ژٕ وَنتم یتھ سرحدس ژٕ دُنٛی کٔمن رأچھ چھُکھ یہِ کوتاہ پژون چھُ؟

راہُل : کوتاہ پژون۔ کیاہ مطلب؟

رٕشید : مطلب شیٚٹھ وٕری بژونٛہہ تہٕ اوسا یہِ سرحد۔

راہُل : شیٚٹھ وری، یہِ بنوٚو آزادی پتے۔

رٕشید : کمہِ آزادی ہنٛز کتھ چھُکھ کران۔

راہُل : ییٚلہِ أسی اَنگریزن نِش آزاد گیہِ۔

رٔشید : آیمو اَنگریزو نیران نیران اَسہِ زِ حِصہٕ کٔرِ تہٕ سانٛنہِ زٔمین بٲگراو کھ۔ سرحد بناوکھ تہٕ أسی تھٲوِکھ ہُندستانس تہٕ پٲکِستانس ماتحت۔

ژٔے تمہِ برٛونٛٹھ پتاہ؟

راہُل : آ کیاز ِنہٕ۔ تمہِ برٛونٛٹھ اٲسی راجہٕ واڑ، مختلف بادشاہی، راجہٕ مہاراجہٕ، ڈِپان ہتہٕ بٔڈی اٲسی۔

رٔشید : آ تموتہِ آسہٕ پننہِ پننہِ سرحد بناوٕمٕژ۔ تم تہِ اٲسی لۅکن اکھ أکِس سٟتی لڑایہِ متھایہِ کرناوان، اکھ أکی سُند رتھ چیٛنہٕ خاطرٕ تیار کران۔ تمن پرٛتھ ساتہٕ مسلن منٛز آوٕرِ تھاوان۔ گاہے مذہب کِس بِناہَس پیٹھ، گاہے زبان، گاہے قوم تہٕ گاہے سرحد۔ یتھٕ کٔنی اٲسی لۅکن نبتھ ہوان تہٕ راج کران۔ بیوقوف لۅکھ اٲسی یِمنٕے مسلن منٛز ہمیشہٕ آوٕرِ روزان۔ اکھ أکِس قتل کران، پیڑ در پیڑ دُشمنی منٛز مبطلع روزان۔ تِہنٛزن أچھن پیٹھ اوس ہمیشہٕ پردٕ ترٛاونہٕ یِوان۔ أچھن اٲسکھ کچھ ژھنان۔

راہُل : چون مطلب چھا یہِ سورٕے چھُ بے معنی۔ یہِ أسی کران چھِ، سُہ چون مقصد، یہِ میٛون سرحدن راچھ کرٕنی، یہِ ڈِوٹی، یہِ فرِض۔ ہرگاہ ژٔے یِوٚت سچ چھے تیٛلہِ کیازِ نہٕ ژٕیم جامہٕ ژٕٹتھ آزاد گژھان۔ پننین ساتھیَن یہِ حقیقت سمجاوان۔

رٔشید : یہِ چھُے ژٔے تہِ سمجن تہٕ مےٚ تہِ۔ مگر یہِ چھُنہٕ تیوٚت سہَل یوٚت ژٔے باسان چھُے۔ یہِ اِفراتفری برقرار تھونس منٛز چھُ واریاہَن ہُند اتھٕ تہِ تہٕ فایِد تہِ۔ مختلف اَفسرن، بدماشن، سُمگلرن، سیاست دانن، فوجی افسرِن تہٕ وقتہٕ کِہن حُکمرانن ہُند تہِ۔ واریاہَن مُلکن ہُند پوٚٹ چھُ وو کھلس منٛز۔ یہِ کھُر کڈُن چھُنہٕ سہَل۔

راہُل : گۄو نا اَسی روزو اِستمال گژھان، اکھ ئر روزِ سرحدس رٲچھ کران تہٕ بیا کھ سرحدس چیران۔ واہ کیاہ تقدیر چھُ سون۔

رٔشید : مۄزوٗری چھِ نا دِوان۔ پنٕنہ پنٕنہِ مقدوٗرٕ تہٕ مُقدرٕ مۄجوٗب۔ پرٲنہِ زمانٕکی پأٹھی ماچھِ بیگأری ہوان۔ ئلی کہِ چھِ مُرتھ تہِ تمگہٕ میلان۔ ژےٚ تہِ میلیٚ ضۄرۄر اکھ تمگہٕ۔

راہُل : ژٕ چھُکھ عجیب کتھہٕ کران۔ کینٛہہ ماچھُتھ چیومُت؟ چرس یا بیہِ کینٛہہ۔

رٔشید : آ بے گوناہ اِنسانن ہُنٛد رتھ چھُم خۄنس گژھ دِوان۔ یا ما گوس لوکچار کس یارٕ سُنٛد موسوٗمہٕ بُتھ وُچِھتھ جۄنی۔ یا شاید یتھ No man's land یانے بے پُرسان زمینہِ ژکلس پیٹھ بہتھ تجم شاید اِنسأنی قدرٕ پرٕزناوِنہٕ، شاید ما کھُلیم شِہِ ہنز تریم اَچھ یا ماوُ زنیہِ کُنڈلنی۔ تمے ہیۆتم سورے فِکرِ ترُن۔

راہُل : تیلہِ کیاہ چھُکھ ژٕ ونان؟ کیاہ پزِ کرُن؟

رٔشید : بَس ووٗنی نہٕ بیہِ کینٛہہ۔ ووٗنی گوسبٕٹھاہ۔ مےٚ چھُ پانس نِش پنُن علاج۔ تمی تژ وو سدرِ اَندرِ مس چھنٛدس بیہِ اتھہٕ اور کوٚژن نیۆل کیپشوٗل؛ اکھ تہٕ رۆژن دون اوٗنگجن درمیان۔

راہُل : نہٕ نہٕ رشیدا یہِ کیاہ چھُکھ ژٕ کران۔ یہِ چھُنہٕ صحی قدم یہِ گیہِ بُزدِلی۔

رٔشید : یہِ بے پُرسان زمینہٕ ژکُل No man's land نہٕ ہِنٛدُستان تہٕ نہٕ پأکستان، آزاد بِلکُل آزاد جاے، میأنین خابن ہُنٛد تأبیر زنتہٕ میأنی کٔشیر۔ اَمہِ کھۄتہٕ جنت کیاہ آسہِ مےٚ نصیبس۔

راہُل : نا بایا نا یہِ فٲترِگی ما کر۔ اَسہِ حل چھُ ژھانڈُن۔ تیلہِ کُس أنزراوِ سون مسلہٕ۔ اَسہِ چھاپر در پپر تِتھے کُنہٕ عذابس منٛز روزُن، کٹ پُتلی بٔنتھ روزُن، لُکہٕ ہنٛزِ کانگر پھٕرِ کران روزُن۔ کِنہٕ پٔنُن مسلہٕ پانہٕ وٲنی زٲلتھ میلتھ أنزراوٕن؟

أتھی دوران چھےٚ تیز تیز قدمن ہنٛز آواز گژھان ٹُسرِ، گُسرِ ہتشہِ گژھان تہٕ اکھ کرٛکھ یمن کنَن گژھان۔

''تہُنٛد مسلہٕ أنزراوٕ أسۍ پانے۔ توٚہۍ مہٕ بٔرِو پرواے۔'' اَمہِ برٛونٛہہ زِ تہنٛزِ گولہِ کرہاٚن یمن سینہٕ چھلنی زشیدن کیپشولن أس پٔنٕنی کام کٔرمٕژ۔

راہُل یُس تس اَتھواس کٔرِتھ اوس آوتس پپٕھ لاینہٕ زنتہٕ نالہِ مِتٕس آس۔ دوشونی ہنٛزٕ أچھ آسہٕ وژھے زنتہٕ شیطانس وُنی دِوان آسہٕ۔ سارِے مسلہٕ گیہِ أتی نٕے ختم۔

دوٚیمہِ دوہہٕ اوس یہُنٛد فوٹو سارنٕے اخبارن چھپہٕ مُت۔ تلہٕ کنہِ أس موٹین لفظن منٛزٕ یہِ خبر'' ہے ہِکِچہٕ سرحدٕ نزٕی دیکھ بے پُرسان زمینہِ پپٕھ آو اکھ بوٚڈ بارٕ جنگجو یانے مِلیٹنٹ انکوئنٹرس منٛز مارنہٕ، اکھ فوجی میجر تہٕ گو شہید۔ مِلیٹنٹس نِش آیہِ اکھ ڈایری برآمد کرنہٕ یتھ منٛز ہِندُستٲنی فوجی ٹھِکانن تہٕ واریاہَن فوجی اَفسرن ہنٛز نِشاندہی کرنہٕ آمٕژ أس۔ ہرگاہ نہٕ انکوئنٹر سپدِ ہے کٲفی مٲلی تہٕ جٲنی نوقصانٕک اَندیشہِ اوس۔ کامیاب انکوئنٹر خاطرِ چھُ سرکارن ینامُک عٲلان تہٕ کوٚرمت تہٕ شہید سپدنہٕ وٲلِس فوجی اَفسرس توٚمگہٕ دِنٕک تہِ عٲلان کوٚرمُت۔

☆☆☆

# مقصد

دوہ لۄسی مِتس اوس واریاہ وَکھ گومُت۔ خوچِنج نِماز آس لۄکو کرتام پرٕمژ تہٕ سارِے آسی دارِ بَر ترٛۄپرِتھ پنٕنیٚن گرن منٛز یہِ ڈٕلِز زنتہٕ وُٹسی گأمتی۔ زآنہٕ دبد تہِ آس منڈٕوِکس خبر کتھ کوٚنس منٛز شرٛ پیٚمٕژ۔ حسینہٕ أسن حسبہٕ موموٗل پأٹھی أندرمس کمرس منٛز یہِ ڈٕلِز تہِ زنتہٕ قآد گٔرمٕژ۔ دروازس أندرٕ ی چھُکٕنی تہٕ نیٚبرٕ ی بأنکل تہٕ کُلف۔ یہِ ہأے آس ہُنہِ مُشیدِ ہنٛز جِتاہِش بہِتھ۔ پٔتی موترٛیٚو رِتو پیٹھہ اوس رتن پور گامُک نقشے زن بدلیوٗمُت۔ دوہس آسی لۄکھ مجبوٗری کِنٛز ژلہٕ لارِ پٔننیٚن پٔننیٚن کارن نیران، مگر راتس اوس سوٗرٕے گام قبرِستان ہیوٗ بنان۔ نہٕ کُنہِ زَن تہٕ نہٕ زأنٛژِن۔ زِندگی ہُند کانٛہہ آکارٕے اوس نہٕ درٛأنٛٹھی گژھان۔ نأرٕ ی مرگہِ ہنٛدی

قہٕر اجالن اوس بییہِ اکہِ پھرِ لوٗکن ہِنٛدِس دِلہٕ و دِماغس پیٹھ یوتاہ غلبہٕ کوٚرمُت زِ تِمن اوس زِنٛدگی ہُنٛد لوٚہ لنگر پوٚرِ پأٹھی موٗٹھمُت۔ راتس گاش زالُن اوس مُشِتھے گومُت۔ کینٛژھا اوس فرمانک خوف تہٕ کینٛژھا گاشس منٛزٕ نوٗن نیرنک ڈر۔ اَنہٕ گٹہٕ اُس زِنٛدگی پوٚرِ پأٹھی گیر گرٛامٕژ۔ رتن پور اوس زنتہٕ بییہِ اکھ قدیم زمانک گام بنوٚمُت۔ گوڈٕ رتن پورے یوت کیاز زِ ئلی کہِ اوس سارِے کٲشِرِ ہُنٛد یوہے حسبہِ حال سُہ کتہِ عُنب عُنب رأژ تام لوٗکن ہُنٛد ہٹرِ ہٹرِ پھیرُن، زوٗنہٕ رأژن ژیر تام زنانن ہُنٛد ہلِچہ تہٕ روٗف کرُن، نژُن تہٕ گِنٛدُن، عأبت تہٕ غأبت کرِنۍ تہٕ مردن ہُنٛد دوٚہی دوٚہس ہکُن تہٕ جھکھُن تہٕ شامس ژیرتام کبڈی گِنٛدُن، منڈیجہ لاگُن تہٕ رأتی راتس بچہِ نغمہٕ تہٕ گوٚن محفلہٕ سجاونہِ۔ تہِ سوٗرٕے اوس ووٚنۍ فقت اکھ خاب باسان۔ گویا کہِ زِنٛدگی ہُنٛد معنی تہِ اوس بدلوٚمُت تہٕ مقصد تہِ۔

زأنہٕ دبہٕ اُس پوٚزُے وَنان زِ سانہِ کٲشِرِ ئِچ خبر کس شیطانہٕ ہنٛزٕ نظر۔ سوٗرٕے کینٛہہ بدلوٚو۔ نتہٕ وُچھتہٕ ہرگاہ کوکر پوٚت گاڑِتل گرٛژھِ ہے سوٗرٕے گام اوس جماہ گرٛژھان، مگر ووٚنۍ چھِ کم کم گوٚنڈر وتن پیٹھ شہید گرٛژھان سُرٕ بٔنۍ کاوتہِ چھکھ نہٕ ووتھان۔ ہوٚن تانۍ چھُکھ نہٕ بزٕونہہ کُن پکان۔ زأنہٕ دبہِ بچارتہِ کیاہ خطا اوس تٔسے اوس بٔنتھ تہٕ گُدرِتھ آمُت۔ تسُنٛد اکھ اکھ وہلاپھ اوس تسُنٛدٕ بن تلخ تجربُن ہُنٛد ثوبوٗتھ۔ سو اُس زِنٛدگی نِشہِ بیزار گامٕژ۔ توٚے اُس کتھِ کتھِ پیٹھ وَنان ''ہاے خودایہِ کتھ کٲشِرِ کیاہ گو؟'' مگر ریٛشی صاب اوس نہٕ تسنٛزٕ اتھ رایہِ ستۍ مُتفِق۔ سُہ اوس مانان زِ کأشرِس قومس ستۍ چھُ دوکھہٕ کرنہٕ آمُت تہٕ موجوٗدٕ حالاتھ چھِ تمے

جالسازی ہُند نتیجہِ۔ ''اَسہِ چھُ یِمن حالاتن ہُند صحی فأیِد تُلُن تہٕ پننہِ تقدیرُک پانہٕ فأصلہِ کرُن۔ اَمہِ خاطرٕ پیٚیہِ تَن اَسہِ رنگہٕ رنگہٕ قوربأنی دِنہِ۔ أسی دِمو ضۆرۆر۔'' خبر وُنہِ کوسہِ قوربأنی چھے باقے، زاٗنہٕ دبہ آسس شرارتہٕ سان پرٛژھان۔ یِمن دوشونی باٗژن آس أتھی کتھِ پیٹھ دملہِ حمل آسان۔ مگر آخرس آس زاٗنہٕ دبہ ہار مانان تہٕ بُنان وَنان پۆت ہوان زِ ''ژے ہتی کُس کرِ وونی بحث۔ ژے چھے کوکرس گٔنے زنگا۔''

زاٗنہٕ دبہ کتہِ پوشہِ ہے ریشی صاٗبس۔ ریشی صاٗب اوس سیاسی ماحولس منز پلیوٗمت۔ تٔسند مول اوس شیخ صاٗبنہِ پارٹی ہُند اکھ أہم کارکُن روٗدمُت۔ تس آس رگن رگن منز سیاست برِتھ۔ لیہاذا آس تٔسندِ ہن جرہَن بژونیہ کنہِ زاٗنہٕ دبہ لاجواب گژھان، تہٕ آخرس پۆت ہوان تہٕ لی وَنان وانٛ گُژھس کُن نیران زِ ''کٔشیرِ لٔج خبر کَس شیطانہِ سنٛز نظر۔ خبر کیاہ بنہِ، خبر کیاہ ییہِ گُدرِتھ۔ ہی بأری تعالا اَسہِ کرِ گونہِ ہَن اَفوٗ۔'' ریشی صاٗبُن مانُن اوس زِ ''ہرگاہ قوربأنی دِنہِ ییہِ نہٕ تیلہِ کتہِ پرٛاوو أسی پنُن مقصد۔ سانہِ ووٚجوٗدُک چھُ اکوے مقصد۔''

ریشی صاٗبنہِ مقصدُک کیاہ تصوٗر اوس تہِ آسہِ ہے تٔسی خبر مگر زاٗنہٕ دبہِ ہنٛزِ زندگی ہُند مقصد اوس تمہِ وِزِ ختم گومُت ییلہِ تٔسند خونہِ جگر، ربہ کھونٹ تہٕ خانہٕ مول نیچُو غُلام حسن اچانک پاٗٹھی تسنٛز ونظرو نشہِ دوٗر سپُد۔ زَن گوس نوش لبہِ ہُند عجب مُلک۔ کالہِ اوسُن پننو اتھو کوج کھوومُت تہٕ کلس پھش پھش دِوان اوسُن پانس لرِ سوومُت، مگر صُبحن یتھےٚ اژ پھلہِ گاشہِ أچھ مُژراوِہن غُلام حسن اوس نہٕ کُنے

بۄد۔ أشی دأدی لد ہٕندی پأٹھی ژھونڈ کھ ژوپأری۔ تمام ہمسایِن، اَشناون، یارَن دوستن کٮ۪و زأنی کارَن نِشہِ کوٚرُکھ ڈٲری یاف مگر غُلام حسنُن کانٛہہ تہِ پے پتاہ موٗلُکھ نہٕ۔ یوٚت نہٕ غُلام حسنٕنہِ لاپتہٕ گژھنُک، غم پیوٚکھ تیوٚت اوسُکھ لُکہٕ کتھہٕ بوٗزِتھ دِل ہٕندر بوٗمُت۔ اَڑبو ووٚن سُہ آسہِ بالہٕ اَپور توٚرمُت تہٕ اَڑبو زِ سُہ آسہِ خبر کتہِ بے قضا مارنہٕ آمُت۔ یعنی پیٚتی اَس تیٚژ کتھہٕ۔ اتھ کتھہِ تہِ اوس ووٚنی لگ بگ ڈوڈ ؤری گوٚمُت مگر زأنہٕ دیدِ اوس زنتہٕ کالُک بتہٕ یاد۔ غُلام حسنُن اوس کینژ ودوہو پیٹھہٕ زنتہٕ ترٛہن تہٕ ژۄوہَن گوٚمُت آسان۔ گرٕ اژنُس تہِ اوٚسُس نہٕ کانٛہہ وکتھا۔ گرا ژورِ بجہِ پتے تہٕ گرا خوفتَن گژھِتھ۔ خبر کالیج اوسا گژھان تہِ کِنہٕ نہٕ؟

زأنہٕ دیدِ ہُند اَنُمانہٕ اوس شاید صحیٖح۔ سو اَس تس مألِس نِش تہِ دوٚرتھونچ کوٚشِش کران مگر ووٚنی ماپکہِ ہیٚس ستی ستی۔ نبرٕ اوس بدلے ہوا چلان اَخر سِپُد تِے یمیک تس خٔدشہِ اوس۔ زأنہٕ دیدِ اوس نیچوٗ ہٕندی دوکھن ہول کوٚرمُت۔ ییٚلہِ اَتھ زونس گژھِ ہے تس اوس وأراگ یوان تہٕ مژر ووتھان۔ سو اَس خانٛدارس بُچھنہِ یوان۔ تٕہندی کِنی اوس ریشی صأبے اَمیک ذِمہٕ وار، لہٰذا اَسِس کتھ کتھہِ پیٹھ زُرکہِ دِوان۔ مگر ریشی صأب اوس تس اَکھ اژان تہٕ بیوقوف زنان مانان۔ سُہ اوٚسُس شرارتہٕ سان وَنان "ژٕ ترنے نہٕ یمہٕ کتھہِ فکرِ۔ گژھ پانس بیٚہہ دانٛ کُٹھس منز۔ ژٕے کیاہ پتاہ چھے زمانہٕ کتہِ کور ووت۔"

زمانہٕ اوس والٕہٕ بدلوٚمُت۔ یم لوٗکھ گاسہٕ تُلِس کھوژان اَسی تم اَسی ووٚنی کانٛگرِ بدلہٕ بیٚہہ منز "کلشن کوف" ہیٚتھ نژان۔ ریشی صأب اوس نہٕ رتن پوٗرِس

مَنٛزٕ ے ئلی کہِ اتھ ساری ہے علاقس مِنٛز اکھ وبُو د ناو۔ سُہ اوس نہٕ تحریکہِ ہُند خاہٕ
خاہے یوت ئلکہِ اوس تحریکہِ ہُند اکھ اہم کارکُن کسو وتہٕ ہاوُک۔

دَپان مُجاہد تیار کرنس مَنٛز اوس سُہ پیش پیش۔ توَے اوس پٔتِمو دوِیو
ترٛیِو رِتو پیٹھ سُہ بانگہِ نیران تہٕ ژانگہِ گرٕ اژان۔ گاہے گاہے آسس راتھ تہٕ
نبرٕ ے پھُٹان تہٕ باضے اوس نہٕ دون دون ترٛہن ترٛہن دوہَن تہٕ گرٕ اژان۔ از تہٕ
اوس سُہ صُبحن کوکر بانگے گرٕ دژامُت مگر وُنٛک تام تہٕ اوس نہٕ کُنہِ نوٗن۔ حالانکہِ
زأنہٕ دبدٕ ہِندِ خاطرٕ آس یہِ اکھ موموٗلچ کتھا مگر اَز زن آس سو زیادٕ ے گابیرمٕژ
ہش۔ یَنہٕ یہِ کتھ پھٔلیہِ زِ گامہٕ کس ژُوٕتس پیٹھ چھےٚ خبر کس نفرٕ سٕنٛز لاش، سو
ترٛہ ریہٕ۔ تنہٕ پیٹھ وٕژھ نہٕ سو بون تہٕ شامہٕ پٔتِ آسن دارِ بَر ترٛوٕ پرتھ تھوٕمتِ تہٕ
آس اَنہِ گٹس مَنٛز راتہٕ موغلا ہش بہتھ۔ پہٕرٕ پتہٕ پہٕرٕ آس تھوٚد وٕتھتھ أندرِمس
کمرس نِش گرٛھتھ خسینٕس ہتِ درواز لیہِ مَنٛزی کنہِ فرٛشارے کران۔ زأنہٕ دبدٕ آس
اَکاَے فِکرِ ستاوان زِ تتہٕ آسیا زخسینٕس کرِ سبدِ بتھِ گرٕ مَنٛز روٗحتھ۔ حالانکہِ خسینہٕ
آس نہٕ وأنسہِ کُنٕ زیادٕ بُڈ کینٛہہ۔ سو آسہِ ہے مَسا وُہر شُراہہ مگر بدحالاتو کُنٕ آس
زأنہٕ دبد تٕہنٛدِ خاندرٕ باپتھ زنتہٕ تتہٕ پٔترن لٔجمٕژ۔ سو آس ریشی صأبس تہٕ مگر لگتھ زِ
جلد از جلد کرٕن سُہ خسینٕن رِشتہٕ کُنہِ طے۔ مگر تٕہنٛدِ آوریرٕ کُنٕ آس بیٚش آنٛتہٕ گامٕژ زِ
وتہٕ پکونٕن تام آس تٕہنٛدِ خاندرُک واسطہٕ دِوان۔ تس اوس یہِ احساس زِ یہِ کار چھُ
تس پانے نکھٕ والُن۔ توَے آسن مَنٛزِم یارس تہٕ شنٛچھ تھاوِمٕژ۔

آنٛگنچہٕ برنہٕ یام ٹھس ٹھس گوٚ زأنہٕ دبد گیہِ کن کھڑا۔ دِلچ دُبرارے گیس

تیز یقدم کھٔرٕ کأنی پیٹھ تہٕ دِژن ژۄرِ ژۄرِ دارِ کِنی نظر اَتہٕ گیس کیاہتام ژھاے ہش نظرِ۔ کینہہ تہٕ گس نہٕ بوزُن زِ کُس گژھہِ آسُن۔ پتہٕ یتھُے برنہٕ ہِنٛدِ ہأنکلہِ ہنٛزٕ آواز پۆتُس پتھ ترٛیِہ لٹہِ گیہِ زأنہٕ دبدِ گیہِ فراگتھ زِ یہِ گژھہِ ریشی صأبٕ آسُن تہٕ ؤژھ جل جل بون۔ وارٕ وارٕ مُژ رووُن تنبہٕ ہُنٛد درواز تہٕ دژایہِ لوتہِ لوتہٕ آنگنس منٛز تہٕ وأتژ برنہِ نِش۔ یتھُے برنہٕ لِیہِ کِنی نظر دِژن أمس گیہِ عقلہِ بقل اَتہٕ وُچھن ریشی صأبَس سٟتی وردی پوش جوراہ۔ یہِ گیہِ أشی درٕ ہِنٛدی پأٹھی رۆزِتھ۔ ریشی صأبن ژیوٚن زِ زأنہٕ دبدِ ہُنٛد شکھ چھُ جأیِزٕ تمی دِژس لوتہِ آوازِ "بَرنی کھۄلو یم چھِ پنہٕ نے نفر۔"

زأنہٕ دبدِ مُژ رأو وارٕ وارٕ ہأنکل تہٕ کھۄجن برنی۔ ریشی صأب ژاو ؤلی ؤلی اندر تہٕ ؤنن خاندارنہِ کنَس منٛز کیاہتام شیٚچھ، تمہِ ترٛووفرٛ کھ ہوٚ۔ ریشی صأب دژاو بیٚیہ برنہِ نبر تہٕ ژأنن پأنس سٟتی نفر جوراہ اندر۔ سأرے ژایہِ یقدم اَندر۔ بیٚیہِ تھۄکھ برنہٕ تہٕ بَر ترٛۆوٗ پرتھ۔ ریشی صأب تہٕ تِہنٛدی میہمان پٔٹھی تنبہٕ منٛز اَنہٕ گٔٹے پتھر۔ زأنہٕ دبد گیہِ۔ رَنن گُٹھس کُن تہٕ ہۆتُن پرٛژھن ہنٛزٕ میہمان نوأزی ہُنٛد انتظام کرُن۔ ریٚشی صأبن پلناوِ لیپھ جوراہ پرٛژھن کُن۔ تم پٔٹھی لبہٕ کُن ڈوٚکھ دِتھ۔ صِلاح سامانہٕ تھۄکھ اوٚک اوٚند تہٕ ترٛووٗکھ ڈایھ ہوٚ۔ ریشی صأبن بُرتمأ کی چلماہ تہٕ پلہٕ ناوٚن تمن کُن جیٚچیر۔ أکی نفرن کوٚڑ چنٛدٕ منٛزٕ لِفافا اکھ، امہِ منٛزٕ ترٛأون اکھ پھکھا چلمہِ منٛز تہٕ گوٚنڈُن چلمہِ کُنی دام۔

ریشی صأب دژاو رَنن گُٹھس کُن تہٕ لوٚگ خاندرنہٕ سٟتی کتھ باتھ کرنہٕ۔

''دۆپمۍ ہو ژٕے مارناوباتھا کوکر پۆت۔'' تمی پرٛژھ خانٛدارنہٕ۔

زأنہٕ دبد: بڈٕ مُشکلِن رۆٹُم وہاب کاکُن سُلہٕ، مانہٕ نمے نہٕ، از رۆدا کأنٛسہٕ

أچھن منٛز آب۔ زارٕ پارٕ کوٚر مَس۔

ریشی صاب: اَدِ تیار چھے نا؟

زأنہٕ دبد: سورٕے چھُ تیار۔ یکہِ سِنس کرٕ وُشنیر ہوٚ۔

ریشی صاب: دۆپمو ہوٗ حُسینَس چھا خارٕے۔ سو کتہٕ چھےٚ؟

زأنہٕ دبد: توتہِ پیےٚ حُسینہٕ یاد۔ دۆپمۍ حالات چھِ دوہ کھوتہٕ دوہ بِگڑان۔ میٚہر بأنی

کرِتھ کرِتہٕ تُسنٛد کینٛہہ چارٕ۔ بہ چھس دَپان تتہِ بنہٕ زِ سو گژھِ وارٕ کارٕ پٔنِن وأرِیو۔

ریشی صاب: ژٕ مَتہٕ برتہٕ پرواے۔ اِنشا اللہ گژھِ سورٕے ٹھیکھ۔ مےٚ چھنا تسنٛز

فِکرٕ۔ یوٚ ژھے مأ لکن تُسنٛد خانٛدرکروأسی آزاد فِضہاس منٛز۔ وونی چھےٚ نہٕ زیادٕ تأر۔

تہِ کرِتھ سوے راتچ شُر چھےٚ۔

زأنہٕ دبد: شُر چھےٚ مگر حالاتن کُن وُچھِتھ چھس ترٕہ ران۔ از تہٕ آسی فوجی دۆہٕ

دوہَس گامَس گتھ دِوان۔

ریشی صاب: (حأرانی سان) کیٛا سنا۔ خاص اوسا کینٛہہ۔

زأنہٕ دبد: دپان کسٕنز تانٛی لاش آس ژۆتس پیٹھ۔

ریشی صاب: کسٕنز سنا؟

زأنہٕ دبد: خبر چھےٚ ما۔ سُلہٕ اوس ونان کُمی تام چھےٚ مُکبرے کرٕمٕژ زیور چھِ کاکھ

پِوان گژھان۔

ریشی صاب : اوتِمن لگن بلایہِ۔ یمو بدلاو پننۍ چال۔ فرمان چھُکھ ز، فوجی وردی لاگِتھ گرٛٹھ ہِ پھیرُن۔ یتھ زَن دُشمنس دونٛکھ لگہِ۔

زٲنہٕ دبد : اَکھتُے ییلہِ ژٕ ے ستۍ یم وردی پوش وُچھم۔ مےٚ ژٕج کھور و تلہٕ زمین نیرِتھ۔ باسیوم شاہمتنہِ کارٕ ما آیہِ فوجی اَسےِ ولنہٕ۔

ریشی صاب : توٚ ریا فکرِ یہُند کوڑ کوتاہ تیز چھُ۔

زٲنہٕ دبد : اچھا از کیاز ِ گوٚ ے زیادٕ ے ژٕیر۔ مےٚ آس سخ پریشانی۔

ریشی صاب : دراصل اوس کا کہٕ پورِ کرٕنیک ڈوٗن چلان۔ تتہِ پھسییہ گنٛٹن جوراہَن۔ اَسۍ پیٛٹھی نمبر ڈلس مَنٛزٕ ے۔ یوٚت کال فوجی دژایہِ۔

زٲنہٕ دبد : اچھا پکھ وہراو دسترخان۔ بہٕ انوٕ بتہٕ۔ اکھتُے کرتہٕ حسینس تہِ آلو۔

ریشی صاب دژاو اَندرِمس کُٹھس کُن تہٕ کوٚرُن حسینس دروازس ٹھُکھ ٹھُکھ۔ تمہِ مُژ روو درواز تہٕ روٗژُن مول نالہٕ متہٕ۔ ریشی صابن کوٚرنس ڈیکس مۄٚ ٹھا تہٕ اتھس تھپھ کرِتھ اَنِن پانس ستۍ۔ سوتڑ آوِن داۍ کُٹھس نِش تہٕ پانہٕ ژاو تنبہٕ منٛز۔

کاکھ آسۍ وونسنٕس آہتۍ۔ شاید اوسُکھ چلمہِ ہُند نشہٕ رُمس رُمس پھہلومُت۔ بُتھی آسکھ وو شلیمتۍ۔ اَتھی منٛز ژایہِ حسینہٕ دسترخان ہتھ تہٕ وہروٗن پرٛژھن بزٕ ونٛھ کنہِ۔ ریشی صابن اَنۍ تشنارِ تہٕ پھُٹراوناوِن یم اتھہِ۔ زٲنہٕ دبِد اوٚن بتہٕ تہٕ سجوٗن دسترخانس پیٛٹھ۔ ریشی صابن کرنو گرِکمن ہُند تارُف پرٛژھن ستۍ تہٕ لوگ تمو بتہٕ کھون۔ زٲنہٕ دبِد اوس سارِنے دارِلئین کاغذ لوگمُت یتھ نہٕ اَندرِم گاش نبر گرٛٹھ ہِ توتہِ تھوٗن لال ٹین پتھ پہن۔ حسینہٕ پیٛٹھی اَند کُن لال ٹینس نکھ

پہن تہٕ ریشی صاب تہٕ زأنہٕ دبد رۄری پرٛٚھن ہنٛز خاطرٕ دأری کران۔

کاکھ أسی اکھ اکھ کوکر بأو دندن تل بڑ کان تہٕ ذۄر کُن بہتھ حُسینس کُن تلی ٹارِ نظرا دِوان۔ شاید اوسکھ متھ گرٛھان زِتس تہٕ بڑکہٕ بأن دندس تل۔ أتھی اَسناہس منٛز گو سارِنے مُشیدَ ہنٛزِ گنٹی ہُنٛد صدا کنن۔ اکھ ہل چل ؤڈھ۔ ستی گو مُشید ہنٛدِ لوٗڑسپیکرٕ پٮ۪ٹھٕ عالان زِ گامکی سأرے لۄکھ زنانہٕ کیو مرد نیرن شِناختی پریڈ خاطرٕ گرِ منٛزٕ پھٹاپھٹ نبر تہٕ گرٛھن سکوٗلہٕ کِس ماٰدانس منٛز جماہ۔ ہرگاہ نہٕ أڈِس گنٹس اندر اندر تمام لۄکھ گرٕ منٛزٕ نیرِتھ سکوٗلہٕ ماٰدانس منٛز جماہ گرٛھن أسی کرٕ گرٕ پتہٕ گرِ تلاشی شوٗرۄ۔ ریشی صاب تہٕ تسٕنٛز خاندرٛنی ترٛہ ریٮ۪ہ۔ یمو دۄپ از چھنہٕ بچن باتھ از گرٛھِ سرس پھاش تہٕ کاکن ستی ستی نن فوجی یمن سارِنے باٰژن زدٕ کوفتہٕ کٔرِتھ ژٕتتھ۔ ریشی صابَس وُزیہٕ یقدم اکھ تدبیر۔ تٔمی وۄن آشنہٕ زِ تم کرن حُسینس تہٕ مُجاہدن گرِ کِس بانہٕ کُٹھس منٛز بنٛد بُتھِ تھوٚن دروازس گاسہٕ تنٛدل کھاٰرِتھ یُتھ نہٕ کانٛسہٕ شکھے گرٛھِ۔ یقدم کۆر تمو اتھ ترکیبس پٮ۪ٹھ عمل تہٕ یم ترٛیشوٚے اتہٕ بنٛد کٔرِتھ دژایہٕ دۄشوے باٰژ گرِ نبر تہٕ نبرٕ کۆر کھ دروازن کُلف۔

سکوٗلہٕ کِس ماٰدانس منٛز أسی سأرے گامکی لاٰنہٕ بناوِتھ جماہ۔ پچھان أس جاٰری۔ نفر ژومبرٕ یم زن اَمہِ گامکین لۄکن ستی ٹھیکھ پاٹھی واقف أسی، أسی فوجین شِناختس منٛز مدد کران۔ ریشی صاب تہٕ تسٕنٛز خانہٕ دارٛنی تہٕ پٮ۪ٹھی راٰسہٕ راٰسہٕ لاٰنہِ أکِس منٛز۔ فوجی تہٕ تہنٛدی مُکبر أسی أکس أکس نفرس نِش گرٛھان تہٕ تہنٛز شناخت سکبہٕ کرناوان۔ یُتھے ریشی صابٕنی واٰرۍ واٰژ أکی مُکبرن وۄن فوجیس کنس منٛز کیاہتام۔

فوجین ترٛوو ڈنڈٕ دبا ریشی صاٲبَس تہٕ پرٛژھنَس ''تمھاری بیٹی کہاں ہے؟'' ریشی صاٲب
تہِ اوس نہٕ کینٛہہ کم پایہِ، تٔمۍ وۄنُس یقدم جواب زِ سو چھےٚ راتھے ماتامال گامٕژ۔ اَسہِ چھُ
گرِ کُلُف۔ فوجی گوا مُطمئین کِنہٕ نہٕ مگر مُکبرِن ترٛاو ریشی صاٲبس کُن دولہٕ نظراہ۔

شناختی پریڈ رۆدُ لگ بگ ترٛٛبن گنٹن جاری۔ اتھ دوران پھیری کینٛہہ
فوجی گرِ گرِ ژٕتہٕ گرِ تہِ۔ کانٛہہ مطلبا دژاوا کِنہٕ نہٕ تہِ ٲسۍ نہٕ کاٛنسہِ کنِس کن خبر۔ لۆکھ آسۍ
چارٕ وایَن ہندی پاٛٹھۍ اکھ اَکِس کُن اَچھ پھِری پھِری وُچھان۔ آسن اوسُکھ زنتہٕ
کُلُف۔ البتہٕ یِمۍ ﮯ ڈنڈٕ دبا وَسان اوس تِمۍ آس بے وایہِ کرٛکھا نیرِتھ ژلان۔
آخرس آو عاٲلان کرنہٕ زِ شناختی پریڈ گو ختم۔ ''سارے گرٛشو پنہٕ نبن پنہٕ نبن گرن۔
ہرگاہ کاٛنسہِ یہِ ثابت گو زِ سُہ چھُ مِلٹنٹن گرس منٛز پناہ دِوان۔ اَسۍ کرٕ ہون سُہ
گرے فناہ۔ ''بارود سے اُڑادے گے۔''

لۆکھ گیہ بڑٕ عذابہٕ تلہٕ ییٚلہِ تہٕ دژایہِ پنٛن پنٛن گرٕ واپَس۔ برابر تتھے کنٛز
یِتھ کنٛز زن گۄری کھۄل یلہٕ گرٛشان چھُ۔ اَڑبو تُجۍ دَو تہٕ اَڑی رۆدی لوتہِ لوتہِ
پکان۔ ریشی صاٲبنۍ باٛژو دوپُو تہِ ترٛوو پھرٛکھ۔ حُمد پۆرُکھ زِ خوداَیَن تھوٚو پردٕ تہٕ
گرٛشہٕ ہان ذٔلیل۔ تِموترٛاوی تیز تیز قدم گرٕ کُن زنتہٕ کانٛہہ پتہٕ اوسُکھ۔ یام تِم
آنگن برنہٕ نِش واٛتی تِم گیہِ زنتہٕ رۆزِتھ۔ قدمے پۆکُکھ نہٕ برٛونٛٹھ کُن۔ تِمن گیہِ
عقلہٕ بقل۔ نبرم برٛنٛی تہِ آس یلے تہٕ اَندرِم درواز تہٕ۔ تِموترٛاوِ کُنے لانٛپہ جوراہ تہٕ
دوریہِ بانہٕ کُٹھس کُن۔ اتھ تہِ وُچھکھ بَریلہٕ۔ کمرس اندر دِتِکھ وٕنۍ۔ لتہٕ نۍ آسۍ
کاکھ تہٕ نہٕ آس حسینہٕ۔ تِم پھیری کمرٕ پتہٕ کمرٕ ساری ہے مکانس مگر تُنہِ گوکھ نہٕ

کانٛہہ نظرِ۔ زاۓنہٕ ڈیٛد گیہِ داںٛ گُٹھِس مَنٛز اتہِ ژھوٗنڈن لال ٹیٛن۔ ریشی صاۓبن کٔڈ چینٛدٕ مَنٛز ماچس تہٕ زوٗلُن لال ٹیٛن۔ زاۓنہٕ دیدِ تُل لال ٹیٛن تہٕ تَم پھیری بیٛیہِ کمرٕ پتہٕ کمرٕ۔ اَتہِ اۓس چیٖزَن اُتھل پُتھل گٲمِژ۔ باسہوٕ کھ زِ شاید گٔر کاکو حسینہٕ غاۓب۔ زاۓنہٕ دیٛد وولیہِ۔ سو متیہِ خانٛدارس۔ اَجہِ لکہٕ اۓس پانٛس ژاران تہٕ اَجہِ تس۔ أتھ مَنٛز پیٛیہِ تس بہاۓری نۍ یاد۔ سو گٔھژ کُنےٚ ٹِکہِ ہیرٕ پاوٕن تہٕ لُج اتہِ وٕنۍ دِنہِ۔ یتھُے تس پوٚت کاۓنی کُن نظر پیٛیہِ تس وٕسرٕ بوٗ واتھٕ مَنٛز لالٹیٛن تہٕ کُنےٚ کرٕ کھ ژٕجس نیرِ تھ۔ ”حُسینے یہِ کُسے تاون پیوٚم۔“ حُسیٖنُن وٕری یان بدن اوس پُتھرِس پیٹھ دراز گُرِتھ۔ نرٕن اوٗسُس گنٛڈ گُرِتھ تہٕ زیوٚ أسس پھٔٹِتھ دِژٲمِژ۔

زاۓنہٕ دیدِ آو کُنےٚ گتہٕ تہٕ آیہِ حُسینہِ لاشہِ پیٹھ وُکراونہٕ۔



# وردی

بَس یہاَے اکھ خبر پُرٕ شبیرن تہٕ دُتُن ''سری نگر ٹایمز'' اوٚک اوٚنٛد داَرِتھ۔
اَز سنٛوونہٕ سُہ کاٹوٗنس تہِ ننتہٕ اوس یہِ ذٕلۍ زِ تہِ کاٹوٗنہٕ باپتھے سُہ سری نگر ٹایمز اخبار
ہوان۔ شرار تہٕ ہیتۍ ووزلہٕ وولتس بُتھ۔ سُہ گوٚو یقدم تھوٚد وٕتھِتھ تہٕ ہیتنٛ بیٹھکہِ اورٕ
یور چکر دِنۍ۔ تانۍ وژایہِ کچنہٕ منٛزٕ گُلشنہٕ چاے ہیتھ۔ سو گیہِ شبیرٕنۍ بیقرٲری وُچھِتھ
حٲران تہِ تہٕ پریشان تہِ۔ تمہٕ تھوٚو چایہِ ٹرے دستر خانس پیٹھ تہٕ شبیرس کیٛنٛہہ وننہٕ
ورٲیی تُلُن اخبار اتھن دون منٛز تہٕ ہیوٚتُن شبیرنہٕ پریشانٲنی ہُنٛد سبب اتھ منٛز
ژھانٛڈُن۔ اتھ لوٚگ نہٕ تس زیادٕ وکھ کیٛنٛہہ۔ اخبارٕچ ہیڈلین آس موٹین لفظن منٛز
پریشانٲنی ہُنٛد سبب ظاہر کران۔ خبر آس زِ سوپورٕ پیٹھٕ ترٛہ میل دوٗر وارٕپوٗر گامس منٛز

اَس اکھ شُراہ وٲرِش موصوٗم کوٗر فوٗجین ہنٛدِ جبرن زِنہچ شِکار گامژ۔ لیکھتھ اوس زِ ژور فوٗجی اَسی اتھ ناپاک حادثس منٛز شامِل۔ لوٗکو اَسی مُظاہرٕ کرِ ءٕمتی تہٕ ترٛے فوجی گاڑ، زٕ پُلسہٕ جیپہٕ تہٕ اکھ بس اَسکھ زاجِ ءٕمژ۔ سرکارن چھُ تحقیقاتُک حُکم دِتُمت۔

یہِ اوس پتِمین دون رتِن منٛز کٲشیرِ ہُند ترٛیِم حادثہٕ۔ دون حادثن منٛز اَسی فوجی شامِل تہٕ اکِس حادثس منٛز مجاہد تم تہِ اَسی فوجی وردی منٛز۔ تقصیر تقصیر کران گیہٕ گلشنہٕ شبیرس برٛونٹھ کُن۔ ییٚلہِ زن محافظے مُجرم بنہٕ فری یاد کس کرو تہٕ کُس بوزِ۔ شبیرس گوٚنڈُن گلشنُن یہ تنز بوٗزِتھ زیاد ے نار۔ ییٚلہِ تہٕ زانٛہہ فوجہٕ یا پُلسہٕ طرفہٕ زیادتی سپدِ ہے گلشنہٕ اَس شبیرس پامہٕ دی دی بد حال کران۔ اتھ اَسی زٕ وجہ اکھ یہ زِ گلشنُن مانُن اوس زِ فوجی کیو پُلسہٕ والی چھِ سیاسی لیڈرن ہنٛزٕ غلط تہٕ عوام دُشمن چالہٕ لاگو کرنس منٛز تِمن ساتھ دِوان۔ دوٚیِم ینہٕ تسُند لوکُٹ بوے فوجین تہٕ مجاہدن درمیان کرٛاس فٲیرنگ ہُند شِکار گوتنہٕ اَس تس وردی پوشن ہنٛز دِ ے ہش گامژ۔ حالانکہِ شبیر اوس سٕبٹھاہ ے ایماندار تہٕ قابل پُلسہٕ اَفسر مگر تسنٛز جواب دِہی اَس نہٕ گلشنس مطمین ہیکان کرِتھ۔ شبیر روٗد ژھوپہٕ کرِتھ گلشنہِ کتھ بوزان۔ آخر دزٲو گیٹس نِش کھڑا جیپہٕ کُن۔ گلشن اَسس پتہٕ پتہٕ چایہِ ہُند سوال دِوان مگر شبیرن کوٚر نہٕ گلشن نبن کتھن کُن زنتہٕ غور ے۔ سُہ کھوٚت جل جل گاڑِ ڈرٲورن کڈ گاڑی تہٕ پتہٕ پتہٕ دزایہ گارتہٕ والی جیپسی گاڑِ منٛز۔ ینہٕ شبیر ایس۔ ایچ۔ او بنیوو تنہٕ اَس اَمِس پننہٕ گاڑِ پتہٕ پتہٕ بیاکھ گاڑی تہٕ آسان۔ کینژھا

اُس حالات خراب آسنہٕ کِنۍ پُلسہٕ والێن زیادٕ پہن رٲچھ راوٹ۔ یہِ اُس وقتچ عجیب ستم ظریفی، یم لوٗکن ہندِ حفاظتہٕ خاطرٕ آسی تہِمنۍ اُس زیادٕ حفاظت کرنہٕ یِوان۔

پُلسہٕ لٲنہِ پپٹھ بٹہٕ مالنہِ منٛزۍ بڑشاہ کدٕل پتھ کُن ترٛاوِتھ واژ شبیرٕنۍ جیپ وۄں وۄں کران کوچہِ باغ تھانس پپٹھ۔ ڈیڈ نش یتھے جیپ رُکیہِ شبیرٕ وۄتھ پھٹا پھٹ بون، لٲنپہٕ زٕ ترٛےٚ ترٛاوِن، گارتہٕ والێن کۄ پُلسہٕ والێن ہنٛز سلامہٕ تہٕ سلوٗٹ رٹِتھ ژاو پننس دفترس منٛز، اَتہِ تھوٗن ٹوٗپۍ میزس پپٹھ، ڈنٛڈٕ ٹُلن تہٕ دڑاو تیزی سان بیٚیہِ واپس۔ ڈِوٹی افسرس کوٗرُن حُکم زِ ژور نمبر کوٗٹھرِ ہُند کُلف کھولہٕ ناو، جنگجوٗ راتھ گرفتار کرنہٕ آمُت چھُ تس چھُ بیان ہیوٗن۔ ڈِوٹی اَفسرن کوٗر سنتری کُنۍ بتھ روانہٕ، کوٗٹھرِ آو کُلف کھولنہٕ شبیرٕ ژاو اَندر تہٕ کوٗٹھرِ ہُند درواز کوٗرُن اَندرٕ بیٚیہِ بنٛد۔ سنتریٚ روٗد دٔستھن گن ہتھ نبرٕ کنہِ رٲچھ۔ شبیر تھانہٕ دارن وُچھ نہٕ آو تہٕ نہٕ تاو تہٕ ہیٚتِنۍ مُجرِمس پپٹھ ڈنٛڈٕ برساونۍ۔ برابر اَڑس گنٹس روٗد سُہ تس پپٹھ لگاتار پنٕن خشم چھانٹان تہٕ ڈنٛڈٕ پھالہٕ وان۔ یِلہِ مُجرِم سوتہٕ وۄتہٕ پتھر لاینہٕ آو شبیرن کُرتس کھوٗورِ اتھہٕ کُرتنہِ تھپھ تہٕ ڈُچھنہِ اَتھہٕ کجنس چپاژ جوراہ۔ لیکہٕ دِگرا دُتنس۔

''وردی پوش بنِتھ، حافظ سُند رکھ لا گِتھ، پنہٕ نیارکس زالس منٛز پھساوِتھ، ہِلس شراکھ ژٕنۍ، قتل کرُن، جبرن زِناہ کرُن۔ لوٗٹ کھسوٗٹ کرُن، یہِ چھُنہٕ چھراہ جرم ئلی کہِ دپنس تہٕ ایمانس ستۍ دونٛوٕ تہٕ بےٚ حُرمتی۔ اتھ برابر چھُنہٕ بیٚیہِ کانہہ سنگین جُرم۔

شبیرس اُس اخبارٕچ خبر دِماغس پیٹھ غالِب۔ سُہ رۄد اُمِس مُجرمس برابر لیکچر دِوان۔ ''وردی ہُند مطلب اوس ہشر کُنبر تہٕ برابری۔ نہٕ کانٛہہ بوٚڈ تہٕ نہٕ کانٛہہ لوٚکُٹ۔ سارٕی ہوی تہٕ برابر۔ کُنُے رنٛگ تہٕ کُنے روٗپ۔ کوتاہ جان خیال تہٕ جان قایدٕ اوس مگر ژٕ ے ہوبو بدبختو کوٚر وردی لفظ بدنام۔ توہہِ منٛد چھاوٕ وردی۔ توٚہۍ چھِوٕ اِنسانہٕ شکلہِ منٛز حیوان نہٕ کانٛہہ شرم تہٕ نہٕ کانٛہہ حیاہ۔''یاں کرٕہس زدٕ کوفتہٕ تہٕ پاوٕہس ماجہِ ہُند دود تام یاد۔'' دِژ مُنشی پننہِ وردی قمیضہِ اَندرٕ ی واسکٹ ہِکس چنٛدس دٔچھنہِ اَتھ ساران ساران کرٕ ژکھ۔ یام تٔمس یقین گو زِ اُمِس مُجرمس نِش آدی آدی وۄصولہِ آمتی پانٛسہٕ چھِ تسنٛدِس چنٛدس منٛز محفوٗظ تٔمۍ دِژ بییہِ اکہِ پھِرِ شبیرس کُن کرٕ ژکھ۔

''ہا ژٕ اوٗن ھض ژ ودِ یہِ نہٕ ھض مانہِ سبزٕ ر پزٕر۔ یِم ھض چھِ جنوٚ نے گاٚمتی۔ یِمن چھےٚ ھض پانٛس تام کانٛہہ کتھا۔ کمان چھکھ خبر کتہِ۔ یُوتاہ پمپ چھِکھ کران تیوٗتا چھِ ژھوہ ماران۔''

شبیرٕ تھانہٕ دارس کھوٚت مُنشی ہنٛزِ زُرکہِ ہتی زیادے جکھ۔ تٔمۍ ژ ادِ بییہِ اکہِ پھِرِ تس چیاٚ ژ جوراہ تہٕ ہیوٚتُن بییہِ اکہِ پھِرِ تس کُن ڈنٛڈٕ آیہِ ناوٗن۔ شاید اوس مُلزِم سُند قوت برداش ووٚنی ختم گومُت، تٔمۍ کٔر اُمِس ڈنٛڈس تھپھ تہٕ وۄتھُس شرارتہٕ سان۔''ہا تھوٕ ووٚنی سبھامےٚ ما ہاوٕ مہنگ۔ واز ما پٔر۔ مےٚ ہا چھِ ژٕ ے ہوی خبرٕ کتی تھانہٕ دار وُچھِ متی، بہٕ نا چھسے نہٕ چانِبن ہنٛدُستانٛی فوجین کھوٚژان تہٕ ووٚنی کھوٚژے ژٕ ے۔ ژٕ چھےٚ ہم خبر کوسہٕ کو کرٕ۔ میانہِ وردی مہٕ لاگ اتھ۔ نال ژ ادیلہٕ پتہٕ پچھ

---

تاوَکھ۔"

شبیرس کھوٚت اَمہِ سُند یہِ کلامہٕ بوٗزِتھ زیادے شرارتھ سُہ ووٚتھس درجواب۔ "ہے کولل فوجی سُند ہٕہر کیاہ چھُ بنومُت۔ ریڈی گیہِ یامشی تھے۔ وردی کیاہ چھَن لاگمٕژ۔"

مُلزِم: مےٚ ہا چھےٚ پتاہ توٚہۍ کوٚسہٕ قدر چھِو اتھ وردی کران۔ مےٚ ما دِلیکچر۔ مُلکُک ووفادار لاگتھ مُلکس ستۍ غدآری تہٕ بے ایمانی کران۔ صِرف پانٔسو ژورو باپتھ۔ روپیہِ پتھ چھو مکرِی گژھان۔" تمۍ ترٲو مُنشِس کُن خشمہٕ ہژو چیشمو نظر۔ تہٕ تس کُن ووٚنن کرِ کھ دِتھ۔ اَسہِ چھُ اکھ مقصد یمہِ خاطرٕ اَسۍ زِندٕ چھِ۔ یہِ حاصِل کرنہٕ خاطرٕ یہِ تہٕ اَسہِ کرُن پیٚیہِ تہِ کرو۔ لِباس کوٚسہٕ کتھ چھےٚ اَمہِ خاطرٕ پیٚیہِ تن اَسہِ دٔہن تہِ بدلاوُن تہٕ ایمان تہِ، تہٕ تہِ کرو۔ جنگس منٛز چھُ سورُے جایز ژٕ ےٚ چھے نا بوٗزمُت۔"

مُنشِس گیہِ عقلہِ بقل زِ یہِ گوٚژھ نہٕ سارِنے تھےٚتس ننگہٕ کرُن۔ تلہٕ کٔر آسِن روپیٚس زٕ ساس رٔٹۍ متۍ۔ سُہ ژوٚل ڈٔہلد لگرٕ ہندی پاٹھۍ پننِس دفترس کُن۔

شبیرٕ تھانہٕ دار گو یہِ کلامہٕ بوٗزِتھ زیادے نارو نار۔ سُہ ووٚتھس "واہ مرحبا چھےٚ دٔہنہٕ کِس ناوس پتھ بُربآدی کرن وول بدلاوِ دٔہن تام۔ مول ما بدلاوٕ ہَن کولہٕ شِکس لدٕ۔" تمۍ پھلہٕ نوو دویو دویو اتھوتس پتھ پنٕن ڈنڈٕ۔ نرٕہن، زنگن تہٕ شانن کوٚرنس سمہٕ سوٚتر۔ یہِ ڈٔپِ زِ تہٕ ترٕ ووٚن ژٕتھ۔ پانس تہِ کھوٚتُس پھرٕ کھ تہٕ

دڑا وٗئشمہٕ ہوٗت جیلہٕ کوٗٹھرِ منٛز نبرٛ تہٕ گوٚ تہٕ بیوٗٹھ پنٕنس دفترس منٛز کُرسیہٕ پیٹھ۔
مُنش آو تیز تیزٕ لس نش تہٕ دِژِن کرٛکھ۔ ''تلا سُلطانا صاحبَس اَن ترٛیشہِ
گِلاسا؟'' تہٕ بیوٗٹھ شبیرس نٛزدیکھ اَکس بینچس پیٹھ۔
''یا بٲرٕی تالا ئہ ھٔض یہٕ وُچھن یہٕ کوتاہ سخت دِل تہٕ بد مزاج نفر چھُ۔
کٲچھ کیٚچھ تہٕ گوٚس نہٕ۔ پننہِ ہنہِ ماچھِ ہیم پڑان۔ چانہن کتھن ہُنڈ نہٕ ھٔض گوٚس نہٕ
اثر۔ کانہہ۔ پننہِ بیوٗٹھ اور ئے بکواس کرنہِ۔''
شبیرن چوٚ ترٛیشہِ گِلاسہٕ گرٛٹھ گرٛٹھ کران۔ چونٹ ووتھرووٗن دچھِہ ستی۔
میزٕ کہِ ڈژارِ منٛزٕ گڈِن گولڈ فلیک سِگریٹ ڈٔبیا۔ سِگریٹ زولُن۔ اکھ زٕ کش کڈِن
تہٕ ووتھ مُنشِس کُن۔
''یم چھِ الگٕے میژِ ہنٛدی بنے متی۔ یُس بزِین واش brain wash تہٕ
یوسہٕ ٹرٛینگ یمن دِنہٕ یِوان چھےٚ۔ تمہٕ ستی چھُ یمن پٔنن سٔتم پٔتم تافی مُشتھ کرنہٕ
یِوان۔''
مُنٛش: ژٕ کیاہ ھٔض اوسکھ اُمس ونان۔ ریڈی چھیا مُشتھ گامِژ؟
شبیر: ژٕ ے چھےٚ اَکرم صحی ونان ژٕ ے چھتھ بڑٲری ژھوٚٹ زن کھوٗمت۔ ژٕ ے
چھےٚ مشرِبہ لاربوٗمت۔ یاد پاوٕ ڈٕ وٗری بڑوٗنہہ ییٚلہٕ شاہ صانٛز حکوٗمتھ آس۔ بڈ شاہ
ہوٹلس لجاو نار۔ دپیاکھ کم تام شرٕ پسند چھِ شہرس منٛز آمتی۔ گامن منٛز تہٕ آس افواہ
زِ نارٕ ژٕوٗر چھِ راتھ کُنتھ پھیران تہٕ نار دِوان۔ یتھ زن لوٗکھ سرکارس خلاف گرٛھن
تہٕ بدامنی پھٔلہہِ تہٕ سرکار گرِ۔

مُنش : اَہن حض۔ اہن حض پیوٗم حض یاد۔ تمے وٲری یہِ آیاکھ نہٕ حض ژٕ فِلورٕ پیٹھٕ ٹرینگ کٕرتھ۔

اُسی دوشوے اُسی نہٕ حض گگرِ بل تھانس پیٹھ ڈِوٹی۔ یتھٕ کٔنہٕ حض موہ یہِ مُقدس غاب کرنہٕ آیوو تہٕ سرکار گرے یایہِ، نارٕ ژٕورتہِ سپدے یایہِ تمے اِنمانہٕ۔

بہٕ حض چھُس سونچان یم سیاست دان کم کم پھنڈٕ زانن کرٕنی۔

شبیرٕ : آبلکُل صحی چھُ۔۔ وونی کیاہ پیوٗو ے ژیتس۔ اُسی ییلہِ اکہِ دوہہ بنڈٕ کٔڈ روںڈس اُسی تہٕ ' ر سا ناوِلجوو نار۔ اُسی دوریہِ تورگن اورٕ اوس لوںڈا ! ! تیز تیز یوان۔ ژٔے کٔرتھس ییھ تہٕ نیوٗتھن تپھتیشہِ خاطرٕ تھانس پیٹھ۔ راتس تھوٗباتھن ہوالاتھ۔ پتہٕ ییلہِ نُسرِخ کوٗرن تہٕ دوٗپُن سُہ چھُ بنڈس پیٹھ ریڈس پیٹھ چینہٕ کِنان۔ سُہ کھوٗژ نارس تہٕ تمے اوس ژلان زِ اَسہِ روٗٹ۔ پتہٕ ترٕوویلہٕ مگر ژٕ اوسہٕ ہَس کالہِ پگاہ چینہٕ کھنہِ گرٕھان۔ خبر مُشتھ کیازِ گوٗے۔

مُنش : ہے نہٕ حض یمو اُچھوٗ وُچھیا کم مُجرِم تہٕ مُلزِم، کُس کُس تھٕ ہون یاد۔

شبیرٕ : مُلزِم گرٕھنے مُشتھ مگر چینہٕ گرٕھے یاد روزٕنی۔ آیہِ چھُ سُے اَمہٕ چنہٕ تہٕ وونی چھُ عظم خان ناوٕ مشہوٗر۔ توٗ گیا بوزٕن۔

مُنش : اِستغفرُ لا، اہن حض پیوٗم حض یاد۔ یِے اُسن اُسی تمہِ پتہٕ تہٕ مٔنزی مٔنزی رٔٹتھ اَنان۔ مگر یہِ وتم حض اَمہٕ چینہٕ کتھٕ بنوٗو عظم خان۔

شبیرٕ : بوز اُمی ہنٕز رام کہانی۔ یہِ اوس بنڈٕ پیٹھٕ پتہٕ لال چوکس مٔنز آمت، اُتے اُسن پلیڈیم ٹاکی سِید سیوٗد کورٹ روڈس پیٹھ ریڈی لٲجِ مژٕ۔ دپان اکہِ دوہہ

شامن بأ گی ییلہِ ریڈی وٹان اوس نفر جوراہ آیس تہٕ وٚنہٕ ہَس وُمرِ کِنہٕ کھا چینے
کِنہٕ ہُہ سیٹھ جیُن کپر دُکان رٹکھ۔ اُمس آیہِ نہٕ وَتہٕ گُنہٕ۔ تمو نُوٗ یہِ پانس ستۍ تہٕ
سوٗزُکھ بالہٕ اپور۔ تورٕ آو ٹرینگ گٕرتھ تہٕ کینژ کالۍ بنوٚو ایریا کمانڈر۔ وُنی کیٚنہہ چھُ
لال چوکک تہٕ میسوٗ مُک سرگنہٕ۔ وُہ نفر چھِس ماتحت۔

مُنش : ئہ حض سُہ سیٹھٕ سُند دُکان چھُنا روٗٹمُت؟

شبیرٕ : دُکان روٗٹا کِنہٕ نہٕ تہِ چھُنہٕ ونان البتہٕ چھُس باغہِ محتابہٕ اکھ ٹرٛپوٗر بنٛگلہٕ تہٕ
سوپورٕ چھُس اکھ ژوٗنٛٹھی باغ۔

مُنش : مگر یُتھ مُجاہِد قوبوٗ کرُن حض چھُ چونے کمال۔ ژےٚ حض میلِے ضرور ترقی۔
ترقی میلِس ضرور نہٕ میلُن کیاہ گو۔ یتھٕ گُنہٕ جاوید صابس میجایہٕ۔ گرِکی
سارِے باژ گری ہَس ہلاک۔ میوٗنے بوزِ سارِنے گرِکیٚن کھارِ پُلسہٕ لانہٕ منز۔ دِژ
اِنسپیکٹر خانن اَژان اَژانٕے کرٕکھ۔

مُنش : ہا خان صاٗب یہِ کیاہ حض چھُکھ پھٕشِل کتھٕ کران۔ خوداصاٗب تھٔون حض
شبیر صابنس عیالس صلامت۔ تمِن حض لگِن یِم بلایہِ۔

شبیرن ترٛاو خانس کُن دولہٕ نظر۔ اُتھی منز ژاو اردٔلی اَکھ نمبر پیٹھٕ تہٕ
کٔرن یِم خبردار پٹرول پارٹی چھےٚ ڈیڈ نِش اکھتےٚ چھُکھ اٮ۪س۔ پی صاٗب تہِ ستۍ۔

مُنش دژاو دِتہٕ بیوٗٹھ پٔنہٕ جایہِ باقٕے نفری تہٕ گیہِ کُن کھڑا۔

شبیرن گٔنڈ یقدم پیٹھ، ٹوٗپۍ تھٔون کلس پیٹھ، تہٕ دژاو نمبر۔ صاحبس موٗرُن
سلوٗٹ۔

صاحب: ییٚتہِ چھا سوزُرے ٹھیکھ؟

شبیر: جِناب بِلکُل۔

صاحب: یہِ چھا کا کھ سکوٗنہٕ سانِہ بہتھ؟

شبیر: یِم چھےٚ حض سکوٗنہٕ سان بہان۔ مگر توہیٚ مہٕ بِرِو پرواے بہٕ انٛن سہٕ ییل۔

صاحب: اچھا یہِ سوزِو بُنٛد بست، سہٕ گژھ کالے سینٹرل جیل سوزُن۔

شبیر: اٰہن حض بتہٕ دِبہٕ پتے سوزِ ہون۔

صاحب: آٹھیکھ چھُ اکھُتے کھُسی زبس ژِ تہٕ ستیٚ۔ اچھا یہٕ تیرٕ۔

یہِ وُنِتھے دژاو صاحب تہٕ تہٕ پٹرول پارٹی تہِ۔ شبیرٕ گو پینٛس کمرس منٛز۔

مُنُش وُوتھ تہٕ گو خانس نِش۔

مُنُش: نہٕ حض وُچھ اصلی چھُکھ ژِ ے سینیر۔ یتھ تھانس گوٚ ژھُکھ ناژِ ے اِنچارج آسُن۔ ایس ایچ او آسُن۔ مگر؟

خان: مگر کیاہ۔ شبیرُن حِساب چھُ ایماندٲری تہٕ مُفلسی ہُنٛد۔ اِنچارج آسنہٕ ستیٚ کیاہ گو۔ میون حِساب چھُ دُنیا دٲری تہٕ عیش آرامُک۔ ون تہٕ ژےٚ کیاہ چھے منظوٗر؟

مُنُش: مُفلسی تُلنہٕ حض مینٛز دُشمن۔ بہٕ حض چھُس ژےٚ ستیٚ۔

خان: اٰمِس کیاز چھُکھ شبیرس تیٚلہِ ہاں میں ہاں مِلاوان۔ چاپلوٗسی کران۔

مُنُش: ہتہٕ حض تژ او حض۔ مےٚ حض چھےٚ اٰمِس پٹھ ترٕس یِوان۔ مےٚ حض چھے اٰمِس ستیٚ واریاہ وکھ گُذرمُت تمکےٚ چھُم لیہازٕ۔

خان : آ۔ اِد ماے برٕنی چھا گوناہ۔ ماے موجبت چھُ پننہِ جایہِ مگر روزی روٹی چھےٚ پننہِ جایہِ۔ یُس اِنسان نہٕ وچھتھ نظرا کتھ پرٕزناوِ سُہ روزِ ہمیشہِ وٕکھتس پتھ۔ وُنی کمنُک وَکھ چھُ لین دینک، ہہتہِ دِہتک۔ اوٚصوٗلن تہٕ ایماندٲری چھےٚ نہٕ کانٛہہ وُکتھ۔ یہِ چھُ أزیُک قول تہِ تہٕ قونوٗن تہِ۔ ہرگاہ ژےٚ آسُن باسُن آسہِ، چھنٛدس وُشنیر آسہِ ژٕہیہُن قونوٗن تہِ مٔلی۔ بوزا کھ کتھ تھو یاد۔

شبیرس ستی بأگراوٕ ژ ماے تہِ تہٕ موجبت تہٕ مےٚ چھُ نہٕ کانٛہہ اعتراض مگر مےٚ ستی چھےٚ لین دین تہٕ حِساب کِتاب۔

مُنُش : اِدھض بہٕ گوسا ٹھاکھ کرن وول۔ ونتہٕ کیاہ چھُم کرُن؟

خان : کاوٕ ڈوٗری کِس کیٖسس کیاہ کوٚرتھ۔ ایف آے آر مالیٖو کھتھ۔

مُنُش : نہٕ ھض چانہِ اِجازتہٕ ورأے لیکھ ہا؟ آیا یہِ ھض عاجزی کریکھ۔ سُفارِش تہٕ انبا یکھ۔ مگر مےٚ کوٚر ٹال مٹول۔ دوٚپمکھ دِیو درخاص۔ أسی کرو چھان بین۔

خان : ہہر مُلکی، یم چھِ سوزان پننہِ مرضی بچن بالہِ اپور۔ اَسہِ چھِ تُلان پتھ، لیکھی توکھ ایف آے آر تہٕ گٔری توکھ ''گمشدٕ کی تلاش''۔

مُنُش : سُہ ھض اوسٕ اوترٕک نفر بیٚیہِ آمُت۔

خان : کُس نفر؟

مُنُش : سےٚ ھض یُس نوِسٹرکہِ پیٹھ مکانک قصہِ چھُ۔

خان : دٔپت نے ماکینٛہ؟

مُنُش : ہانہٕ ھض کلامُلہِ ہَس پیٹھ نہٕ ھض کہٕنےٚ۔

خان: لگٕنس چکرٕ دٕہ باہ پانے دِیہٕ ہینگو کٕنز دود۔ یم چھِ نہٕ تہٕ تام پھٹان یوٗت تام نہٕ جانہٕ منس پیٹھ یہ یکھ۔ اچھا یِمس کوتاہ رٔوٹتھ؟

مُنش: کٔمس حض؟

خان: تِیمس ہایُس ژور نمبر کوٗٹھرِ منٛز تھوٚ ومُت چھو ہون۔

مُنش: ہتہٕ حض یہ حض چھُے مُجاہِد۔

خان: پتاہ ہاچھم کا کھ چھُ توٚے چھُسے ناپڑ ژھان دپانے یہ اوس اریا کمانڈر۔

مُنشِس ڈوٗل بُتھس رنگ۔ سُہ گو حاران اَما خانس کتہٕ توٚر فِکرِ۔ ہتہٕ حض یہ کیاہ حض دِیہ۔ تس گیہِ گٹہٕ گوجہٕ۔

خان: مےٚ چھِے نا ژے ووتھمت۔ رُشوتس منٛز چھےٚ نہٕ بے ایمانی چلان۔ یہ نیرے ژوتہٕ کٕنی۔

مُنش: ہانہٕ حض ژے ستی کُس حض کرِ بے ایمانی۔ تٔمی ڈوٗل پیٹھی کٕنی چھنڈس اتھِ۔ یمےٚ حض دِتن پھٹن روپیس زِ ساس۔ چون حِصہٕ حض چھم تھوٚ ومُت۔

خان: ادِ کڈ دُ چھان کیاہ چھکھ۔ دِیوٚری یہ کینژھا چھےٚ چھنڈس۔ پتہٕ کرو حساب۔ ازکل چھےٚ مےٚ کافی خرچہٕ۔ مےٚ تانی اے آسہِ ہے بہٕ کنہٕ ناوہٲن سورے جاداد تہٕ کرِ ہٲن اینکونٹرس منٛز ختم۔ ووٚنی کرِنس یم سینٹرل جیلس منٛز زاہتری عزتھ۔ پتہٕ نہٕ نس قابل تہٕ قندہار ہوائی جہازس کیتھ پھِرِ سالس۔

یم اُسی یمےٚ کتھِ کران زِنبرِی گولکہِ ہیوٚ ماتھانہٕ چہِ ڈیڈ پیٹھ کھڑا۔ سارِ نے

ٲژ وولہٕ ہرِش۔ اَندرٕ دڑاو شبیرِ تھانہٕ دار تہٕ خان تہٕ مُنشی تہٕ بیٚیہٕ تہٕ زٕ ژور سپاہ دڑایہِ ڈیڈ نِش۔ لتہِ کوٚرُکھ پتاہ زِ ماجرٕ کیاہ چھُ؟

لُکھ ٲسی بے قوبوٗ پٲٹھی پُلسس تہٕ حکوٗمتس خلاف نارٕ لگاوان۔ سڑکہِ پیٹھ لیڈرن ہنٛدی پُتلہٕ زالان۔ دپان بٹہٕ مالنہٕ ٲسی اَکس گرس دوٚہلے وردی پوش نفرٕ ژٕ مرٕ آمتۍ۔ ژور مرٕد ٲسکھ ہلاکھ کٔری مٕتۍ تہٕ ترٛٚن زنانن سٟتۍ اوسُکھ جبرن زِناہ کوٚر مُت۔

اَمہِ پتہٕ ٲسی سرِ عام گولہِ چلاوان، چلاوان ژٔلی مٕتۍ۔ سوٗرے محلہٕ گو جماہ تہٕ ہرٕ ژکھ آتش زٕدی کرٕنۍ۔ وار یاہ گاڑِ چھکھ زاجمژ۔ پُلسہٕ جیپہِ تہٕ چھکھ زاجمژ۔ یِم چھِ یتھ تھانس حملس آمتۍ۔ یہِ بوٗزِتھ کوٚر یِموٚ تھانُک سوٗرے عملہٕ ڈیڈ نِش۔ مورچہِ سمبالِکھ۔ لگ بگ روٗد اَکس گنٹس یوہے عالم یٔوت کال نبرٕی مزید بُندبس ووت۔ سی آر پی، بی ایس ایف وغارٕ وغارٕ۔

ییٚلہِ وارٕ وارٕ لُکہٕ ہجوٗم مُنتشر گو۔ تھانُک عملہٕ تہٕ ژاو پھرٕ کھ ترٛاوِتھ اندر کُن۔ خانن پرٛژھ مُنشس اَما یِم نفر ٲسا فوجی کِنہٕ مُجاہد۔

مُنشی دِتس بے باک پٲٹھی جواب ''نہٕ ہٕض کیاہ فرکھ چھے ہم ٲسۍ تِم یا یِم تمہِ سٟتۍ نہٕ پییہٕ تِمن لاچار زنانے کانہہ فرکھ تہٕ نہٕ زِناہ جبرن کِس قونوٗنسے۔

مےٚ پیٹھ مُنشی سنٛز یہِ کتھ شُراہ آنہٕ۔ پتہٕ ییٚلہِ لوٗکھ پٔنٕنۍ پٔنٕنۍ گرن گییہِ، شہرس آو راتس قُرفیوٗ لاگنہٕ۔ شبیرٕ گو بُند بست ہیتھ تتہٕ گرس ییٚتہٕ یہِ حادثہٕ گوٗمُت اوس۔ پرٛژھ گٲر کران کران ووت تِمن بے بس زنانن نِش۔ یِمن پرٛژھن زِ تِم

ہیکنا وٕنتھ زِ تِم نفر ٲسا فوجی کِنہٕ جنگجوٗ۔

تِمو منٛزٕ دٔپُس اکہِ زنانہِ موصوٗم اند ازس منٛز جواب۔

جناب کیاہ فرق چھےٚ تِم فوجی ٲسۍتن یا مُجاہد۔ گونا گارس چھا کانٛہہ قسم؟

شبیرس گو یہِ جواب بوٗزِتھ پزانہٕ ہرش۔ سُہ گو خجل تہٕ رزٕبوٗد، چھہ تہٕ پھوٗرس نہٕ۔ مےٚ پیوٚ ڈاکٹر ژوے گو فلمہِ ہُند اکھ سین یاد۔ ییٚلہِ زار حُکمرانکۍ فوجن ڈاکٹر ژوے گو پننین فوجین ہندِ علاجہِ خاطرٕ اگوا کوٚر تہٕ تِم ٲسۍ سیبریا کس شیٚنہٕ صحراوو منٛزۍ پکان، دوٚیمہِ طرفہٕ اوس لاچار روٗسی زنانن ہُند اکھ ہوجوٗم یِوان۔ یِہنٛدٕ بوٗتھو تلے اوس فِکرِ تران زِ تِمہٕ آسہٕ وحشیانہٕ ہوسچہِ شِکار سپزٕمژٕ۔

زار فوجک زبٹھ چھُ یِمن پرٕژھان تِم وحشی اِنسان کم ٲسۍ یِمو توہہِ یہِ حال کوٚرو؟ تِم ٲسۍ یا ووزٕلۍ فوجی کِنہٕ سفید فوجی۔ مطلب ہرگاہ تِمن ووزٕ ج وردی ٲس تیٚلہِ ٲسۍ تِم کامریڈ یا کوٚمنسٹ تہٕ ہرگاہ سفید وردی ٲسکھ تیٚلہِ آسہٕ ہَن زار فوجی۔

تِمو بے بس زنانو منٛزٕ وٕژھ اکھ درجواب سفید وردی وٲلۍ ٲسۍتن یا ووزٕلۍ وردی وٲلۍ، تِمہِ ستۍ کیاہ فرق پییہٕ۔ سُہ فوجی زبٹھ گو یہِ جواب بوٗزِتھ تِتھےٚ کٔنۍ خجل خارتہٕ لاجواب یِتھٕ کٔنۍ وُنۍ کٔبن شبیرٕ تھانہٕ دار گو۔

شامن گرٕ واتِتھ ییٚلہِ شبیٖرن پننٕ وردی کھوٚج تہٕ تھوٗن کلِس کٔن اَویزان۔ سُہ بوٗزِتھ تِتھ شکہٕ چونظرو وُچھنہِ زنتہٕ سوے وردی خطاوار ٲس۔

☆☆☆

# بٕہ چھُس کٲشُر

گوپھِ نمبرٕ کنہِ اوس لۆکہٕ ارساتھا جماہ گوٚمُت۔ لۆکن ہِنٛدِس اور واتہٕ نِس اوس نہٕ تھکھاتہِ کینٛہہ۔ سارِنٕے ہِنٛدِس بُتھِس پٮ۪ٹھ اُس بے چیٚنی تہٕ بیقرٲری صاف نظرِ گژھان۔ یِم سٲرِے ٲسی اَکِے بباٲلکی تہٕ اَکِے نٔسلکی اِنسان باسان۔ حالانکہِ پوشاکَس تہٕ کھتہِ خالس منٛز ٲسکھ کم کاسہٕ فرکھ باسان مگر پریشانٲی تہٕ وودٲسی ہُنٛد جامہٕ اوس سارنٕے گُنٔ تہٕ ہوٗبے رنٛگا بخشان۔ اَتھی منٛز وُوتھ اکھ غم زدٕ نفرا لیس سوٕدِ بژورونان ٲسی بیٚیٚس دِل شکن نفرس یانے بودٕ بژٲرِس گن:

سوٕدِ: نہٕ جِناب ژٕ وُنتم ژٕ‍ے کوٚت ہوٗوکھ گوٚ‍ے یَتھ گوپھِ نمبرٕ کنہِ پژاران؟

بودٕ: کٲیاہ وَنے بابہِ میانہِ، میانٲی کنٛز گیہِ مے سٲرِے واٲنس ییٚتہِ نٕے پژاران۔

⁝

سوٗد : چانٛنۍ وٲنٛس ۂکژاہ چھےٚ ؟

بوٗد : ییٚمہِ ؤری ژور پانٛژٕہ ساس ہوٚی۔

سوٗد : کیٛاہ حض چھُکھ فنارت ونان۔ تہِ ۂکتھ کنہِ بنہِ تہِ چھا ممکِن۔

بوٗد : بوٗژھےٚ نا کینٛہہ۔ ژےٚ کتہِ بہے؟ پزر کتہِ چھُ از کل بہان۔ یہِ چھُ نا آخر زمانہٕ پزر بہہِ ناوِنہٕ خاطرٕ چھُ پوان ژوٚبوٗتھ دیُن۔ قسم تہٕ قوران کرٕنۍ۔ توتہِ چھُنہٕ یقین یوان زِ یہِ چھُ پزر۔ ہرگاہ اپُز وَنہٕ ہاٚے بڑ آری تھِتھ ہِش بہہِ ہیٚی۔

سوٗد : پانٛژٕہ ساس ؤری چھِ دپان کٲشرِ کُل وٲنٛس۔ اچھا چلو مون مگر یوٗت کیٛاہ چھُ یتھ جایہِ شرف زِ ژےٚ ووتےٚ یوٗت وَکھ ییٚتہِ نس پزاران۔

بوٗد : بہٕ کوٚت کوٚت ووٚتُس نہٕ، بابا ریٚشی کیٛاہ، سادٕ صابُن کیٛاہ، دستگیر صاب کیٛاہ، پیر بابا کیٛاہ، مگر حلہِ مُشکِل لوٚبُم نہٕ کُنہِ۔

سوٗد : آخر کیٛا سنا چھُ یتھ جایہِ یوٗت صِفت؟

بوٗد : صِفت ہرگاہ نہٕ آسہِ ہَس پیتہٕ لؤکھ ما گژھہٕ ہاٚن ہنگتہٕ منگے دربدر۔

سوٗد : پوٗزے بوزکھ بہٕ تہِ آسےٚ دُنیاہَس ژٕنڈ دِتھ، تُلہٕ مُل کیٛاہ، اَمرناتھ کیٛاہ، پربت تہٕ شنکر آچاریہِ کیٛاہ، ژرارِ شریف کیٛاہ، ریٚشی مالیُن کیٛاہ مگر میانٛۍ نیاے تہِ اَنزرآوی نہٕ کانٛسہِ۔

بوٗد : گوٚونا اَسہِ دوشوٚنے ہِنز دشا چھےٚ کُنے؟

سوٗد : مےٚ تہِ چھُ تےٚ باسان۔ سون بُنُن تہٕ گدرُن چھُ ہوٗے۔ تےٚ چھِ اَسۍ دوشوٚے یتھ ڈیڈ تل پزاران۔

بوٗز : دۄپہے ہَساڑ ما اوسکھ رحمان صاٲبَس نِش تہٕ ووتمُت ؟ مےٚ زن باسان مے چھُکھ تتہِ تہٕ ژٕ وُچھمُت۔

سوٗز : کیاہ ونے بابہٕ سُلطان صاٲب کیاہ، سونہٕ صاٲب کیاہ، رحمان صاٲب کیاہ، پٲنٛژ کنٛژ گیاس سارِنے صاٲبن فُری یاٗدی۔ دپھ یوہَے گوم کنہِ پیٹھ رُوٗدس برابر۔ تِہنٛدِس دربارس منٛز اوسَس پُرسکوٗن روزان زنتہٕ ساٗرِے مسلہٕ حل اَسی سپدان مگر نبر نیٚرِتھ ییٚہِ تُتھُے ییتھ اوسَس۔

بوٗز : پَزر چھُ بہٕ تہِ چھُسے یِمن سارِنے فقیرن، درویشن تہٕ خودا دوستن نِش ووتمُت۔ یوٗت کال درگاہَن اندر چھِ روزان تیوٗت کال چھُ بڑٕ سکوٗن یوان۔ یاسان ساٗرِے دوکھ گیہِ دفاہ تہٕ گونہٕ ہَن گوٗ وافُوہ۔ مگر یام ییٚہِ ییتھ تاون زا دُنی یاہَس منٛز واتان چھِ۔ ییٚہِ چھِ توٗتے واتان۔

سوٗز : ژٕ ونتہٕ ژٕ کُس سوال ہیتھ چھُکھ وونی یور آمُت ؟

بوٗز : یُس فُری یاد تہٕ سوال چاٗنِس ذہنس منٛز چھُ، سُے چھُ میاٗنِس ذہنس منٛز تہِ۔

سوٗز : اچھا پزی پاٗٹھی آ ؟

بوٗز : بِلکُل۔ اتھ منٛز چھُنہٕ کانٛہہ شکھ۔ اَسہِ دوشوٕنے ہُند تکلیف چھُ کُنے۔ تہٕ ییٚتہٕ نس یتھ ڈیڈِ تل یم لچھِ بٔدی اِنسان ژٕ وُچھان چھُکھ، یِمن سارِنے ہُند دوکھ چھُ کُنے۔

سوٗز : اچھا وتم یمہِ ڈیڈ ہنٛز اَندرِم کانٛہہ خبراہ؟

بوٗز : کوتاہ سادِ چھُکھ۔ ژٕ ے چھُے نا یہ تہِ پتاہ زِ یتھ ڈیڈ اندریوسہٕ گوپھ چھےٚ تھ

اندر چھےٚ اکھ بڈٕ بارٕ خودا دوس روزان۔ سو چھےٚ پٔنٕنس پانس کٲشُر ونان۔

سوٗد: مہہر بٲنی گرِتھ ونتہٕ مےٚ وبستارٕ سان اٚمی ہنٛز ڈلیل۔

بوٗد: بوز بہٕ ونے ژےٚ اٚمی ہنٛز ڈلیل یُت کال ناگہٕ رازٕ تہٕ پشاچ رازٕ اورٕ ین۔

سوٗد: تم کم چھِ؟

بوٗد: ژٕ بوز بہٕ ونے ژےٚ سورُے۔ غورٕ سان بوٗزی زِ۔

یہِ کتھ چھےٚ لگ بگ پانٛژھ ساس ؤری پژٲنی۔ دپان ییتھ جایہِ اٚسی وُنی کیٛن کٲشیرِ ونان چھِ یہِ اوس اکھ بوٚڈ بارٕ سر۔ آبے آب اوس ژوپٲری۔ اتھ اٚسی ستی سر ونان۔ ستی سر اوس ژوواپٲری تھد بو تھد بو بالو ستی ؤلتھ۔ اتھ زمانس منٛز اٚسی دوٚیہِ قسمکی زیٚو ییتہِ بسان۔ یم زیٚو اتھ سرس منٛز اٚسی یا آبس منٛز بسان اٚسی تِمن اٚسی ناگ ونان تہٕ یم زیٚو ستی سرس اٚندی اٚندی بالن تہٕ کوٚہن پیٹھ بسان اٚسی تِمن اٚسی پشاچ ونان۔ دپان ییٚلہِ پشاچ بون بون آبس نٔزدیکھ وسان اٚسی یِمن اٚسی ناگ کھوان تہٕ ییٚلہِ یم ناگ بٹھس ہوٚر بالن کُن کھسان اٚسی پشاچ اٚسی یِمن حملہٕ کران۔ ییتھٕ کٕنی آس یِہنٛز تکرار چلان روزان۔ دوشوے ؤری اٚسی سخ پریشان مگر ونہٕ ۂن کس تہٕ بوزِ ہکھ کُس۔ اٚخر لوٚگ یِمن کتھِ تام پٲٹھی پتاہ زِ اتھ ستی سرس سیمنٛزس چھُ اکھ بوٚڈ بارٕ ریوٚش خودایہِ ہنٛز عبادتھ کران۔ یم گٔیہِ اٚمی ہے فٔریادٕ تہٕ گرۂس وپلہٕ زٲری۔ یم پیٹھی راتس کوٚ دوۂس اٚکی ہے سورس منٛزتس ریٚشِس عبادت کرنہٕ۔ دپان اٚخر گوٚو سہٕ ریوٚش نموٗدار تہٕ یِمو باوتس پٔنٕنی داٚدٕ کانٛگرٕ تہٕ گرۂس وپلہٕ زٲری زِ اٚسہِ کرتہٕ اٚمہِ دوہہٕ دِشکہِ عذابہٕ منٛز آزاد۔ اٚسی چھ

سبٹھاہ تنگ آمتی۔ أمی ریشی ییلہِ یہُند روداد بوٗزٕ أمِس گوٚو سبٹھاہ عار۔ أمی ووٚن یِمن بہٕ کرٕ تِہُنٛد مسلہِ حل۔ مگر أکِس شرطس پیٹھ۔ توٚہی دِیوٗ مے اکھ وادٕ زِ توٚہی رۄزِو پانٕہ وٲنی مایہِ موحبتہٕ سان تہٕ ستی سرچہِ ییتھ زٔمینہِ پیٹھ روزِ ہمیشہِ اَمن و ایمان۔ یہِ روزِ دُنٛیتس کاینالس منٛز بأے برادری ہنٛز اکھ مِثال۔ یہِ گرٛھہِ ریشی وارِ ہنٛدِ ناوٕ مشہوٗر۔ ہرگاہ یہِ وادٕ توٚہی مشرأوِو تہٕ کُنہِ قسمٕچ تہِ بد نیتی گرٛھوِ تہٕ ییتھ ستی سرِکس زٔمینس ژھیٚڑیار گرِو تیلہِ گرٛھَن ییتھ جایہِ تم تم حادثہٕ تہٕ اَترٕی زِ سوٗرے کاینات لرزِ اَمکہِ کانٛپہٕ ستی تہٕ لۆکھ کرن ترٛاہہِ ترٛاہہِ۔ تمہِ قہرٕ تلہٕ ہیکہِ نہٕ توٚہہِ پتہٕ کانٛہہ بچاوتھ۔ ریشی وارِ ہُنٛد رُح ژلہِ لۆکن نِشہِ دوٗر تہٕ واتہِ تل پاتال یا بیٚہہِ دوٗر سنگرمالن ہنٛدِس وَچھس منٛز ژوٗرِ۔

دیان ناگو تہٕ پشاچو کوٚر کشپ ریشی سنٛزن یِمن کتھن پیٹھ واریاہ غور تہٕ أخر کوٚرُکھ فأصلہِ زِ تِم ترٛاون اَکھ أکِس خلاف سأری گِلہٕ شِکوہ تہٕ پانہٕ وٲنی روزن مایہِ موحبتہٕ سان۔ تِمو دِتُت کتھ۔ ریشس یقین زِ تِم نباون پنٛن وادٕ تہٕ ستی سرچہِ زمینہِ ہُنٛد وبقار تھون بُلنٛد۔ یہِنٛز یقین دِہأنی بوٗزِتھ سوٗنٛچ کشپ ریشی اکھ ترکیب۔ أمی دِتُت ستی سرس اکہِ طرفہٕ کھن۔ دیان سَرُک سوٗرے آب دزاو اَپأری تہٕ سُتی سر گوٚو وارٕ وارٕ خوشک۔ زٔمین دزایہِ ننٛیہِ۔ پشاچ تہٕ ناگ دوشوے زیٹھ زاتٕ سَپدییہِ یہِ کرشمہِ وُچھتھ سبٹھاہ حٲران تہٕ خوش تہٕ تم بسییہِ اتھ زٔمینہِ پیٹھ ییتھ پتہٕ یمو أمِس ریشی سنٛدِس ناوس پیٹھ "کشیر" ناو تھوٚو۔ یتہٕ کنہِ آیہِ کشیر وۆجوٗدس منٛز۔

سوال: اچھانسہِ ریوٗش یانے کشپ ریوٗش کوٚت گوٚو پتہٕ؟

بوٕ : سُہ گوٚو بییہِ غآب تہٕ رۄد بییہ دُبارٕ بھگوانہٕ سٕنز عبادتھ کران۔

سوٕ : مگر کتہٕ۔

بوٕ : تہِ چھنہٕ کاںٛسہِ پتاہ۔

سوٕ : سُہ چھُ پزٕی پاٹھی بوڑ بارٕ خودا دوس اوسمت۔ تسٕنز پیشن گویی گیہِ پوٚرٕ۔ برابر آوسُے دور تہٕ سے زمانہٕ۔ سُے مٔتی آب ووتھ۔ اَتُر چھُ ضوٚرۄر گومُت۔ مگرمےٚ چھُ باسان تٔمی ییٚلہِ یہِ پیشن گویی کٔرمٕژ اَس، تٔمی آسہِ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ ووپارے تہِ ووٚنمُت؟

بوٕ : آ اکھ اَنکہٕ ون اَسن دژمٕژ۔

سوٕ : تہِ کیاہ؟

بوٕ : دوٚپمُت اوسُن زِ ہرگاہ خودا ناخاستہٕ سُہ وَکھ آو تہٕ ژوپاٚرۍ باسہِ اَنہِ گوٚٹے اَنہِ گوٚٹ، ساٚری سٔبپلہٕ گرٕژھن ناکام تیٚلہِ گرٕژھن لۄکھ تٔسۍ پاک رُحس فرِیاٚد یُس کٔشیر ناوٕ مشہوٗر آسہِ۔

سوٕ : اچھا تہٕ وونیٚ توٚگُم بوزُن۔ گوٚو نا یتھ ڈیڈِ تل اَسۍ وُنی کٔمن فرِیاد ہیتھ آمٕتۍ چھِ، سوٚ پاکھ آتماہ یَس کٔشیرِ وَنان چھِ، چھےٚ ییٚتھی ڈیڈِ اندر گوپھِ مَنٛز۔ مگر یہِ ڈیڈی کر کھُلہِ؟

بوٕ : دپان یوٚ تام نہٕ تِم تژیشوے مُجرِم یتھ ڈیڈِ تل پیش سپدن یِم ریٚشی وارِ ہنٛز بربٲدی ہنٛدۍ ذِمہٕ وار چھِ، تہٕ پنہٕ نٔبن گونہٕ ہَن ہُند اعتراف کٔرتھ مآفی مَنگن توٚت تام کھُلہِ نہٕ کیٚنٛہہ۔

سوٗدٕ : تِم کم چھِ تہٕ کریٚن ؟

بوٗدٕ : تِم ترٛے مُلزِم چھِ ترٛ ومبہٕ راز، کھرٛ وسہٕ شاہ تہٕ ظُلمات۔

سوٗدٕ : مگر اُسہِ پیٚۄ نفرِ یا ییٚتہٕ نس پیٚتہٕ وَکھتہٕ پیٛٹھ پزاران چھِ، اَسہِ چھےٚ نا وُکھتے کانٛہہ۔ اَسی چھِ نا کُنہِ مَنٛز مُجرا ہِسے۔سون بوزِنا یہِ؟

بوٗدٕ : نہٕ بِلکُل نہٕ۔ اَسہِ چھُ پنُن وِقار راوٕ رووُمت۔ یمہِ دوہہٕ اَسہِ پنُن پان یِمن ترٛ بن سرگنَن حوالہٕ کوٚر، سون ووٚجوٗد گوٚو تمے دوہہٕ ختم۔ سأنی اِنفرٲدیت رٲو۔ یُس ''کاشُرہُت'' اَسہِ ساسہٕ بدٕہن ؤریٚن ہنٛز وراثت آس، سو راوٕ رٲو اَسہِ۔ سأنی اوقات پیٛیہِ مَنٛز مارکس۔ ساسہٕ بدٕہن ؤریٚن ہُنٛد یُس بأے برادٕری ہُنٛد جذبہٕ اَسہِ مَنٛز اوس تہٕ یُس دُرٛستِس دُنیاہَس مَنٛز اکھ مِثال اوس، تتھ کوٚر اَسہِ پانٕے سمہٕ سوٚتُر۔ لِہازا نہٕ رٛۄدووٗنی اَسہِ کانٛہہ اوقاتھ، نہٕ پرٛزٕہ گأرتہٕ نہٕ ووٹ۔ ووٗنی یہِ کرن تہٕ کرن تِم ترٛے۔

سوٗدٕ : سوالہٕ خودا چھےٚ یِمن ترٛ بن مُطلِق ونکھ نامےٚ وِستارٕ سان؟

بوٗدٕ : کیٛاہ کیٛاہ ونے تہٕ کوتاہ وَنے، ژٕ کوتاہ بوزکھ۔ اتھ قِصَس لگن ؤری وادٕ۔

سوٗدٕ : تو تہِ وَتم پیٛٹھی پیٛٹھے کینٛژھا؟

بوٗدٕ : بوزبہٕ ونے ژھوٚٹی پأٹھی کٲشِرِ ہنٛز داستان۔

''دپان کشپ ریٚشی ہنٛدِ اَشرواد سٟتی سپٕز یہِ ریٚشی وأر مہرٕنی ہِش۔ پیٛتکی نظارٕ، موسم، کوہسار، سبزار، آبشار، پوشہٕ وارٕ، گاسہٕ مأدان تہٕ وِروار، ڈٕری یاو تہٕ کولہٕ، ناگ تہٕ جوٗیہِ گیہِ ساری سپٕدِ دُنیاہَس مَنٛز مشہوٗر۔ الگ الگ موسمن مَنٛز

الگ الگ رنگ روٗپ تہٕ دِلکش نظارٕ بنیہِ اکھ مِثال۔ دُرٛستس دُنیا ہَس منٛز اوس نہٕ اَتھ کانٛہہ جوڑ۔ اتھ پہو سورگ ناو تہٕ جنتِ بے نظیر ناوٕ گیہِ کٔشیر ساروٕی سے دُنیا ہَس منٛز مشہوٗر۔ جایہِ ہنٛز خوٗبصوٗرتی اَس پٔننہِ جایہِ، اَتہِ کین بٔسی کیٚن ہنٛز خوٗبصوٗرتی تہٕ عقل مندی، شرافت تہٕ ندامت، مہمان نوٲزی تہٕ تمیز داٗری، غرض اِنسانی تھزرُک تہٕ بجرُک یُس تہٕ کانٛہہ میزان اوس، سُہ کوٗر یمو پوٗرٕ۔ کٔشیرِ ہتی ہتی آو کاشرین ہُند حُسن کہو گاٹہٕ جار تہٕ سارے ہے دُنیا ہَس منٛز مانٛنہٕ۔ کٔشیرِ دہُت بڈٕن بڈٕن عالِمَن، داٗنشورَن تہٕ گونماتن زٕنم۔ یِہُند چرچہٕ ہیوٚتُن سارے ہے دُنیا ہَس منٛز سپدن۔ نتیجہ دژاو زِ دُرٛس دُنیاہ لوٗگ کٔشیرِ تہٕ کاشرین رٔشک کرنہِ۔ یہِ رٔشک بنیو وارٕ وارٕ سون دُشمن۔ بَس اِنسانیتُک یوہَے بجر تہٕ تھزر بنیو سون دُشمن۔ تمہٕ ہَن کوٗر کلہٕ تہٕ دُرٛس دُنیاہ بنیو سون دُشمن۔ گوڈٕ لوگکھ صلاح تہٕ پتہٕ گٔرکھ ژھل۔ یوٗت کال پٔننس زالس منٛز پھسأوِکھ۔ واز خانن، حملہٕ آوَرَن تہٕ حُکمرانن ہنٛز اکھا اکھ جماتھا گیہِ یور یِوان تہٕ گژھان۔ ہرٛ شنہِ پاوِ اٗسی یِوان تہٕ ہٲسی برنہِ نیران۔ گوڈٕ یُسے یور آو سُہ گوٚو اَگادِ زَن۔ واپس نیرنس آس نہٕ ووٚندے۔ دژاو تِہے تہٕ لوٗٹ کھسوٗٹ گٔرِتھ۔ ووٚپر آیہِ تہٕ بسیہِ ییٚتہٕ تہٕ ییٚتکی اصل باشندٕ کڈٕکھ زور زبردٔستی گٔرِتھ نبر۔

سوٗدٕ : مگر تہٕ ماہیکہِ ہے کاشرین ہِندِ اَتھواسہٕ بغٲر مُمکِن سپدِتھ۔

بوٗدٕ : چون وُنن چھُ بجا۔ خود غرضی تہٕ لالچن کوٗر کلہٕ۔ أتھِ منٛز روو سون رُژ۔ سانِے قومہٕ منٛزٕ دژایہ کینٛہہ غدار یمو ترٛ ومبہ رازس سہارٕ دہُت تہٕ مدتھ کوٗر۔ ییٚتھ کنہِ

رٕو دتژ ومبہٕ راز اٴکس نتہٕ بییٚس رٕوپس منٛز یور یوان چاہے سُلطان بُنتھ، موغُل بُنتھ، پٹھان بُنتھ، سِکھ بُنتھ، اَنگریز بُنتھ، قبأیِل، ڈوٗگرِ یا جوٗگی راز بُنتھ۔ یہِ سِلسِلہٕ رٕود جأری۔

ترٛومبہٕ راز رٕود ظأہری شکلہِ منٛز بدسطوٗر کٲشیر پیٹھ حکوٗمت کران تہٕ ظُلم کران تہٕ ہوپأرٕ رٕود کھڑوسہٕ شاہ باطنی طور یانے ژوٗرِ ژھپہٕ کٲشیرِ خلاف ژوِیہٕ کران، تہٕ بین الاقوأمی تہٕ عالمی سطحس پیٹھ اَسہِ خلاف کھڑوسہٕ تہٕ سأزِشہٕ کران۔ لورِ پیٹھی سرُف تاران تہٕ زُری کہٕ دِوان۔ گرا فتنہٕ ٹلان تہٕ گرا حملہٕ کران۔ کم کم ڈنگل تہٕ جنگ لگی۔ خون ریزی گیہِ، سرحد بنییہٕ تہٕ بگڑییہٕ، شہر وُجڑ ییہٕ تہٕ بسییہِ، غرض یہِ وولٕہرش رٕوز جأری۔ ییلہِ نہٕ کینہہ چلوٗکھ تہٕ کُنہِ پأٹھی کامیأبی میچھ تموٚ کوٗرتھ ظلمات پأدِ یُس نوسرِ کی پأٹھی پھہلوٗو تہٕ سویہٕ ہندی پأٹھی تیلوٗو۔ یہِ ظُلمات بنوٚو یۄت وحشی زِ اِنسان دُشمنی تہٕ برُبأدی ہندی سأرِے حد گری اٴمی پار۔ یہِ رٕود اٴندری اٴندری اِنسأنیتس تہٕ بأے برادری سوٗسر کران۔ نتیجہ دزاو زِ ساسہٕ بدن ؤری ین ہنٛزٕ بأے برذری لوٗگ کینژن ؤری ین منٛزٕ ے دوٗر بر تہٕ اِنسأنیت گیہِ رتہٕ دأوی تہٕ چھوکہِ لد۔ رہٕد کٔن دون باین آیہِ چھلہٕ کرنہٕ، اٴژی لگی لار تہٕ اٴژی دار۔ اِنسأنیتس دزاو جنازٕ۔ تِھس مُتی آبس منٛز کِتھ روزِ ہے سون رُح مُتأثر گژھنےٚ۔ کشپ ریٚشنہِ پیشن گوئی مُطأبِق ژوٗل کٲشیرِ ہُنٛد رُح شرمہِ دادِ تہٕ بوٗتھ خبر کتھ جایہِ کھُٹِتھ۔ شاید چھُ یتھ ڈیڈ پتھ کُن گوپھِ منٛز۔

سوڈ: گوٚونا اَسہِ چھِ ترٛےنے ترٛےنے دُشمن۔ ژٕ نےٚ چھِیا باسان اَسہِ میلہِ یمن نِشہِ

نجاتھ؟

بوٗد: بَس سُے اَکوے ووپاے چھُ زِ یم ترٛیشوے ییٚن تہٕ کرن یَتھ ڈیڈ تل یتھ پنُن جُرٕم قوٗبوٗل، گوٚنہن منگن اَفوٗ وہ تہٕ ماجہِ کشیرِ ہنٛدِس رٔحس کرن سٕجد۔

سوٗد: مگر یم کیاز کرن تہِ۔ پنُن سوٗنچ کیاز بدلاون، پنٕنۍ خصلت کیاز ترٛاوُن۔ پنُن مفادتہٕ خودغرضی کیاز ترٛاوُن۔ یمن کیاہ ژُک چھُ سون۔ نہٕ رَتھ تہٕ نہٕ ماز۔ الگٕے زاتھا۔ نہٕ سأنۍ زبان تہٕ نہٕ سون تہذیب۔

بوٗد: یم بدلن ضرٗور۔ خصلت تہِ بدلکھ تہٕ سوٗنچ تہِ۔ یمن پیٚیہ مفاد پرستی ستھاہ دژوٚج۔ کہہ آنہِ چھکھ گور دألی پاو پیٚمژ۔ آخر کِتس کالس روزن پننس ضمیرس تہٕ پننین عوامن دوکھ دِوان۔

سوٗد: تہِ کیاہ گوٚو۔ ژٕ چھُکھ وولہٕ دولہٕ کتھ کران۔ صاف صاف وَن۔ ونان کیاہ چھُکھ؟

بوٗد: مطلب چھُ صاف۔ ترٛومبہٕ راز چھُ ووٚنۍ سخ تنگ آمُت۔ تس گوٚو وُمرِ کتی آچھرُے۔ کرٛاہ کوٗشش تہٕ کِتیاہ ترکیب کٔرن زِ کشیرِ بنہِ نا تسنٕز تہٕ کأشرِ کرن نا تسُنٛد جے جے کار۔ روٗد کیٛاٹھی بأگراوبن روپیہ۔ بوٚہربوٚ بوٚہربوٚ سوٗزِن دبار۔ یِمۍ یہِ موٗنگُس تس تہِ دُیتُن۔ لچھ بٔدی تہٕ کرورٕ بٔدی۔ مگر تم زن گیہِ ڈلس پیٛر۔ کأشرٕ بچور روٗد کھبتھ چیتھ تہِ بچوٗرے سہٕ بنوٚو نہٕ ترٛومبہٕ رازُن انگ زانہہ۔ لہٰذا چھُ پسرِ آمُت۔ پتھٕ ہیوٚتنس ظلمات اَنگس اَنگس پھٔہلُن۔

ہوپأری چھُ کھرٛوسہٕ شاہ تہِ موٗہٕس گومُت۔ کأشرٕ اَپنوو نہٕ سہٕ تہِ۔ نہٕ

تگۍ تمۍ ہے اَپناوٕنۍ۔ سُہ چھُ شیخ صٲبنۍ پٲٹھۍ کالہٕ اکھ کتھ ونان تہٕ پگاہ بیاکھ۔ تُسند موقہٕ چھُ موسمکۍ پٲٹھۍ بدلان۔ پیٹھ چھُ سُہ تہِ ظلماتن وُلٹہٕ پٲٹھۍ رٔٹمُت۔

سوٗدٕ: امے چھُنا گاٹلو وٗنمُت زِ أنم سوے، وٲم سوے، ٲلجم سوے پانسے۔ مگر یہِ وتم زِ ظلمات کیازِ ییہِ یتھ ڈیڈِ تل۔ سوٗے چھُ دُرٕستس دُنیاہَس منز پننہٕ پکھ وہراوان۔

بوٗدٕ: سو چھےٚ تسنز مجبوٗری۔ سُہ تہِ چھُ أندرۍ أندرۍ پسرٕ آمُت۔ تیوٗتے یوٗت تژومبہٕ راز تہٕ کھ وسہٕ شاہ تنگ آمتۍ چھِ۔ تس چھُ پننس پانس منز تہِ یہِ زہر پھٲہلو ومُت۔ سُہ ییلہِ تہِ ظُلم کران چھُ، گوڈٕ چھُ پانہٕ وٕنۍ گژھان اَدٕ چھُ بێیس نوقصان واتہٕ ناوان۔ تُسند حال چھُ پامپرۍ سُند ہوٗ۔ بێیس تام پٲغام واتناونہٕ خاطرٕ چھس گوڈٕ پانہٕ دزُن پیوان۔ سُہ تہِ چھُ ووٗنۍ أندرۍ أندرۍ پانَس پھوٗمُت زِ یہِ کیاہ ظُلم کرُن گوٚو یمیک گوڈٕ پنُن پانے شِکار گژھِ۔ سُہ کُس نار دبُن گوٚو زِ گوڈٕ دزِ پننے گرٕ اَدٕ دزِ مُحلہٕ۔

آخر گژھ نا ظالمَس تہٕ مظلومَس درمیان فرکھا آسنۍ، یُس ظُلم ظالمَس تہٕ مظلومَس کُنے گہڑا کرِ سُہ کیاہ ظُلمے گوٚو۔ سُہ کُس سونتھے گوٚو یمیک بہار نہٕ چھاونہٕ ییہِ۔

سوٗدٕ: مگر یہِ وُچھ لوٗکھ کیاہ چھِ فوجو فوجو یوٗر واتان۔ شاید گژھِ سارے کٲشرٕ ییتہٕ نٔبے جماہ۔

بوٗدٕ: أتھۍ منز چھےٚ سانٛز جیت۔ یوٗتام نہٕ أکِس أکِس کاشرِس پننہٕ غلطی ہُند

اییحساس گژھِ تۆ تام گژھِ نہٕ سون مسلہٕ حل۔ شاید چھِے سُے وَکھ قریب ییٚنہٕ وول۔ تمے پتہٕ لۆکھ کھجو کھجو یور واتان تہٕ لۆکہٕ سیٚلاب چھُ جماہ گژھان۔

سوٗد: مگر تِم تژے مُجرِم کر واتن؟

بوٗد: تِم تہٕ آسن واتن واٰلی۔ اَمہِ علاوٕ چھُکھ نہٕ کانٛہہ چارٕ۔ تہٕ سپدِ اَنقریب۔ سُہ دوہ چھُنہٕ وونی دوٗر ییٚلہِ یہِ ڈیڈی یَلہٕ گژھِ تہٕ ماٚج کٲشِر نیرِ گوپھِہ منٛزٕ نبرَ تہٕ اَسہِ رٕٹہِ نالہٕ متہٕ۔ اَسہِ میلہِ پٔتِن رُح واپَس تہٕ أسی کرو پنٛنین مُجرِمَن تژومبہٕ رازس، کھژوسہٕ شاہَس تہٕ ظُلماتَس سَمہٕ سۆتر۔ لتن تل کڑ ہوکھ زۆ، تہٕ ریٚشی وارِ ییٚہِ بییٚہٕ بہار۔ کاشُرٕ براذٕری گژھِ بییٚہٕ زِنٛدٕ۔ أسی کاشِری پھولو تہٕ نوٚو۔

بوٗد اوس جوشَس منٛز بڑٕ گاٹہٕ جار چھکان۔ مگر دِلس منٛز ؤژھس اَکھ شنکا زِ خبر سُہ مہاگُن شیطان دِیا تِمن اَتھ وَتھ تہٕ دِیا تہِ سپدنہٕ۔ سُہ اوس أتھی سوٚنچس زِ سودن دِژ زورٕ کرٕ کھ۔ أمین، سُمہٕ أمین، دے بۆزِن زِتی سپدِنی۔



# صاحب

انڈ یا اِنٹرنیشنل سینٹرٕک سیمِنار حال اوس لۆکو سٍتۍ کھچا کھچ بٕرتھ۔ دِلہِ منٛز اتھ جایہِ کانٛہہ تہِ پرٛۆگرام آسنُک مطلب اوس زِ پرٛوگرام تہٕ اتھ منٛز شرکت کرن وٲلۍ لۆکھ دوشوے پاسہٕ چھِ تھدِ پایکۍ۔ کشمیٖر کلچرل ٹرٛسٹ طرفہٕ یہِ سیمِنار آرگنایِز کرنُک مُدا اوس اَز کل کٕمن حالاتن منٛز ''کٲشرٕٕ بُت'' یعنی کشمیٖریت تہٕ اَمِچ أہمیتھ چھُکاوٕنۍ۔ اتھ جایہِ اٲسۍ لگ بگ تمام سارے أدیٖب، عالِم، آرٹسٹ پرٛس وٲلۍ کٕو ریڈیو تہٕ ٹی وی رِپوٹر جماہ یِم اتھ موضوٗعَس سٍتۍ وأقف اٲسۍ یا دِلچسپی تھاوان اٲسۍ۔ یا کاشِرِ قومکۍ قداوار دأنشِور آسنکۍ دق اٲسۍ دِوان۔ شاید اوس پَتٕمین ڈٔہَن پنٛدہَن ؤرِیَن منٛز یہِ اَمہِ پایک گوڈنیک قومی سیٚمِنار یتھ منٛز یتہس بٕڈِس پایَس پیٹھ لۆکھ شرکتھ

کران ٲسی۔ پژٕ وگژٕ اَچ خاص خصوصیتھ ٲس یہ زِ کانٛہہ تہٕ سیاست دان اوسکھ نہٕ بُلو ومُت۔ شاید ٲسی آرگنیزر ژھیکھ پٲٹھی زانان زِ کٲشِر یوسہٕ کھُری ناوٕ پٔتی موٚ ڈٕ ہو پنٛد ہوٕ ریو پیٛٹھ آیہٕ تہٕ یُس نیاے پٔتی موٚ پانژٕ ہوٕ ریو پیٛٹھ چلان ووت اَمکی ذِمہٕ وار چھِ صرِف سیاست دان، یم اتھ مسلسل لشہٕ ہَن لشہٕ ہَن دِوان رٕوٚدی تہٕ یِمہٕ کِس اَلاوس منٛز سوٗرُے قوم ولنہٕ آو۔ یہٕ اوس پرچہٕ پرن والین ہنٛدٮ۪ن تحریرن کیو تقریرَن منٛز صاف ظٲہر سپدان۔

میٲنٛی وٲری تہٕ وٲژمےٚ تہٕ پوٚرٕ پٔنُن پرچہٕ۔ اَتھ پیٛٹھ تہٕ سپُد سبٕژھاہ اے بحث مُباحثہٕ۔ پرچہٕ پرٕتھ یُتھےٚ بہٕ واپس پننہِ جایہٕ پتھر بیٛوٚ ٹھس اکھ اژٕ وژٕ نفرا آوٕ مےٚ نِش تہٕ ووٚننم کنِس منٛز توٚہہِ جناب چھُ ''صاحب'' ناد دِوان۔ صاحب کُس صاحب مےٚ پرٕژھ تِمس حاراٲنی سان۔ شاہ صاب حض تُمی ووٚننم درجواب۔ مےٚ توٚگ نہٕ کیٛنٛہہ تہٕ بوزُن زِ کُس گژھِ آسُن تکیاٚزِ اَمہِ ناوٕکی ٲسی واریاہ نفرمےٚ زٲنی کار۔ اَسنٛدِس اِسرار کرنس پیٛٹھ لوٚگ نہٕ مےٚ کانٛہہ نہٕ چارٕ تہٕ بہٕ ووٚتھس کُرسی پیٛٹھ بیٛنہٕ تھوٚد تہٕ دژٕ اس تس نفرس پتہٕ پتہٕ حالہٕ منٛز نبر۔

اَمی نفرن نِیوٚنس بہٕ ہَنا دوٗر یہن لانٛس منٛز تہٕ کوٚرُن اَکِس سوٗٹڈ بوٗٹڈ نفرس کُن اِشارٕ۔ یہٕ نفر اوس سانہِ طرفہٕ تھر پھرتھ کھڑا اسگریٹ چوان تہٕ ہوٚسس منٛز دِہی لمبکھ کھاران۔ سانین قدمن ہنٛز آواز ژیٛنِتھ پھیوٚر یہ اَسہِ کُن۔ یُتھےٚ مےٚ اَمی ہنٛدِس بُتھِس کُن نظر پییہٕ مےٚ لوٚگ نہٕ اکھ برٛانٛز تہٕ یہٕ پژ زناوٕنس۔ ''غلام حسن شاہ'' جے اینڈ کے رِیاستُک صابقہٕ آے۔جی۔ پولیس، یعنی ''صاحب''۔ صاحب

وُچھ مےٚ لگ بگ وُہہِ وٕہرِ گرتس اوس نہٕ کھتہٕ کھالس منٛز زیادٕ بدلاو کینٛہہ آمُت۔ البتہٕ اوٗسس تالہِ منٛز باگ مَس دژامُت مگر کلس أنٛدی أنٛدی اوٗسس سفید شین مگر پۆٹ ہوٗمَس زن تہٕ توسہٕ لاٚ گتھ۔ جِسم اوٗسس ہَنا ژموٗمُت ہوٗ۔ مگر تیژہَن اوس لاٚزمی۔ یہِ آسہِ ہے ووٚنی شیٹہِ پیٹھی۔ مےٚ گرتس گلو زٕ گنٛڈِتھ سلام۔ وعلیکُم اَسلام کران کرانٕے روٗٹنس بہٕ تٕمی نالہٕ متہِ۔ تسنٛدِس نالہٕ متِس منٛز أس موچ چ گرمی مگر کومہِ منٛز اوٗسس نہٕ سُہ طاقت یُس صاحبنہِ کومہِ منٛز آسُن گوٚژھ۔ تِہنٛدِ دِلچ تیز دُبراے أس یہِ ظاہر کران زِ یہِ چھُ نہٕ ووٚنی سُہ صاحب روٗدمُت۔ یُس میانٮ۪س تصورس منٛز اوس۔ ”صاحب“ یعنی غُلام حسن شاہ صاب یُسنٛد ناو بھوٗزِتھے سارِنٕے تاَرآس پھٹان، مُلزِم کھاربن اَژان تہٕ مُلاَزمن اوس اِتھٕر وبسران۔ سماج دُشمن عنصر آسی تژاہہِ تژاہہِ کران۔ صاحب اوس پننہِ وقتُک اکھ ایماندار تہٕ قابِل پُلسہٕ اَفسر مانٕنہٕ یِوان۔ تس آسی باقٕے اَفسر کو سیاست دان سارِے رٕژِ نظرِ وُچھان تہٕ یِزتھ کران۔ عام لوٗکن منٛز تہِ اوس تسُنٛد دب دبہٕ۔ شاید اوس سُہ وکھتے جان زِ پُلسہٕ والین اوس سماجس منٛز جان مُقام حاصِل۔ سانہِ گرٕ خاطرٕ اوس خاص طور پاٹھی صاحب یہِ ڈٕلِ زِ تہِ خوداَیس پتہٕ دوٚیمس نمبرس پیٹھ۔ صاحب اوس ٹوٹھس یانے میانٮ۪س ماٲلِس اَفسر۔ موٚن مول اوس پُلسہٕ محکمُک اکھ لوٚکٹ مُلاَزِم۔ سُہ اوس صاحبس سِتی اکہٕ پلہٕ وٕرین پٕنژہ مرَن روٗدمُت۔ یوٚت یوٚت صاحب تبدیل گژھِتھ گژھان اوس میانٮ۪س ماٲلِس اوس پانس سِتی سِتی پکناوان۔ دوشوے آسی سِتی سِتیِ نوکری لگیٕ متہٕ۔ فرکھ روٗز یہِ زِ صاحبن گرٕ مُلاَزی متِس دوران واریاہ ترقی۔

تھانہٕ دارِ پیٹھ ووت آے۔ جی۔ پی پوسٹس تام۔ مگر میٲنۍ مول رۄد دۄمبرِ پُلسہٕ ووٚلے۔ سُہ اوس اکھ اَنپڑھ تہٕ بییہِ سیوٚد ساد نفر۔ اَنپڑھ تہٕ کیاہ کرِہے ڈ پوسیوٚد سادٕ تہٕ نیک اِنسان۔ نتہٕ کُس پوٚز رُمت لیوٚکھمُت اوس سوگاسٕ صاب۔ سوٚے بخشی صابنہٕ میٚہربأنی کِنۍ کتہِ کور ووت۔ میٲنۍ ماج اُس نہٕ تَس سیوٚد سادٕ تہٕ نیک مانان ٲلۍ کہِ اَکھ سادٕ بے ڈول تہٕ بیقل تیمۍ دۄمبرِ صاحبس ژوتھ چھُج مگر حاصل دژاس نہٕ کینٛہہ۔ خأر یہِ گو پٔنُن پٔنُن تقدیر بییہِ نہٕ کینٛہہ۔ مگر میٲنِس مأٚلس اوس نہٕ امہِ کتھِ ہُند کانٛہہ تہِ افسوٗس۔ سُہ اوس مُطمئین۔ صاحبس اوس سبٹھاہ مانان تہٕ یزتھ کران۔ سُہ اوس گرِ گرِ اَنگن اُشناوان، یارَن دوستَن کیٚوحق ہمسایَن منٛز باگ صاحب تہٕ صاحب چھکاوان۔ صاحبَس سٟتۍ ژٹھنَن جان تولوٗقاتن ہُند پےٚ پتاہ اوس یمن سارِنۍ۔ کینٛہہ اَسس وِیسے ٹسنہٕ کران تہٕ ریٚژھ ٹلان تہٕ کینٛہہ صاحبہٕ سُند واستہٕ دِتھ ببگارِ لاگان۔ سُہ اوس پزتھ کانٛسہِ ہنٛز کأم ہیتھ صاحبس نِش واتان۔ اَڈۍ اَسۍ کأم نیرِتھ تَس خوش گژھان تہٕ اَڈۍ ناوٕمید سَپدِتھ تَس ٹاٹہٕ کران مگر ژٹھس اُس نہٕ کانٛہہ فرکھ پیوان۔ واریاہَن واتنوٗن خأر مگر پننہِ وزِ چلوٗس نہٕ کینٛہہ۔ دَیان چھنا نأید چھنہٕ پننہِ ووڑ ہبکان مَس کأستھ۔

بہٕ اوسُس یمنے غوتن گومُت زِ پھکبَن پیٹھ باسیوٚم کیاہتام بار ہیٚوٚ زن۔ بہٕ گوس یقدم الرٹ (Alert)۔ مےٚ وُچھ صاحبنۍ اَتھ پننِن پھکبَن پیٹھ۔ ''کیاہ سأ گوٚ برا کیاہ اوسکھ سوٚنچان۔'' صاحبن پژھ اَسان اَسان۔ ہا کِنٛہہ نہٕ حض بَس ژہندِس وُچھس سٟتۍ لگِتھ آم سکوٗن ہیٚوٚ۔ مےٚ وونُس در جواب۔ دراصل وُچھ موٚ نا

وارِیاہ کالٕی۔ اچانک پٲٹھۍ تہنٛد مُلاقات سپدِتھ حُض گوس سبٹھاہ خوش۔ مےٚ نہٕ
حُض چھُنہٕ یقینے یِوان زِ پزٕے چھاٚسی اَکھ اَکِس ہمکلام کِنہٕ یہِ چھُ اکھ خاب۔

''نہٕ ساٚ گوٚبرِیا یہِ چھُنہٕ خاب یہِ چھُ اکھ پزر تہٕ حقیقتھ تہٕ سارِوٕے
کھوتہٕ بڈٕ حقیقتھ چھےٚ زِ محمد رمضانُن فرزنٛدٕ جاوید احمد چھُ اَکِس تھٔدِس مُقامس
ووتمُت۔ ناو چھُن کموومُت تہٕ اَزی کٔین کاشرٕبن داٚنشورَن منٛز چھُ گنٛزرنہٕ
یِوان۔''

ہاکتھ حُض چھُوِ مزاق کران۔ بہٕ حُض چھُس اکھ موموٗلی اِنسان۔ سیاستک
طالبہِ علم۔ ''نہٕ نہٕ سو چھےٚ چاٗنی بڈٕہمی زِ ژٕ چھُکھ یوٗت تھزر پاٚوِتھ تہٕ یوٗت نرم تہٕ
حٔلیم۔ مون زِ بہٕ چھُس نہٕ ہندوستانہٕ منٛز نمبرَ دٕ امُت مگر نمبرٕ منٛن مُلکن تہٕ تتہٕ کٔین
اَدارَن ہنٛز نوٗعیت چھُم وارِیاہ حدس تام مولوٗم۔ ہارورڈ یوٗنورسٹی منٛز ڈِگری حاصِل
کرٕنی چھےٚ نہٕ موموٗلی کتھ۔ ہرگاہ محمد رمضان اَز حالے حیات آسہِ ہے کوتاہ خوش
گژھِہے پنٕنس نیچوِ سنٛز کامیاٗبی وُچھِتھ۔'' صاحبن وٕن ووش ترٛاوان۔ مےٚ زوٗن
یوٗت یوٗت تام زِ وٕنس نہٕ حُض ٹوٗٹھ اوس اَتھ مالس منٛز سیوٗد ساد اِنسان۔ تس
اَس نہٕ پُلسہٕ نوکری برابر کانٛہہ نوکری باسان۔ توٗے اوس مےٚ تہِ پُلسہٕ وولے بناوُن
یژھان۔ دٔہمہِ جماژ پٔتھ اوس پتہٕ لوٗگمُت زِ جاوید لال تہِ کرٕناوَن پُلس منٛز
برتی۔ یہِ نےٚ میاٗنی ماج داژ کرِہے میوٗن کُس بوزِہے۔

دپان اوس مےٚ چھُ صاحب ونان ''اَمُن جاوید لال بہٕ لاگُن
اے۔ایس۔آے یعنی تھانہٕ دار۔ تمہٕ بڈٕ نوکری کتہِ میلیس۔ مگر میاٗنی ماج اَسِس

نہٕ وَتھ دِوان۔ تَس اَس پُلسہٕ نوکری ہِتی سخ نفرتھ۔ سو اَس وَنان ''یِژھ مُشکِل نوکرِے چھےٚ نہٕ کانٛہہ۔ نہٕ راتھ گُنہِ نہٕ دوہ۔ نہٕ خر اَزی تہٕ نہٕ خرِ وول۔ ہِتی چھےٚ ژوٗرَن تہٕ بدماشن ہِتی لےٚ کھوے۔ لبکہٕ تہٕ ووہہٕ ووہ چھِہ زبوٗ پٹھے آسان۔ خودا صاٗب بخشِن میانہِ ماجہِ جنت۔ یہ کینژھا بہٕ چھُس تہ چھُس تِسندِ ے برکتہٕ۔

''چون پرچہٕ اوس بڑٕ جان۔'' صاحبن پھیُر بیٚیہٕ اکہِ لٹہِ میٚون دیان پانس کُن۔ ہابَس حَض یہِ مےٚ دِلَس منٛز آو تہِ لیٛو کھُم۔ ''نہٕ نہٕ جاوید صاٗب تہِ مہٕ وَن۔ چوٗن وُنن چھُ صحی زِ سیاست دانوٗ ڈٲلی کاشرِ وِزِ وِزِ، گُمراہ گرِتھ صرِف پننہٕ نوٗ ذاتی فأیدٕ وموکھ۔ کاشُر قومُک یِژھ وولُکھ تہٕ سانہِ خود دأری واتہٕ نوُوکھ سبٹھاہ ذکھ۔ چوٗن وُنن چھُ بجازِ کاشرِتُک رُح چھےٚ کاشرِ زبان تہٕ کلچر۔ یُس زَن سانوٗ سیاست دانولتہٕ مونٛجہِ کوٗر۔ کاشریتُک نارٕ چھِ دِوان۔ مگر امیُک مطلب چھِ مُشراوان۔ ہرگاہ زبان تہٕ کلچر زِندٕ روزِ تیٚلے روزِ کاشریُت یعنی کشمیریَت زِندٕ نتہٕ نہٕ کینٛہہ۔ ہاتراو حَض کشمیریت تہٕ سیاست کرحَض پننی کتھا۔ مےٚ پھیُر ذأنتھ مأنتھ صاحبُن دیان تَس کُن۔ توٗہی کتہِ حَض چھِوٕ ازکل روزان؟ بچہ کتہِ حَض چھو۔ سٔلیم صاٗب کتہِ حَض چھُ۔ سٔلیمُن ناو بوٗزِتھے ڈوٚل صاحبَس رَنگ زَن۔ بتھِس پٹھ آیس سنٛجیدگی ہِش۔ سُہ گو جذباتی تہٕ بڑٕ مویوٗس لِجس منٛز ووٗتھ مےٚ کُن۔ ''کیاہ وَنے جاوید لالہٕ، دپان چھِنا مألی سُند تقدیر نہٕ نیچوس تہٕ نیچوِ سُند نہٕ مألِس۔ بَس غلام حسن شاہ ہرگاہ کانٛسہِ پھُٹرووِیا آن مانہٕ نووٕ سُہ گو سٔلیمُن۔ سٔلیم دژاو نا فلک۔ تٔمۍ منٛد چھووٕ میٚون ناو۔'' صاحبَس آیہٕ أشِ بَکی۔ شاید باسیوٚسس بہٕ پزٕی پأٹھی پنُن ہمدرد تہٕ ژکی در۔

نتہٕ گَبوٗ و نہٕ صاحب یوٗت جلدٕ ہار مانِن وول یا پننہٕ جذبات اِظہار کرن وول۔ شاید ما گوس ٹوٹھُن وُتھ مےٚ منٛز تہٕ گو بے قوبو۔ دراصل اوس صاحب ٹوٹھس پیٛٹھ واریاہ بڑٕ وسہٕ کران تہٕ تس پننہٕ سارِے سِیر باوان۔ چاہے سُہ باقٕے افسرن ہنٛز غائبتھ آسہِ ہے یا پننہِ آشنہِ ہُند کنجوٗس سوباو۔ ٹوٹھس اوس سورُے باوان۔ صاحبہٕ سُنٛد یہِ حال وُچھِتھ گوس بہ تہِ سنجید۔ مےٚ گو احساس زِ مےٚ پزِ ہے نہٕ صاحبس نِش سٕلیمُن ذِکرِ کرُن۔ مےٚ اوس بوٗزمُت زِ سٕلیم تہِ اوس جہادٕکس آولِنس منٛز ہینہٕ آمُت۔ ٹاپک بدلاونچ کوٗشِش کران وۄن مےٚ تَس تہٕ أوِ وھَن یہِ کتھ أزٕ سہلابَن ھٕن یِیرِ ناوِ پانس سٟتی کم کم سوٗتھی۔ اِدٕ سٕلیم صأب تہِ اوس شرُے سُہ تہِ گو مجروٗح۔ ووٗنی کیاہ کرو۔ "ہا کیاہ شر اوس دون شرٕبن ہُند مول چھُ۔ ژتجی پیٛٹھی چھُ......" صاحبن دِژ خشمہٕ سان کرٕکھ۔

بہ زانہٕ ہَن سٕلیم ٹھیکھ پأٹھی۔ سُہ اوس لوکچار پیٛٹھے رٕفتنی تہٕ دربدری دژاس۔ پرنٛس لیکھنَس منٛز تہِ اوس نڈے تہٕ کرتوٗتو کِنی تہِ بدزاتھ۔ تسنٛز کمپنی تہٕ آس ترٛشہِ ہے۔ أمیر گرن ہنٛد بن شرٕبن سٟتی أسس سنگت۔ صاحبس أس نہٕ تَس سُنٛبھ زانہہ تہِ فرصتھ۔ سُہ اوس پننہِ نوکری سٟتی تیوٗت مشغوٗل زِ شرٕبن اوس نہٕ مأنٛلی سُنٛد کانٛہہ تہٕ روٗٹ تہٕ مأج بیچأر أس زیادٕ تر بیمار روزان۔ لہٰذا اُکس ٹھوٗر اوس سٕلیمس۔ یوٗت کال سُہ بگڑیو و۔ نہٕ ھٕن سٕلیم صأب اوس ناپٕنُن کاربار کران۔ مےٚ پُرٛژھ صاحبس۔ "اہَن سأ پوٗرُن لٟیٔ کھُن ما خاص کینٛہہ۔ پتہٕ دِژوٗمس ریذڈنسی روڈس پیٛٹھ اکھ جان شوروٗم کھولِتھ۔ أتھی ونٛہاس پیٛٹھ مہولُس جان گرٕک

رِشتہٕ تہٕ مگرتِمی کوٗرتھ تہٕ ڈُبہٕ ڈاس۔ پتہٕ ییلہِ کٲشیرِ دوزُل تہٕ ٹیوٗل واو ووٗتھ۔ سٔلیم تہٕ آوتِتھی آولِنس منٛز ولنہٕ تہٕ تژ ووٗن گرٕ بار کھوٗشری بٲژ۔'' بچہٕ کِتی حض بڈی چھس مے پُرٛژھ صاحبَس۔ صاحبن کڈ چنٛدِ منٛزٕ رُمال۔ اوٗش وُتھراوان ووٗنم ''سٔلیمَس چھِ زٕ بچہ لڑکہٕ چھُس دٔہمہِ جماژ پران تہٕ لڑکی چھس پُلس ٹوٗ دبُن۔ تم دوشوے چھِ اَسہِ مسوٗری بوڑنِگ سکوٗلس تژ آوی متی۔''

اُمی جی چھے حض وارے۔ مے پُرٛژھ صاحبَس۔ صاحب گو زیادے پہَن سنجید۔ ''سٔلیمنٕ ماج گیہِ سٔلیمن دود ہیتھے از بژ وٕنہہ پانٛژھ وٕری رحمتہِ حق۔'' اِنا لِللہ واِلیہِ راجعٕوٗن۔ مے گو اُمی جی ہُند اِنتقال سپدنٕچ خبر بوٗزِتھ دِل سیٹھاہ اُداس۔ سو اُس بڑٕ نیک زنان۔ شریف، مگر نوتوان۔ مے اُس سیٹھاہ مایے بران۔ مگر اُمے عاٗب اوٗسُس، سو اُس سخ کنجوٗس۔

ہرگاہ تمہِ سٔلیم صاٗب بوڑنگ سکوٗل تژ اوٗن مونمت آسہِ ہے۔ تیلہِ ما آسہِ ہے شاید بدلے کتھا۔ سکینہٕ اُس قسمت واجینٛز زِ سو بنیہِ ماتا مالو پٔنُن گرٕ۔ پوٗرُن لیوٗکھُن تہٕ بنیہِ ڈاکٹر۔ نتہٕ ما آسہِ ہے سو تہٕ دربدر۔ دراصل چھُ یہِ سوٗرے پنُن پنُن تالیہہ۔ یُس یہِ کرنہِ اوٗنُن تَس چھُ تہٕ کرُن۔

توٗہی چھِوٕ حض ازکل دِلہِ روزان۔ مے پُرٛژھ صاحبَس۔ ''ہانسأ ووٗنمے نا زِ سٔلیمنٕ بچہ چھِ اَسہِ مسوٗری بوڑنگ سکوٗلس منٛز تژ آوی متی۔ بہٕ اوٗسُس تمنٛے نِش گوٗمُت۔ واپسی پتھ آس یپاٗری۔ سکینٕن ہیرٕ بابہٕ چھنا ازکل دِلے روزان۔ تمی اوٗسنم سخ اِلتجا کوٗرمُت۔ لہٰذا اٹھریوس دون تژبن دوہَن ہِنٛدِ باپتھ تٔسی نِش۔ ووٗنی

بۆزُم زِ از چھُ آے۔آے۔سی۔ یَس مَنز کشمیر یتَس پیٹھ سیمِنار، مےٚ دۆپ بہٕ تہٕ دِمہٕ نظراز زِ لۆکن ہُنٛد سوٗنٛچ کوٚت ووت۔ دٲنِشور کیٛاہ چھِ کٲشِر مُطلِق سوٗنٛچان۔ خودا صاۂبس اوس جاےٚ کرُن اَمے بہانہٕ بنٛو چون مُلاقاتھ تہٕ۔ دِل گوم شاد۔ پزٕی پاٹھۍ اوس محمد رمضان سبٹھاہ قسمت وول زِ ژےٚ ہوٚ عقلمنٛد تہٕ شوٗبہِ دار فرزنٛدٕ زاس یُس پیٛڑاہ گاٹجہِ کتھٕ چھُ کران۔'' ہا کیٛاہ حٔض چھِو شرمنٛدٕ کران بہٕ کُس حٔض دٲنِشور چھُس۔ ''پزِے چھُسے ونان یَس ژےٚ ہوٚ فرزنٛدٕ آسہِ سُہ کوٚتاہ خوش قسمت گژھِ آسُن۔ نتہٕ گوس بہٕ اکھ بد بخت مول۔'' صاحبن وۄن ووٚش ترٲوِتھ ہا ترٲوِ حٔض کتھ۔ تہُنٛد ناو حٔض پوشہِ تہُنٛدِن ستَن پیرِ بن۔ غُلام حسن شاہ سُنٛد ناو حٔض روزِ کٲشِرِ ہنٛدِس توٲرِیخس مَنز ہمیشہِ مۆجوٗد۔ اکھ ایمانٛدار تہٕ اَپ ریٹ اَفسر۔

''جاوید لالا کُرسی ہُنٛد جلال ہا چھُ کُرسی ستۍ ختم گژھان یِنا چھُنہٕ کانٛسہِ پوشان۔ اَمیُک تجرُبہٕ ہا گومےٚ رِٹایرٕ گژھنہٕ پتے۔ یِم پتہٕ پتہٕ پکان اٲسۍ تِم نا چھِم نہٕ ووٚنۍ بُتھِس کُن تہِ وُچھان۔ پوشانے چھےٚ سوگیہِ نیکی، دٲنِشوری، شرافتھ تہٕ پرووپکاری۔ صاحبہٕ ہنٛز یِمہٕ کتھٕ بۆزِتھ گوس بہٕ حٲران۔ دپان چھِ نا گُلس چھُ پننۍ مۆجُکاوان۔ یُس صاحب نہٕ حبَس تہِ بب مانان اوس تِمۍ سُنٛد سوٗنٛچ کوتاہ چھُ بدلوٚمُت۔ مےٚ اوٚن یوٚت تام زِ وَنِس نہٕ حٔض ژےٚ نےٚ کٲنٛہہ فِکرِ اوسے کھسان۔ تھزِے تالہِ اوسُکھ پکان۔ مےٚ اوس کالُک بتہٕ زن یاد زِ یُس ٹوٹھ ژےٚ خودایَس برابر مانان اوسُے یَیلہِ تسنٛدِس نیچِوس وِپساہَس مَنز رُکاوٹ آیایہِ ژےٚ لیچھاتھ چٹہِ پیٹھ زِ جاوید چھُ میانِس آرڈلی سُنٛد نیچو۔ اَمِس گژھِ ویزا میلُن۔ ہرگاہ

ٹوٹھس بہ وننہٕ ہا زِ صاحب کمہِ نظرِ چھِے ژٕ ے وُچھان تس گرٕ شِہ ہے برابر ہاٹ فیل۔ خآر یہِ سوزٕ ے تھوٚ و مےٚ أندری۔ نبرٕ ی وُنن زوٗنم نہٕ مُنأسِب۔ صاحب اوس پننِٕ تقدیٖرن ویسے ہی پُتھرِس پووُمت۔ میٲنہِ پامہِ دِنہِ گییہِ لُچہِ گی کرٕ نی۔ أخر چھُ بَبس برابر۔ مےٚ ڈٲج کتھ تہٕ وۄنمس۔

ہاوُچھ ھض أسی لگی پننِٕ پننِٕ حسرت باوُنہٕ، یَتھ لأنس منٛز کھڑٕا کھڑٕا۔ توٚہی ھض أسِو تھکی متھ۔ پکھ ھض أندرٕ ھض ہمو ریسٹورنٹس منٛز۔ کینٛہہ ھض کھمو چھمو۔ صاحن کوٚرکلہٕ گِلہٕ نأوِتھ میٲنہِ کتھِ ہُند تأیید...... مگر ستی وۄنن ''نا جاوید لالا یہِ ہا گو جان لأنس منٛزٕ ے پیٹھی۔ أندرٕ نا بنہٕ ہے نہٕ کتھے کرٕ نی۔ مےٚ ہالوتہو بوس از واریاہہِ کٲلی میٖوٗلُم پٔنُن کانٛہہ ہمدرد تہٕ ژٕ کر در۔ خودا صآب دِیہِ نۓ صدبی سال وُمرٕ۔ نوتہٕ پھول۔ مألِس أسی نۓ مغفرتھ۔ خودا صآب کرٕ ن محمد رمضانس جنت عطا۔ اچھا ولہٕ پکھ چایہِ داما چھمو۔ پکھ ھض، مےٚ کرٕ صاحبَس أتھس تھپھ تہٕ ژٕ ونم أندر ریسٹورنٹس منٛز۔



# پۆت آلو

لگ بگ آسۍ اَتھ کتھِ وونۍ شےٚ وٕری گاٮ۪متۍ تہٕ کالہٕ پگہٕ ہٕکۍ یِمےٚ بوٗزِتھ تو باہ وٕری۔ ناتھ جی اوس کٲشیرِ ژلنہٕ پتہٕ سیوٚدُے جوٚم آمُت۔ اَمہِ اپور گژھِ ہے تہٕ کوٚت۔ سورگ آسن سرٕوکاکس لوکچارس اوس تٲسۍ ستۍ اکہِ پھرِ اِنٛدرٕوُو دِنہِ جوٚم آمُت۔ پتہٕ ییٚلہِ نہٕ گرِ کنہٕ فوجس منٛز گژھنےٚ دِتُس جوٚم یُن تہٕ گوٚو ٲلۍ ہے بےٚ پییہٕ سرٕوکاکس لکھہٕ تہٕ تھوکہٕ دوٚپ ہَس ناتھس کٕڈن کل فوجس منٛز برٕتی گژھنہٕ خاطرٕ۔ پانہٕ اوس دربدر گومُتے سائنس شُرِس تہِ کرِ واآرانہٕ، خبر کمن بالَن تہٕ چھالن بُزی آسبس گژھُن۔ پتہٕ بنوٕو ناتھہٕ پٹوآری تہٕ روٗد کٲشیرِ منٛزٕے گرا اکِس گامس تہٕ گرا بیٚیِس برابر تتھ دمس تام یوٚت تام کٲشیر ترٛاوِنۍ پییٚس۔ البتہٕ آسِس جیٚمہِ

شہرٕ کی کینٛہہ ناو یاد۔ گانٛدی نگر، رگھوٗ ناتھ مندر، پریڈ وغاٲرٕ۔

جوٗم وٲتِتھ روٗدی تَم کیٛمشن دوٚہَن شو مندرٕ چہِ درٕم سالہٕ منٛز تہٕ پتہٕ پُرکھوٗ میگرٛنٹ کمپس منٛز۔

دبد یانے تاراوتی تہٕ اَس نوشہِ نچوٗس نِش اَتے روٗزِتھ۔ وونی یٕیلہٕ ناتھ جیُن نِکہٕ راجوٗ بمبیہٕ اِنجنیر نگ کٔرِتھ موکلوٗو تہٕ تِس دِلہٕ نوکری میج تَمہِ بُلاوی یم سأرے دِلہٕ۔ دپان کتھ تام جان کمپنی منٛز اَسس نوکری میج ہِشہٕ تہٕ تنخواہ تہٕ اوٗسُس جانے۔ ناتھ جیُنی لوکٹ کوٗرِ سمی اَس پوناہَس منٛز ایم۔بی۔اے کران۔

راجوٗ اوس نوٚ دِلہٕ ہٕنٛدِس ریلوے سٹیشنَس پیٛٹھ یمن پرٛاران۔ مگر شالیمار ایکسپرٛس اَس از زٕ گنٹہٕ لیٹ۔ لیٛہاذا اوس پرٛأری پرٛأری پسرِ آمُت۔ گرا پلیٹ فارمَس گتھ دِوان تہٕ گرا ہیرِ پاوٕن پیٛٹھ پتھر بیٛہان۔ سُہ زن بیٛہہ ہے بینچس پیٛٹھ سُہ گوٗژھا کانٛہہ بینچا خاٲلی آسُن۔ ہندوستانس چھےٚ آبادی منٛزے اوت برکتھ۔ کالہٕ چھِ دٕہ شونٛگان تہٕ صُبحن چھِ وٕہ ننٛدرِ ووتھان۔ پلیٹ فارم اوس لوٗکو سِتی کھچا کھچ برِتھ۔ آخر یِتھٕ تتھٕ واتژ اکہٕ بجہٕ باگی شالیمار ایکسپرٛس تہٕ راجوٗ لوٗگ ابس اَتھس وٕنی دِنہٕ۔ دبدِ بچارِ اوس راتس حسبہٕ حال گومُت۔ ننٛدرِ زول تہٕ اَسن نہٕ کٔرِہِشہٕ۔ ہٕبر اوٗسُس خوشک گومُت۔ پلیٹ فارمس پیٛٹھ تھوٗن قدمے یوت تہٕ دٗژھ ناتھ جیَس کُن۔ تلا ناتھابہٕ ہاچمہٕ ہا تریشہٕ داما۔ ہٕبر ہا چھُم خوشک گومُت۔" مألِس ماجہٕ تہٕ نانہٕ نالہٕ مُتی کٔرِتھ روٗد راجوٗ سامانس رأچھ۔ ناتھ جیُن کٔر دبد اَتھس تھِتھ تہٕ نیٚن نٔزی دیکھے اَکِس یاں ریڈ وألِس نِش۔ جوٗم واتِتھ اوس دبدِ شُرِبن ہٕنٛدِس

اِسرارس پیٹھ پٮ۪ن آدن کالُک پوشاکھ پھٔرن ترٲوِتھ ووٚنی دۄتی کرٕمژ۔ تمہٕ روٗٹ دوتہٕ لونچہٕ ستی شیشہٕ گلاس تہٕ چیٖین گرٕٹھ گرٕٹھ کران ترٛیشہٕ گلاسہٕ جوراہ۔ تس آو اُچھن گاش ہیو۔ ناتھ جیٖن کڈ چندٕ منٛز روپے تہٕ پلہٕ ناٲون ریڈٕ واٲلس۔ یہِ وُچھِتھ گیہِ دبدٕ زن عقلہٕ بقل۔ تس رٲودنہٕ تاب۔ سو ؤژھ ناتھ جیٖس کُن حٲرٲنی سان۔ ''نٔ باژٕے کتھ پٮ۪ٹھ دِژتھ اُمس روپے ڈبل۔''

''دبدٕ ے کیازِ ترٛیش چیٚتھ نا؟'' ناتھ جیٖن دِتُس جواب۔

''نٔ بااِدٕ پٲنسہٕ کتھ؟''

دبدٕ ے ترٛیشہٕ ہے تہٕ بیٚیہٕ کتھ۔

نٔ باترٛیش چھا مُلہٕ آسان۔ اُمس آیا بڈ بلاے۔ یہِ چھُنا مند چھان تہٕ ترٛیشہٕ پٲنسہٕ رٹنس۔

دبدٕ ے پکھ ہورُکن۔ ناتھ جی گو ہے بٔنگہٕ ہیو۔ تمۍ کر دبدٕ نرِ تھچھ تہٕ نین ریڈٕ واٲلس نِشہٕ ہنا دۄر ریہن تہٕ لوٗگ دبدٕ سمجاونہٕ۔

ناتھ جی: دیدٕ ے ییٚتہٕ چھِنہٕ پاں ڈریاو۔ نٔ چھِ ناگ تہٕ نٔ آبشار۔ ییٚتہٕ چھےٚ پانژ وٕرٕژ ھے۔

دبد: ترٛاہہ۔ ترٛاہہ۔ ترٛیشہٕ گلاسہٕ چھا اُٹھن آنن، یہِ تہٕ چھا بوٗزمُت زِ ترٛیش چھِ مُلہٕ۔ وُچھ دیہٕ کتھ تاوُنس لٲگتھ، کتھ دژاگہٕ لدشہرس منٛز لٲگتھ۔ ییٚتہٕ چھُ ترٛیشہٕ گلین تام حِساب۔

ونہٕ مے نابہٕ ہبا چھُس جیٚنہٕ ٹھیکھ۔ موتھم ما۔ توتہٕ اُس دوہَس ددیہٕ لٹہِ

پاں گاڑی یِوان۔ وُنہِ چھا پتاہ کیاہ کیاہ آسہِ وُچھن۔

ناتھ جی: دیدے یہِ چھےٚ نہٕ کٲشِر۔ واریاہن ہُند گزار چھُ یِیتہِ تژیشہِ پیٚٹھے۔

دبد: یہِ کُس با گُذار گو۔ یِمن چھا باعقل رٲوِمٕژ۔ نہٕ باوتہِ پکوٕنس تژیشہِ گوٚل چاوُن چھُنا دژِم۔

ناتھ جی: دیدے یہِ اوس ئتے دژِم تہِ تہٕ ثواب تہِ۔ یِیتہِ چھُ یہِ پیشہِ۔ اتھ کارس پیٚٹھ چھِ یِیتہِ ساسہٕ بُدی لوٗکھ پلان۔

دبد: ہتہٕ بایہِ کُس با کار گو۔ یم ہبا گژھن سیٚدِ سیوٚ دَرکس۔ تژاہہِ تژاہہِ۔ پژے ہَبا چھُ یہِ کلہٕ یگ۔ تس پییہِ ساجہِ یاد۔ سو اُس کتھِ کتھِ پیٚٹھ ونان: ''تاراوتی یہِ ہبی چھُے اٰخر زمانہٕ۔'' ناتھ جین بیہِ دیٚد تیزی سان اوٚک اوٗنُد۔ راجوٗ تہٕ تسنز ماج اُس حأرأنی سان یِمن ماجہِ پُترن ہنز دژأنج کرٕنی وُچھان۔ اٰخر دژایہِ یم یِتھٕ تِتھٕ سِٹیشنہٕ منٛزٕ نیبرٕ۔ راجوٗ ہَن بُلاو ٹیکسی تہِ یم پیٚٹھی ٹیکسی منٛزٕ۔

راجوٗ بیوٗٹھ ڈژاورس لرِ تہٕ اوس تس پنُن پتاہ سمجاوان۔ دید، ناتھ جی تہٕ تسنز آشِنی ہیٚٹھی پتِمِس سیٹس۔ ٹیکسی دژایہِ سِٹیشنہٕ پیٚٹھ کناٹ سٔرکل کنی، باراکھمبا، پژگتی مادان وغاٗرٕ۔ ناتھ جین ہنز وو دیدِ کیاہتام ہاوُن۔ مگر دبد اُس نہٕ یورِ کنہِ عالمن۔ ہوا دقہٕ ستی اُس تس زِیھ ہش گامٕژ۔ مگر تسندِس دِماغس منٛزٕ اُسی تژیشہِ گٔلی مٔلی ہنز أندرے أندرے پھیٹان زن۔ أچھن کھوٗتس خُمار ہو، کنہِ گیس گانگراے ہِش...... زنتہٕ آلو ہوی گیس کنہِ......

''ہتہٕ بی تاراوتی پکھ وسو یارٕبل، پوٗنی چھے نا کھارُن۔ بوزان چھکھ نا

بی۔''

آیَس ہبی آیَس۔ یہِ کہِ رٕژھا کرٕ ٹھہراو۔ اُمِس سۄماوتی زَن چھےٚ بامبرٕ آسان۔ پتہٕ چھےٚ نہٕ تھپھے ٹلان۔ تاراوتی اُس پانس ستی کتھٕ کران۔ تمہِ دِتی وُژھ سان بانن ٹھانہٕ، ملہٕ پھش ہیوٚ تنکھ تہٕ تھِوٕن اوٚک اوٚنڈ۔ بتہٕ دیگچہٕ تہٕ سنٛز لیٚج تھوٕن دانس پیٹھ، کرٕ وٚژھ تھوٚون دانس منٛز۔ چوکس دٕبٕن لوٕن پھش۔ لۄنگی چاٹرٕن، گرٕ ونجہِ پیٹھ تٕلٕن سرتلہِ نۄٹ تہٕ روٚٹن کرٕتھس تل تہٕ دزٕ لیہِ گرٕ لیہِ دِوان دِوان یارٕ بل کُن۔ سۄماوتی آسس آنگنس منٛز پژاران۔ تمہِ تِتھے تاراوتی سرتلہِ نۄٹ ہتھ وُچھ، ہنا ژۄمرٲوِن نَس کمرس دٕبٕن کُنیُ یَل تہٕ وُژھ تاراوتی کُن ''اَمِس ووت مےٚ شئے رٕبتھ کن کھوان زِ سرتلہِ نۄٹ اَنو مگر بہٕ چھَس نہٕ اتھ وتھ دِوان۔''

''کیٛازِ نہٕ'' پرٕژھُس تاراوتی حٲرانی سان۔

''نہٕ بی یہِ یتھ کترِ نٕس صِفت چھُ تہِ چھا کُنہِ۔'' سۄماوتی دِتُس کانٛپھ سان جواب۔ دیان چھِ نا اتھ منٛز چھےٚ ترٕ لیش تازٕ تہٕ ٹھنڈٕ روزان۔

تاراوتی: آہن بی آسہِ مگر مےٚ چھُ سرتلہِ نۄٹے پسند۔ لوتہِ گوبہِ تہِ ہرگاہ تلہٕ ہون ترٕاوِ ہون، ٹھیس مالکنَس۔

سۄماوتی: اَدِ بی تہٕ یہِ گیہِ پٕنٛز پٕنٛز برامدی۔ اِدِ بی ترٕاوِیۆت وَکھ کیٛازِ لوٚگتھ۔

تاروتی: ہتہٕ بی ٹھانہٕ بانہٕ آسس دِوان۔ بتہٕ سٕبٕن تھوٚوم دانس پیٹھ وُشنیرس۔ پتہٕ ماچھس یارٕ بلہٕ جل جل پھیران۔ مےٚ چھنا پان ترسُ پھ۔

سۄماوتی: نبی پان ترسُ پھ تہِ گوپۆزے۔ دپھ ژےٚ چھے نا ساجہٕ آپس گرٕبک

سوٗرے رووداد پرٕژھُن آسان۔ ژٕ کتہٕ موکلکھ تورٕ جل جل۔

تاراوتی: پوٗ زِٕے بوزکھ یہِ یارٕ بل چھُ اکھ سہٕ سمن بل ییٚتہٕ نہٕ تھوٚد ووتھنس ووندے چھُ یِوان۔

سٔماوتی: اِدٕ بی تژاوونی وَن سُنہٕاوٗنا کیٛاہ روٗنتھ؟

تاراوتی: ہتہٕ بی کیٛاہ۔ راتھ اوس ناناتھ جی شہر ووتھمُت۔ تورے أٰسن ندرٕ گبڑا کھاٰرمِژ۔ ژٕ تژے کوٗچہ تژاوہم گوجن ستی۔

سٔماوتی: اَسہِ تہِ چھِ مُنٛجیٚس ندرٕ گوجہِ سبٹھاہ پسند۔

تاراوتی: اَدٕ بی بنی ناسنٛز رژھا تارٕنی۔ اَسہِ کیٛاہ ووپرٲزی چھا۔ تہِ گٔرتھ بہٕ پتھس ناژے نٔش تاران۔

سہٕماوتی: نہٕ بی ووپرٲزی کیٛازِ۔ اَسہِ سنٛز مِلو چھےٚ۔ وُچھ دپنہٕ کاٰنٛز پیاری چھےٚ وٲژمِژ یارٕ بل۔

تاراوتی: ہتہٕ بی أٰمس کُس کارٕ بار چھُ گرِ۔ ہش چھَس وُنہٕ تہِ ماٰشہِ ٹوٗٹا ہش۔ گرِچ ساٰرے کاٰم چھَس سوے کران۔ یہِ چھےٚ پہاٰے پیٹھی وٲنی کاٰما کران۔ أٰتے یارٕ بل تہٕ أٰتے باغس منٛز۔ تہِ گٔرتھ کُس آڑمبر چھَس۔ ژٕ تہٕ بہٕ تہٕ لُتہٕ بب۔ بیہہٕ نہٕ دوٚے دوہَس یارٕ بلس پیٹھ مسایہِ ژٹنہِ اِدٕ کیٛاہ کرِ۔

سٔماوتی: ہتہٕ بی یہِ گیہِ پنٕنی پنٕنی حواٗلی ہتھ۔ بیہہٕ نہٕ کینٛہہ۔

وُچھ تہٕ کنٛیٚ ڈٔری یاو کنٛیٚ آب۔ اَپارِ بیپور بٹہٕ مُسلمان اَکِے گاٰٹھ پوٗنی کھاران۔ پانہٕ وٲنی کتھ بکواس کران۔ نوٚشن تہٕ کوربن ہنٛز داٰدی کانگرٕ۔ کوتاہ مزٕ

چھُ یِوان۔

سۆماوتی: نہٕ بی اَمہِ علاوٕ چھُ تہِ کیاہ بیٚیہِ سانہِ خاطرٕ۔

تمہٕ چھےٚ بٔتھس پیٹھ بہان، نوٚٹ اوٚک اوٚنٛد تھوان۔ دوشوے اَتھٕ پٲنٕس منٛز ترٛاوان تہٕ ہوٚان پوٗنٛ دوٗنٛژھُن۔

سۆماوتی: ہتہٕ بی گژھ ہگہِ چھےٚ وبس بہِتھ۔ تاراوتی یُتھےٚ ساجہٕ وُچھتس آیہِ نہٕ وتہٕ گُنہِ۔ سو گیہِ تس ئزی دیکھ تہٕ رئٹن نالہِ متہِ۔ تموٚ لوگ چانٛٹس ستی چوٗنٹ تہٕ لچہِ سوٗرے مُشرِتھ کتھہٕ بکواس کرنہِ۔

سۆماوتی تہِ پھیرٕ سأری ہے یارٕ بلس۔ گرا پیاری نٕش، گرا میناوتی تہٕ گرا ذأنہٕ دبدِ نٕش۔ بوس ییٚلہِ لوٚژر روٗن، لٕج تاراوتی وٕنی دِنہِ۔ ییٚلہِ نہٕ تاراوتی کتھو تلے موکلییس سو گیہِ پریشان۔ گرٕ واتنٛج پیٚییس بانٛبرٕ۔ مُنوجی آسہِ ہیس ہتس پژاران۔ ییٚلہِ نہٕ تاروتی گُنہٕ پٲٹھی موٚٹییس تمہِ تجہِ پاں دوژہٕ جوراہ تہٕ ترٛاوہن تس پھبرن نالہٕ کنٛی اَنٛدر۔

ہتہٕ بی۔ ہتہٕ بی کیا بی روٗوے پلو ہبی ہکٕژناوی کھم۔ زن ہبی چھےٚ پانٕ تسرُ پھ۔ تارواتی ژٕج زورٕ کرٕ کھ نیرِتھ۔



ناتھ جی گابرو۔ کاکنے کھیے ڈلیل۔ ژٕ کھیے دو ہلے سوپُن زن وُچھان۔ ژٕنے کِے ستی آیے پلو ہکٕژناونہٕ۔ بیٚتہِ نے پاں پھوٚرتہِ گُنہٕ چھُ۔ دبدِ گیہِ گُنےٚ دِنن۔ زنتہٕ مژٕ عبٛدرِ منٛزٕ ہُشیار گیہِ۔

مےٚ ہبا لجایہِ اُچھ ہش تہٕ واتٕھ ایس گرٕ پٔتن۔ ژٔنی آرٕ بُتھس پیٹھ اُسس پننہٕ نبن یارٕ بل کاکنین ستی۔ واے دَیہِ کیازِ گرتھ دربدر۔ ہاے کم پاپھ اُسی کٔری متی۔

تانی بیوٚٹھ راجوٗ ڈژا ورس ستی کیا ہتام کن پھسرارے کرنہِ تہٕ اَتھو ستی اِشارٕ کرنہِ۔ شاید اُسی تِم ڈیرِس نکھہٕ واتی متی۔ 80/S تارا اپارٹ مینٹس سیکٹر 9، دارِکا۔

''ڈیڈی اُسی واتی۔'' تِمی دِژ بڑ ہتہِ مأئلس کُن کرٕ کھ۔ اِدٕ سا مولا وارٕ کارٕ ووتھس ناتھ جی۔

ٹیکسی ٹھہٕریہِ تارا اپارٹ منٹ کِس بی بُلاکس نِش۔ راجوٗ ووتھ بون۔ مأئلس مُژروٗن درواز ناتھ جی ووتھ گاڑِ منٛز بون۔ نرٕ پلہٕ ناوِن دبدِ کُن تہٕ ووٚننس۔'' پکھ بی وَس وارٕ وارٕ، واتِھ کھ راجوٗ سِندِس ڈیرِس پیٹھ۔

دبدِ دِژ دوتہِ لوٚنٹ پھیکہِ پیٹھی داٚرِتھ۔ دٔچھن نرٕ پلہٕ ناوِن ناتھ جیس کُن تہٕ کھووٗر اتھ سیٹہِ کُن ڈکھراوان کجن زنگہٕ نبر تہٕ ؤتھ وارٕ وارٕ بون۔

راجوٗ ہن دِتی ڈژا ورس پانسہٕ، ڈِکی منٛزٕ کوٚڑن سامانہٕ۔ اکھ بیگ ترٕووٗن نالہ تہٕ بیا کھ پلہٕ نووٗن ماجہِ کُن، اٹاچی تُجن تہٕ دژاو بزوٚنہہ بزوٚنہہ۔ ناتھ جین گرٕ اکہِ اتھہٕ ستی دبدِ تھپھ تہٕ دژ لیہِ تِم راجوٗ ہس پتہٕ پتہٕ۔ راجوٗ ہن دبوو لِفٹک بٹن، درواز گو یلہٕ، یِم ساری ژٲلیہِ لِفٹس اندر، تِمی دبوو پانٛژمہِ پوٚرک بٹن تہٕ لِفٹ دژاو تیزی سان ہیوٚر کُن۔ دبد گیہِ لِفٹس سیمٛزس بِہتھ۔ سارِوے ترٕووٗس اُسناہ۔

راجۍ ہٕن سۄ مرو و پان تہٕ ووٚتس۔ دیدی یتھ مَنٛز نا ے چھِنہٕ بہان۔ لِفٹس مَنٛز ہے چھِ کھڑا کھڑا روزان۔ ووتھ تھوٚد تہٕ تُجن اتھن تھپھ کٔرِتھ تھوٚد۔ دبدِ ترٛوو زیوٚٹھ ووشا۔ اَنس کُن یتھُے نظر پیٚیس تس ژٔج کُنِے کرٛکھ نیٖرِتھ۔ ہتہٕ بابہِ کیاہ باآنہٕ زآنٛپاناہ ہُو۔

وُچھتھُے مہ۔ ری راجۍ ہٕن ہے کھٲرنکھ اَنہٕ زآنٛپانس۔ اَنہٕ زآنٛپانس مَنٛز ہے نیٖہِ پتُن گرٕ۔ زآنٛپانک تصوٗر کٔرِتھ کھوٚت دبدِ بتھِس ووشلُن ہُو۔ کم تام خیال گنیس دمبا نز۔ اہن بایاں کھاربانس چاآنٛ مالی زآنٛپانس تہٕ نتہٕ ووٚنی چاآنٛ گوٚبرٕی۔ مگر بہرٕی لتو چھِ؟ سارِوے ترٛوو اُسنا تہٕ راجۍ ووتھُس۔ دبدِ ییمکی بہرٕی چھِ یم بٹن، ییمن یور کُن ونکھ تور کُن نِنے۔ مگر دبدِ کوٚر نہٕ اور کُن غورتس پیو غفارٕ رٲتھر یاد۔ کتھِ کتھِ پیٹھ اوسُس ونان "ہتہٕ بی تاراوتی مےٚ مہٕ وَن باتہٕ مےٚ چھکھ ییمن نکھن پیٹھ سرٕو جوٗن گرٕ آنٛ مشہٕ۔ وُنہِ تہِ چھُم شانن دَگ۔ ژےٚ اوسیا گوڈٕ کم وزن۔" غفار رٲتھر اوس سرٕو جوٗن ہمسا ے تہِ تہِ لوکچارُک یار تہِ۔ تم آسی یہِ ڈٕلی زِتہِ اکے نالہٕ ژٔٹ کڈان۔ دوٚہی دوہس آسی یکہٕ وٹہٕ آسان۔ چاہے گرٕ کامہِ آسہٕ ہانکھ یا بازرٕکی کامہِ ییمن زن آس پانہٕ واآنٛ کُنے اَٹ۔ سرٕو جوٗنہِ سورگہٕ واس سَپدنہٕ پتہٕ اوس غفار رٲتھرٕے زن تہٕ یہندِ گرُک تہِ خانٛدار۔ سرٕو جوٗ اوس تاراوتی وِزِ وِزِ ونان زِ غفار رٲتھر چھُ مےٚ پتٕرمہِ زنمہٕ شاید بو ے اوسمُت۔ یتھ زنمس مَنٛز تہِ چھُم بآ ے ہندی پاٗٹھی پلہٕ زان۔ اَمے اوس اَنہٕ زآنٛپان تہِ چھانہٕ پورکین کاآری گر چھانن اتھِ بناوونومُت۔ دبد ووتلییہِ اکہِ اکہِ تم ساآرِ ے

بیقل خیال دِماغس منز یِم تِس از بزونہہ لگ بگ شیٹھ وری اَنہٕ زاُنپانس منز ہیتھ مالنہِ پیٹھٕ واُربو تام کِس سفرس دوران گنیایہِ۔ تُسند راُسہٕ راُسہٕ زاُنپانہٕ کبوٕ ژٕرنو کِنی سرِوُجوس کُن اُچھ پھِرٕ پھِرٕوُچھن، دِلچ دُبرارے، اُچھن منز اوش، تہٕ دِماغی تذب زُب تہٕ واریاہ کینہہ......

دبدِ کھوت زیادے بُتھِس وِشلُن۔ سو واتہِ ہے خبر کوت کوت، خبر کم کم آلو گژھہٕ ہانس کنن مگر لِفٹ رُکوٕ وتہٕ درواز گویلہٕ۔ راجوہَن کڈ دبد جل جل نبرَ تہٕ باقی ساُرِ ہِ دژلیہِ نبر۔ نبر نیرِتھ ژاُو دبدِ آرٕ کرٕاُھ چیشمو اَنہٕ زاُنپانس کُن پوت پھیرِتھ نظر تہٕ پانسے ستی ژٕوُن اُسن۔ دبدِ زاَن روُد اَنہٕ زاُنپانہٕ کانہِ تل۔ یتھُے دوُیمہِ دوہہٕ راجو دفتر دژاو تمہِ ووَن بڑٕ عاجزی سان تِس تلامےٕ کھار تہٕ بییہِ تتھ اَنہٕ زاُنپانس۔ اَمے چھِ ناوَنان شُرِی تہٕ بڑٕی چھِ ہوی آسان۔ یوسہٕ کل نیربِھ سو گژھکھ پوٗرٕ گژھنی۔ دیدی مےٕ گو دفتر ژیر۔ بہٕ کھارتھ شامَس باگی۔ تہِ گرِتھ وَن ڈیڈی جیَس یا ممی جی تم کھارنے۔ ناتھ جی ووٗتھس ''ژٕ کہیے چھکھ دیدی شُری گِیا ہش کران۔ پتہٕ ییلہ، بون وسوٗ تمہِ وِزِ کھارٕ ہوتھ لِفٹس یعنی اَنہٕ زاُنپانس۔

راجو دژاو دفتر، ناتھ جی بیوُٹھ آشنہِ ستی کیاہتام چھکاونہِ تہٕ دبد آیہِ تہٕ بیٹھ روُبوٗدِ ہش اَکِس کوُنس منز۔ ناتھ جیَن ژیوٗن زِ دبدِ گو ہتکھ۔ سُہ آوتس بروٗنٹھ کُن نرِ گرٕنس تچھ تہٕ کڈن نبر۔ دوٕلے دیدے بہٕ ہے کھارتھ اَنہٕ زاُنپانس۔ تمی دبو وبٹن تہٕ کینژٕ کالی کھلبوٕ لِفٹک درواز۔ بٹنس پیٹھ تھوٗن بییہِ اوٗنگج

تہٕ دوٚیمہِ اَتھہٕ ستۍ گٔرِن دبہِ تھپھ تہٕ ژٲنِن لِفٹس منٛز۔ ڈیڈ یانی لِفٹس منٛز ژایہِ
یوت سو گٔیہِ پتھر بہتھ تہٕ وۄٚنُن ناتھ جیٖس۔ مےٚ مہٕ باوَن ووٚنۍ کٔنھہٕ۔ بہٕ بہمہٕ
پتھرِس پیٹھ۔ ناتھ جیٖن ژھوٚن دبہِ ہٕنٛدِ دِلُک حال تہٕ ووٚننس نہٕ کٔنھہٕ۔ سِفر نمبر
دبوٗن تہٕ اٲنہٕ زاٲنپانہٕ ووتھ تیزی سان بون گُن۔ دیدِ کرِ اَچھ زٕ بنٛد تہٕ لٔج کمن
تام خیالن بیٚیہ پھُر دِنہٕ۔ تِہنٛدِ سونٛچُک تصوٗر اوس تِہنٛدِس بُتھِس پیٹھ الگ الگ
گرٛایو کٔنۍ نٕہار سپدان۔ لِفٹ ووت بٔنِمِس پورِس پیٹھ مگر ناتھ جیٖن دبوو بیٚیہ
ہیٚرمہِ پوٗرک بٹُن تہٕ لِفٹ دزاو بیٚیہ تیزی سان ہیوٚر گُن۔ تِتھےٚ کنٛی کرٕ ناوٕ ناتھ
جیٖن دبہ ہہرٕ بون ترٛےٚ ژور چکر۔ تہٕ اَخر یٖیلہِ بیٚیہ ہیٚرِمس پورِس پیٹھ ووت ناتھ
جیٖن دبوو بٹُن لِفٹ رُکوٗوتانۍ دزلیہ ناتھ جیٖنۍ آشینۍ نبر تہٕ دِژن دبہِ برٛہ ہتہِ
کرٕژھ۔ ''دنٛدن کرتے ژنٛدن لشے واَربوٗ نشے واَژکھے''۔ مہرنے واَژکھ ہے
مَنزلہِ مقصوٗدس۔ دیدِ کھوجہِ اَچھ۔ نوشہِ ہُنٛد ونہٕ وُن لوٗگُس زنتہٕ کٔنٛل۔ اَتھہٕ
ڈکھر اوِتھ ؤژھ جل جل تھوٚد تہٕ دزلیہِ اٲنہٕ زاٲنپانہٕ منٛزٕ نبر۔ مگر اَتہِ اوس نہٕ سرٕ
جوٗوےٚ خوش آمدیدس نہٕ ہَش ماَج آلتھ ہتھ تہٕ نہٕ گُنہِ غفار راَتھرےٚ بوٗد۔ سو
ژلیہِ راَسہٕ راَسہٕ پاَٹھۍ پننِس کمرس منٛز زِ نوش گژھم نہٕ بیٚیہ ٹانہٕ کرٕنۍ۔

وَکھ گو گذران۔ دِلہِ آہتس اَسۍ ووٚنۍ دیدِ یعنی تاراوتی لگ بگ شےٚ
ربتھ گاٲمتۍ۔ مگر یمن رتبن منٛز اوس واریاہ کینٛہہ سپُدمُت۔ دیدِ ہٕنٛدِس صیحتس ستۍ
ستۍ اَس تِہنٛدِس سوباوس تہٕ سونٛچس تہٕ کتہِ کور فرکھ آمُت۔ سو اُس نہٕ ووٚنۍ سوےٚ
تاراوتی، مُوہج، دِلبر تہٕ کتھہٕ گُتاَمُت۔ سو اُس نہٕ ووٚنۍ زیادٕ کتھہٕ تہٕ کران ئلوکہِ اُس

نہٕ مٔنزٕ مٔنزٕ گرِکھن بأژن ستِۍ تہٕ کتھ کران۔ سو اُس أکس کوٗنس اندر ژکھ ییس ڈوٗکھ دِتھ دوٚے دوہس زنتہٕ دِیان آسان۔ پننہِ کمرٕ منزٕ اُس نہٕ نبرٕ ے نیران۔ کھوان چوان تہٕ ترٛاوان ڈایھ۔ بون وسُن اوس تس مُشکِل گژھان۔ وونی اُس نہٕ تس اَنہٕ زانٛپانس کھسنَس ستِۍ تہٕ دلچسپی۔ ہیرن کھسنَس وَسنس سُنٛبھ تہٕ أکِس نہٕ توژھ روٗزمٕژ۔ تہٕ گرِتھ کوٚت اوسُس گژھُن، کس نِش گژھِ ہے۔ اَتہٕ کُس ہمدرد اوسُس تسِی بادِہے حالہٕ دِل۔ کأشرِ گرٕ جوراہ آسی۔ اکھ اوس أکس اندس تہٕ بیاکھ بیٚیس۔ اکہِ دوہہِ پھرِ نیایہِ نوشہِ تور، پتہٕ مانہٕ ہیس دوہے دوہے۔ گوڑٕ گوٚژھا تورٕ تہٕ کانٛہہ یِن۔ یورے کیٛاہ گژھِ ہے لٹاہش۔ تس اوس نہٕ نمبر تہٕ یاد روزان۔ زانٛہہ ہے گژھِ ہے اَدلہٕ بدل گرس اُس أژتھ گژھان۔ گوڑٕ آسی سأرِے گرٕ (فلیٹ) ہوٚے۔ یِمَے گندک ڈبہٕ ہوٚی۔ کُنے گرُت تہٕ کُنے نقشہٕ۔ یِنہٕ سپرٕ صأبنہِ بدلہٕ سوٗری صأبن ژایہٕ تہٕ اوسُس راجوٗہن اورٕ یور گژھُن مناہ کوٚرمُت۔ دوٚپمُت اوسنَس تس شوٗٹھس گیہٕ کھٕجِل کھأری ییلہٕ سوٗری صأبن ووٚنم "آپکی ماتاجی دِن کے دو بجے ہمارے گھر میں گھُس گئی، ہم لوگ کھانا کھا رہے تھے۔" تمہِ پتہٕ اوسُس ناتھ جیِن باند باند کوٚرمُت زِ کأنسہِ ہُند آسی زِ نہٕ گژھان۔ بِنا مطلب چھنہٕ یِیٚتہٕ کانٛہہ کأنٛسہِ نِش گژھان۔ بِنا بولے کأنٛسہِ ہُند گژھُن چھے بدتمیزی مانٛنہٕ یِوان۔

دپدٕ آسہٕ یِمہٕ کتھ دِلس سنے ہمٕژ۔ سخ دِل موٚلول اُس گامٕژ۔ بیٚیہٕ اکہٕ پھرِ پیوٚتس پٔتُن گرٕ بار یاد۔ سُہ آنگنہٕ آنگنہٕ پھیرِن۔ یوٚت تام نہٕ ذٔہن گرن

دوٚہَس نوٚن تیل دِیہِ ہے توٚت تام اٚسس نہٕ یڈ کھسان۔ ءکرِ پھِرِ اوس ناتھ جی سکوٗلہِ یتھ پٔنن درواز مڑراوِتھ کُٹھِ شونگِتھ آسان مگر دبدِ اَس نہٕ پتہٕ ہاے روزان۔ گوڈٕ ما آس یوٚرکی پاٹھی تھپھِ تھپھ تہٕ ژوٚرٕ ژوٚرٕ تہِ۔ تتہِ اَسی برتام یلے آسان۔ زیادٕ سے زیادٕ اَسی نبری ہانکل تھوان۔ اَدا ییٚتکی پاٹھی دروازن پیٹھ درواز اَندری ہچُو تہٕ نبرٕ ی شیٚشترُک۔ گُلفن پیٹھ گُلُف۔ کانٛہہ ہے بلِ کرِ (گنٹی بجاوِ) گوڈٕ چھُ ژرنوٕ کنہٕ نفر پڑزناوُن اوسے زاٚنی کار تہٕ درواز کھوٗلُن نتہٕ جنگلی جانور زاٚنتھ درواز ژٕپرِ تھِے تھوٗن۔ ژکہِ زن چھُ یوٚرکین لوٚکن دژاگن بُتھ ہوومُت دبد اَس سونٛچان۔ دبدِ پیٚیہِ بیٚیہِ ساجہِ تہٕ ہاجرٕ یاد، ہرگاہ دوہ کھنڈ گرژھِ ہیٚس تمن وُچھنَس دیان آسَس، ژے کیٛابی وُچھانے پھِے نہٕ؟ نظرے چھکھ نہٕ گرژھان کُنہِ۔ زمانا گوٚے ساٚنس آنگنس اَژنس اَکھتُے اَسِ دبد تہٕ کاکھ سٕخ یاد کران۔ دیان اَسی اَما تاراوتی چھا سنا وارے۔ تَس گو برابر اکھ ہفتہٕ یوٚر یِنَس تسژن کتھَن ہُنٛد چھُ لول آمُت۔ "اٚتھبے ساجَے پگاہ ڈٕپِ زبس ییٚپاٚرکی روے ہاوُن۔ مُلا قاتھاہ کرِہاو۔" تم اَسی ساجس ونان۔ ترژھِے ہش کتھا اَس ہاجرٕنی تہِ۔ تس گرژھ سو دوہَس تہٕ راتس ءستی ءستی آءسز۔ نظرو تلے گرژھس نہٕ ڈٔلنہٕ۔ دبدِ اَسی ہاجرٕنی تہٕ ساءجنہٕ آلوزنتہٕ کٔعن مٔنٛز گرژزان۔

دبدِ تُل اَنکھ تھوٚد۔

دوتہِ لوٚنٛچہِ ءستی دوتھراوبن اَچھ۔ مگر اوٚش ٹھٔہر یوٚس نہٕ۔ اَورٕ ژالیہِ رانی، تمہِ یتھُے دبدِ ہُنٛد رِپ وُچھ سو دولییہِ۔ دبدِ کیٛاہ سَنا گو ہنگتہٕ منگہٕ۔ "کھبتھ چبَتھ کور گُن گٔرِ وادِ۔

سوکھ موکھ چھو اوش ترٛاوان آسان أسی گرٛھی وارے روزٕنی۔ زَن أنٛزِ اَسہِ زبردستی۔ گرٛھان کیاز چھِو نہٕ واپَس؟ پتہٕ نبن دَر دِلن نش۔

''ہتہٕ بی ژٕے کتھ بی رٕژھتس بہٕ۔ مےٚ کیا وۆنمےٚ ژٕے۔'' دبڈ وۆن ودان ودان رانی کُن۔

''بَس بَس ووٚنی مہٕ لاگو مُچلہٕ۔ بلاے تتھ دوہَس ییٚلہِ بہٕ یَتھ گرِس لجاییَس۔ کَمن کَمن جاین اَے آسَم کتھ یِوان یہِ گوٚژھ جہنَم تس مٔنٛزم یارِس ین تییمِ بہٕ یَتھ تاونس لایجس۔'' رانی ہیٚژ زورٕ زورٕ باکھ ژھٹنۍ۔ ناتھ جین بوٚز اَپار، تہٕ توٚر ییٚپارِ مِس کُٹھس مَنٛز۔ گوڈٕ کوٚرن نبرٕم درواز جل جل بند۔ پتہٕ متھو یمن دوشونے۔

توہہِ کیاہ بی گوِ ہنگتہٕ منگہٕ۔ عالم کتھ ٹلہٕ وِنکھس۔ ناتھ جی وۆتھکھ شرٛارتہٕ سان۔

یہِ پرٛژھ تہٕ ماجہِ پننہِ۔ ہنگتہٕ منگتہٕ پٹھ ودنہِ۔ زن چھُس لوویمت کانٛسہِ۔ أمِس چھےٚ نہٕ شِنگ تہِ گرٛھان۔

کیٚہے دبدے، کیٚہے ذٔلیل چھےٚ؟ کتھے پیٹھ آسکھ اوٚش ہاران؟ پرٛژھس ناتھ جین تلخ آوازِ منٛز۔

اَدٕ بابہٕ کتھ رٕٹہٕ وِہوس باژو دویو۔ ژٕ تہِ چھُکھ مےٚ پوشان۔ أمِس کونہٕ چھُکھ کینٛہہ وَنان۔

اَدٕ ییٚلہِ أمِس تہِ خطا آسہِ یہِ ترٛاونا۔ وۆتھُس ناتھ جی شرارتہٕ سان۔

توہہِ چھُو نہٕ یتھ وۅپر جایہِ شرم تہٕ یِوان۔ لُکھ کیاہ وَنَن۔ یِم کم شِکس لد آیہِ یور بسنہِ۔ تہٕ کٔرتھ چھُو نہٕ راجہٕ ہِندِ عزتُک تہٕ خیال۔ أمِس ما گژھہِ یتہٕ بدنامی۔

''اِد بامےٚ کیاہ أمِس وۅناہ کیٚنہٕ۔'' وٕژھس مأج بگر آوازِ منز۔ یہِ چھُم منٛزی منٛزی پتُن گرِ یاد پیٚوان۔ پننی سأتھی سٔگی یاد پیٚوان۔ أتےِ چھس دِل موٗلوٗل ہِش گژھان۔ سونچان چھس گوٚ وَے تہٕ گوٚو کیاہ اَسہِ۔ کتھ مُصیبتس لٔگی۔ کوٚت لٔگی یِمن تاپہٕ کڑ ایَن۔ کم پاپھ اَسی کٔری متی۔ یِمنے غوتن چھس بار بار گژھان۔ اَتہٕ چھُم نہٕ پانس تام روزان۔ اوٚش چھُم پھٹان۔ کرِ کیاہ۔ ہرگاہ پلہ ہی مےٚ سوز تہٕ واپَس کٔشیرِ۔ دپان چھس تتےِ مرِ ہا۔ آورِنی گژھم نہٕ راوٕنی۔ دبد آیہِ بیٚہہِ اَکہِ پھرِ جذباتن لاینہٕ۔

یہِ ہاوی تہٕ ہون کانٛسہِ سکے ٹرِسٹس۔ أمِس چھِ زن کاڑی ڈٔلی متی۔ وٕژھ رانی رِنس گن۔ ناتھ جیَس گو نہٕ آشنہِ ہُند یہِ وُنن برداش۔ سُہ وۅتھ تَس روبہٕ سان۔ کاڑی چھے ژےٚ ڈٔلی متی۔ کر پانس ژھوپہٕ بکواس کر بَند۔ رانی دژایہِ شرارتہٕ سان کمرِ منٛز نبرَ۔

ناتھ جیَن ہیوٚت ماجہِ دِلاسہِ دِنن تہٕ مٹھ مدارِ کرُن۔ سو وٕژھس کمہِ تام ہٹہِ۔ ''تلامےٚ سوز واپس۔ بہٕ ناہیکہٕ نہٕ یِمن سیمٹہٕ کُٹھِبن منٛز روٗزِتھ۔''

ناتھ جی بیٚوٹھ ماجہِ لوکٹِس شُری ہِندی پأٹھی سمجاونہِ تہٕ سبزِ باغ ہاونہِ۔ یتھِ تتھِ گیہ دبد مُطمئین تہٕ بیٹھ ژھوپہٕ دم کٔرتھ۔ وَکھ گو گذران۔ دبد گیہ دوہ

کھوتہٕ دوہ پتھ پتھے۔ سو اُس ہران تہٕ ژھوکان۔ دوہَس اُس بال کُنہِ (ڈبہٕ)
پیٹھ أکِس کُرسی پیٹھ بہان تہٕ نبرٕ مہٕ سڑکہِ پیٹھ پکہٕ وِنن گاڈین کھو وتہٕ پکہٕ
وِنن وُچھان روزان۔ پتہٕ ییلہِ أچھ تھکہٕ ہانس سو اُس چارپایہٕ پیٹھ دراز دِتھ
بہان۔ گرِکین باُژن ستی اُس نہٕ خاص کتھا باتھا کینٛہہ کران۔ صِرف آیانہٕ ہَس
منٛز جواب دِوان۔ کھین چین تہِ اوُسُن کم کوٚرمُت۔ صِرف اُس کنہٕ پھِسرایا
کران آسان۔ رانی اُس رٔنس کتھِ کتھِ پیٹھ ونان زِ ''دبد چھےٚ تمِن شوٗٹھن أندری
أندری ووہوان آسان۔'' ناتھ جی اوُسس بوزنا کران تہٕ ٔخشمہٕ ہرٛھو أچھو
وُچھان۔ اُس تہِ زن دبدِ واقےٚ کیاہتام دمأغی تبدیٖلیا زن آمٕژ۔ سو اُس پانسے
ستی کتھ کران آسان۔ منٛزی منٛزی اَسان آسان تہٕ منٛزی روٚہوٕد ہش گنڈتھ وادٕ
أکِ ہے جایہٕ بِہتھ گرٛھان۔ زیادٕ سے زیادٕ اُس پنٕن صونٛدوٗق کھولان تہٕ پلون
کوٚ چیزن اکہِ انٛدٕ ٹلان تہٕ بیٚیس لنٛدس تھوان۔ گرِکس کانٛسہٕ تہٕ باُژس ستی اُس
نہٕ خاص کتھا کران کینٛہہ۔ صِرف اُس صُبحن نیرنہٕ وِزِ راجوٗہَس درواژس تام پتہٕ
پتہٕ نیران تہٕ وُٹھ ہوٚرِ کُملاوان۔ وونی اوُسُن کینٛژ وو دوہ پیٹھ تہِ تہِ ترٛوومُت۔ آخر
ییلہِ اکہِ دوہہٕ سو بسترٕ منٛز نبرٕ ے وزٕلیہٕ نہٕ ناتھ جی یَس لٔج فِکرِ ہش۔ سو اُس
صِرف کنہٕ پھِسراے ہش کران تہٕ آرٕ کٔژ وچشمو سارِنے وُچھان۔ ناتھ جی گابرٕ و
تس باسو وزِ دبد چھےٚ نہٕ وارٕ کینٛہہ۔ خبر کیاہ ذٔلیل چھس۔ تمیٚ کوٚر فاصلہٕ سو ڈاکٹرس
ہاوُنک۔ مگر دبد اُس نہٕ یون وٕنی لایکھ۔ ناتھ جی یَن کوٚر فاصلہٕ زِ سہ انہٕ ڈاکٹرس
گرٕ۔ سہ ووتھ یون تہٕ پرٛژھن کس تام ڈاکٹرس مُتلق۔ تمیٚ وُنس ڈاکٹر سُند پتاہ۔

ناتھ جی گو ڈاکٹر سُند پتاہ وُچھِتھ خوش زِ یٚیتھی بُلاکس منٛز چھُ گرٛاوُنڈ فلورس یعنی بٔنٛہِمس پورس منٛز سڑکہِ پیٚٹھے تس کلِنک۔ ناتھ جی گو ڈاکٹرس بُلاونہِ۔ ڈاکٹرن وٚونس زِ سُہ چھُنہٕ گرٕ گژھِتھ کانٛسہِ تہٕ مُریضس وُچھان یہِ چھُ تسُند اوٗصوٗل۔ تِمۍ دیُت تس صلاح زِ سُہ اَنِن ماجہِ اوٗری۔ مگر ناتھ جی کتھٕ کٔرِ والہِ ہے دِبِہ بون۔ تس اُس نہٕ تھوٗد ووہٕنۍ سُنٛب سامرٕتھے۔ پیٚٹھہٕ اُس کیٛاہتام ووران زن۔ ناتھ جی اوس ترٛہربوٗمت۔ تِمۍ وٚون ڈاکٹرس۔ ڈاکٹر صاحب۔ جتنا بھی فیس بولو میں دوں گا۔ لیکن آپ میرے ساتھ چلیے۔ صرف دس پندرہ منٹ لگے گے۔ خارٕ یتھٕ یتھٕ موٗتوٗس ڈاکٹرتہٕ گوڑٕ رٕٹۍنس پانٛژھ ہتھ روپیہ ایڈوانس۔ بییہٕ تھوٗنس منت زن۔ ناتھ جیس پیو ڈاکٹر سُلطان ڈار یاد، یُس تَس یتہٕ پران اوس مگر یُس دوٗربییس گامَس منٛز بسان اوس۔ ڈاکٹر سُلطان اوس دوہ کیٛو راتھ پننہٕ نٛبن مُریضن یلاج کران۔ تِمۍ اوس گرس تہٕ ہسپتال بنوومُت۔ ییلہِ اکہِ دوہہٕ ناتھ جی نِس مائلس پاپاجی یَس کھورس لجایاوتِمۍ کوتاہ کرٕ یاوتسندِ خاطرٕ۔ پانے واتہٕ نووٗن ہسپتال تہٕ کوٚرنس یلاج۔ دوا تام اوٗسس پانے اَنِتھ دِوان۔ ناتھ جی یَن ترٛوو دوشاہ تہٕ دزٕاو ڈاکٹرس بزٕ وٚنہہ بزٕ وٚنہہ لِفٹس منٛز۔ ڈاکٹر شرماہن ییلہِ ماتاجی بُتھس کُنۍ نظر ترٛاوٕ تِمۍ کوٚرتوباتوباتہٕ وٚونُن ناتھ جیس ''یہِ چھِے مرِن سَر'' یتھے پتہٕ دوٗربین لٲگنِس تہٕ نبض وُچھنس تِمۍ ترٛکراوِ کن تہٕ پرٕژھُن دِبِہ کُن ''ماتاجی کیا بات ہے۔ کہاں درد ہے۔''

ماتاجی رووٗزس تورٕ ہانگل ہش وُچھان۔ صرف ہوٗنس دِلس کُن۔ وُتھ

کُملأوِن تہٕ ترٲوِن ناتھ جیَس کُن زنتہٕ دولہٕ نظر تہٕ وٚدٕنَس وُٹھ پھسراے کران ''دٕپُس مےٚ چھُ دِلس تلہٕ واس ووتھان، کنَن چھِم پوٚت آلو گژھان۔ راتس تہٕ تہٕ دوٕہَس تہٕ۔ دِل چھُم راوان۔ مَتھ چھُم گژھان واپس گژھِہ ہا گرِ پٕنٕن۔ سأرِے آسنَم تتہِ پژاران۔ وارِیاہ کال گوکھ پژاران۔ ووٚنی کِتس کالس پژارِ ناوَ کھ۔'' یہِ بوٗزِتھ ترٕ ہروٕبوٕ ناتھ جیٚ۔ تس گو دِلہٕ ہُند پوٗرٕ تسلیٖح۔ یتھِ کنہِ اُس نہٕ سو زانہہ تہٕ بولان۔ شاید ماٗدٕج پزٕے۔ تَس پیِٚہ رانی ہنٛز کتھ یاد۔ مگر زِبوٕ ووٚنُن نہٕ کینٛہہ صرِف بوٗزُن غورٕ سان زِ دِلہٕ کیاہ چھےٚ وُٹھُن پھسرارے کران۔ سو اُس وَنان ''ووٚنی کتھ چھِہ ووم آلوس پیٛتھ آلو دِوان۔ پکانے چھس پکان۔ توہہٕ نِش واتہٕ جلدٕ ے۔ دٕیِہ ترٲو ڈاکٹرس کُن دولہٕ نظر۔ ڈاکٹرن ترٕوو دِلہٕ ہُند نبض یلہٕ تہٕ ناتھ جیَس کُن گلہِ نووُن کلہٕ۔ ناتھ جیَن ژیُن زِ دِلہٕ دہت قدم۔ تٔمی تُل یقدم ترٕیشہِ گلاسہٕ اتھس کنتھ تہٕ اکھ ترٕیشہِ چیٚچہِ ترٕ ووُن دٕیِہ اَسس منٛز۔



# پٔنٛز تہٕ پٔردٕ

کانٛتا جی اوس وونٛ لگ بگ ؤری پٔنٛژھ گوٚمُت بمبیہِ منٛز روزان۔ اَتھ ؤری یَس منٛز اوس کتہِ کور تٔمسٕندِس حُلِیَس منٛز بدلاو آمُت۔ سُہ رنٛگ رۄپ تہٕ سو بشاشت یوسہٕ تس اِنٛدرا کالنی ہٕنٛدِس مکانس منٛز آس، تتھ سارِی ہے آس واریاہ فرکھ آمُت۔ نہٕ اوسُس بُتھِس سُہ پرٛنبر رۄدمُت تہٕ نہٕ دِلس سو فراگھت تہٕ سکوٗن۔ أکِسے ؤری یَس منٛز اوس سورُے کینٛہہ بدلیوٚمُت۔ حالانٛکہِ گوڈٕ دوہہٕ پٔنٛژھے آس نہٕ سو بمبیہِ خوش مگر باس آس نہٕ دِوان۔ سو آس نہٕ یژھان زِ تٔمسٕندِس کُنِس تہٕ خانہٕ مألِس نِچوٚس نناجیَس یُس تس دون أچھن ہُنٛد گاش اوس گوٚژھ دِل ہٕنٛدرُن۔ توٚے ییٚلہِ تہِ سُہ زانٛہہ پرٛژھِ ہیٚس "ممی جی ژٕ چھکھے یۆت تتھ خوش" سو آسس

اَپُزِ ے جواب دِوان۔ اَہانو اَدِ کیاہ خوش گژھبس نا آسنہِ۔ ژ ے ورأ ے کُس چھُ مےٚ بیٚیہِ۔ یتھ مَنز چانہِ خوشی چھےٚ بہ تہِ چھس تتھ مَنز خوش۔

اَز شامن تہِ ییٚلہِ نناجی لگ بگ دٔہ بجے ہُوٗ گرِ آو، کانتاجی اُس دروازس کُنےٚ درِزن لٔج مژ۔ ٹی۔وی اوس لوتہِ لوتہِ چلان۔ آستھا چینلہِ اوس کُس تام وٕ پدیش دِوان مگر کانتاجی ہُند دیٚان اوس تور کُن کم مگر دروازس کُن زیادٕ۔ گوڈٕ گوڈٕ اوس تس اَن گِنت سمیٚس تام پزارُن عجیب باسان مگر وونی اوسُس عادت گومُت۔ مَنزِ اوس نناجی گوڈٕ واتان تہِ مَنزِ تسنزِ آشیٚنہِ یانے کانتاجی ہنزِ نوش مینا۔ مگر اُتھِ نو بجہِ بژونہہ اوس نہٕ کٔنہہ گرِ اژان۔ اَز یتھُے گنٹی بجے یہِ کانتاجی وُٕژھ یقدم تھوٚد، گوڈٕ وُچھُن شیشہِ مَنزی کُس چھُ، پتہِ کھوٗلُن وارِ وارِ گوڈٕ لٔکرِ درواز اَڑ وتھِ درواز ییٚلہِ نناجی وارِ پزِ زنووُن، اَدِ کھولُن شبشتر درواز۔ نناجی وُچھتھ گیٚس فراگتھ ہش۔ بیٚیہِ کُرن درواز بَند تہِ بیٹھ پتھر۔ نناجی ژاو پنٕنس کمرس مَنز تہِ ہیٚتِنہِ پلو بدلاونی۔ قمیضہِ ہندی بٹن کھولان کھولان پُرژھ تمہِ بیٚیہِ اکہِ پھِرِ سے سوال ماجہِ، یُس سُہ اکثر تس پرِژھان اوس۔ ''ممی جی ژِ چھکھے خوش بیٚتہِ۔''

کانتاجی دِتُس بیٚیہِ سے جواب یُس سو تس ہمیشہِ دِوان اُس۔ '' آہانو اِدِ کیاہ چھُم، خوش کیازِ آسہِ نہٕ'' ژ ے ورأ ے کُس چھُ مےٚ بیٚیہِ۔ بدلاو جل جل پلو بہ کرے تیتس کالس سبزی گرِم۔

'ممی جی بہ ہے چھس اَز نبرے کھیتھ آمُت۔ ژِ کھےٚ پانس۔ مینا ییٚلہِ ییہِ سو کھیٚیہِ پانے۔''

یہِ اوس اکثر سۭپدان زِ کانتاجی اٰس شُربن بتہٕ رٕنتھ تھاوان، ژٕیرتام پڑاران روزان مگر اکثر اٰسی تِم نبرے کھیتھ یِوان تہٕ تس اوس پڑارنے منٛزٕ گژھان۔ پتہٕ اوسس ئلہِ غاری موقہٕ کھن واتان۔ حالانکہِ ناجیٖن اوسس گرٕ پھرِ وۄتمت زِ اَسہِ مہ آس پڑاران، اَسہِ چھا سرکاری نوکری زِ ژورِ بجہِ گژھِ چھٹی تہٕ پاٛنژِ بجہِ تام واتو گرٕ۔ پریویٹ نوکری منٛز چھےٚ نہ کانٛہہ کتھا پانس تام۔

کانتاجی چھوٚل اتھہ تہٕ ژایہِ چوکس۔ ناجیٖس کِنٛتھ کوٚرُن فرٕجہِ منٛزٕ ترٛیشہِ رِگلاسہٕ تہٕ تھوٚوُنس بروٚنٛہہ کنہِ۔ تٕمی چیٚیہِ ترٛیش۔ پانس شیرُن بتہٕ تہٕ بیٹھ۔ ڈاینِنگ ٹیلبس پیٹھ بتہٕ کھنہِ۔ ناجیٖن بدلاوِ پلوٗ، تہٕ ژاو ٹی۔وی کمرس منٛزٕ۔ رِموٹ تُلن اتھس کِنٛتھ تہٕ بیوٗٹھ تتھ بٹن دباونہِ۔ کانتاجی اٰس بتہٕ میوٚنٛڈا کھوان تہٕ خبرکٕمن خیالن زن تہٕ ژایھ دِوان۔

اِندرا کالنی ہُنٛد مکانہٕ کتہِ مَشہِ ہےتس۔ تتھ مکانس منٛزٕ اٰسی تمہِ کالہٕ پکہٕ ہکی شیٖٹھ وٕری کٔڈِیٕ متۍ۔ حالانکہِ مہارنہِ تون اوسُن بانہٕ مُحلہِ کِس پُشتنی مکانس سختی منٛزٕے گُذورمُت۔ سرٛوٚدِس گرس منٛز یہِ سارِنے ہُنٛد وبکار اوس تہٕ اوس تُسنٛد تہٕ۔ سوٗزن آس باپٲری ماکی ہنٛز خانہٕ موج کوٗر۔ مگر وٲرِوِ گرِکس چھُ ماکی نیک بجر پوٚشمُت۔ تتہِ آسہِ ناٹہٕ گنٛزرِتھ تہٕ رَس میٚنتھ آسان۔ اَمِس تہِ اوس پننہِ مقدوٗرٕ موٗجوٗب میلان۔ کھن چھنک اوس سہلے دِیھ ننٛدرِ کامن اٰسس گژھان۔ شونٛگُن اوسُس پنٛدی نیران۔ ساٹرے ییلہِ کھتھ چیتھ موکلان اٰسی تہٕ پننہِ پننہِ کمرن منٛز کھسان اٰسی اَدٕ اٰس یہِ سطرنجہِ ژھٹھ کڈان، پتہٕ تتھ پیٹھ میٹرس تہٕ کرٕژ ترٛاوان،

دارِ درواز بند کران تہٕ اَدٕ بسترس پٮ۪ٹھ بژھاہَس پژاران روزان سُہ تہٕ سۄم ناتھ یانے تسُند برتھا ماکی ہنٛد کُٹھ منٛز سُلہ گرِ نیرِ ہے اَدٕ تژ اوِ ہے کانتاجی ڈاپھ۔ کرِ ہے کیٛا؟ پانژ ہ تا کھ تہٕ ترٛے پور مکانہٕ منٛزٕ آسی یمن کُٹھٕ ژ تہٕ ووٚٹ ھصہٕ آمت۔ باقے ھصہٕ اوُسس پتر بن اَتھِ۔ اَکھ اوس سۄم ناتھنٕ زِٹھی باۓ روٚٹمت تہٕ بیٛا کھ اوُسس ہشہِ ہہرس تل۔ لیہازا آسی یم زٕ بأژ وٕٹس منٛزٕے بہان تہٕ تہٕ شونگان تہِ۔ دوٚہس اوس ووٚٹ بیٹھکہِ منٛز تبدیل گژھان تہٕ راتس یِہندس شونگن کُٹھس منٛز۔ وٕٹس ستے اوس چوکہ تہِ لیہازا اوس صُجن صُجأے ووتھُن تہِ لأزمی۔

مگر پتہٕ ییلہِ سۄم ناتھس ترقی میج تہٕ سُہ اسٹنٹ انجینر بنوٚو تُمۍ کماوِ وارِیاہ روپیہٕ تہٕ بنووٗن اِندرا کالنی نوٚو مکانہٕ تہٕ یم بأژٕ آیہ اوٗرۍ بسنہِ۔ اتھ مکانس منٛز دژاو کانتاجی سورٕے مُس تہٕ تژوٗر۔ سأرِے ارمان دژایس۔ کھُلہٕ ڈُلہٕ جایا إٓسس بڈۍ بڈۍ کمرٕ، ڈبہٕ جوراہ، کانی، ووٚٹ، ٹھوٗکر کُٹھ تہٕ نوِ طریقُک کچن تہٕ غوٚصُل خانہٕ۔ پٮ۪ٹھ سأرۍ ہے ہہرٕ بونہٕ سیمٹ کرِتھ۔ نلکہٕ چوکس منٛز۔ ڈیوٚ آشہٕ آرامہٕ سان آس زِندگی گُذاران۔ نناجی تہِ پرٕنووٗکھ بٔرن ہال سکوٗلس منٛز۔ نٔہم جماتھ پاس کرِتھے گوٚو سُہ تہٕ نبر ٹرینگ کرنہِ۔ راۓ آسکھ زِ ٹرینگ کرِتھ پیٚیہٕ تہٕ کرِ ماألس ستی ٹھیکہٕ ڈرٛی۔ مگر بھگوانس اوس بدلے کیٛاہتھام منظوٗر۔ کٲشرِ ہنٛدی حالاتھے بدلییہ تہٕ وُچھان وُچھانے بدلیوو سورٕے کینٛہہ۔ پتہٕ دژایہِ زنتہٕ کاروان بٔنتھ سولبو سولبو کٲشرِ منٛزٕ لوٚکھ۔ اَدٕ کتہِ پیٚیہِ ہے پتہٕ نناجی واپس کٲشرِ۔ مگر کانتاجی تہٕ تسُند برتھا سۄم ناتھ روٗدی کٲشرِ منٛزٕے ڈٔٹتھ۔ تم ژٕلی نہٕ باقین ہنٛدی پأٹھی۔ پتہٕ

ییٚلہِ اَچانک اکہِ دوہہٕ سۆم ناتھ أکِس سڑکہِ حادثس منٛز حلاکھ گو۔ کانتا جی گیہٕ پَرٕژھنٕژ۔ حالانکہِ تتھ حادثس تہٕ لگی واریاہ ناو۔ مگر ہمسایہ دڑ ایس جان تمو دٕتٕس سینہٕ تہٕ دِلاسہٕ مدار کوٗر ہَس تہٕ دُت ہَس نہٕ کٲشِرِ نیرنہٕ کینٛہہ۔ ناجیس لوٗگن مول تہٕ تہٕ ماج تہِ یوٗتام تمۍ انجینئرنیگ کُر تہٕ سُہ بمبیہِ نوکری لوٚگ۔ تنہٕ پتہٕ لوگ ناجیَن پتہٕ ماجہِ چھوکہِ فقیر زِ سوٚیِن بمبیہِ، مگر سو موٗٹیس نہٕ کینٛہہ۔ سو روٗز موٗنڈ گرٕھتھ تہٕ پانژن وٕرِیَن کٲشِرِ ے۔ ووٚنی ییٚلہِ ناجیَن أکِس پنجٲبی کورِ ستۍ لو میرج کُر، تس لوٚگ نہٕ کانہہ چارٕ بمبیہِ یِنَس۔ کانتا جی آسی کم خاب وُچھیٚمتۍ ناجی نہٕ خاطرٕ۔ سو آس پنٕنہٕ جایہِ وٕنی دِوان تہٕ زٕ تڑے کورِ آسَن وُچِھتھ تہٕ تھوٚمرٕ، مگر بھگوانس اوس بدلے کیاہتام منظوٗر۔ تمہِ رَچاوٕ پننٕزِ کنِز دڑکہٕ تہٕ مانہان نہٕ گُنہِ سوٗرتہٕ بمبیہِ یُن مگر پتہٕ ییٚلہِ ناجی پانے گوٚس تہٕ ویلہٕ زاری کُرنس، تس لوٚگ نہٕ کانہہ چارٕ تہٕ آیہِ نیچوِس ستۍ جہازس منٛز۔

حالانکہِ میٚنا آس جان گرٕچ کوٗر مگر کانتا جی آس نہٕ دِلی خوش۔ تمہِ آسۍ خبر کیاہ کیاہ خاب وُچھیٚمتۍ نیچوِ ہندِ باپتھ مگر تم ساری ارمان روٗدِس اَندرٕ ے۔ نہٕ ساتھ رٹُن نہٕ دپنہِ نیرُن، نہٕ ساتہٕ ماٗنزٕ تہٕ نہٕ ماٗنزِ راتھ، نہٕ وٕگِس نژُن تہٕ نہٕ براتھ نہٕ مُتھۍ موٚرتہٕ نہٕ سوٚنی گرٕ ژانِژ۔ یِم سارِے رٕہم روٗدی تاکھچس پتہٕ۔ چھرا تسٕندِ بن خیالن منٛز۔ میٚنا زنتہٕ وٕژھ ڈوٗنٹھس ستۍ تہٕ پییہٕ تسٕندِس آنگنس منٛز۔ آنگن تہٕ کتہٕ، بمبیہِ کتہٕ گوٚو آنگن پادٕ۔ شاید پشِس پتہٕ، گوڈٕ کتہٕ اوس پش تہٕ یِہُند۔ سُہ تہٕ اوس خبر کتھن گرن ہُند۔ آ شاید تہندِس تڑبن کمرن ہندِس شیٖشترٕ دروازس نبرٕ

کنہٕ......

ممی جی ژٕ کہے چھکھ زنتہٕ کانٛسہِ وٕو پرس بتہٕ آپراوان۔ کاشتا جی گیہِ ناجین یہِ آواز بوٗزِتھ ابلاٹ ہش۔ ''ژےٚ ووتےٚ گنڈہٕ بتہٕ کھوان'' ناجین وٛونس، ''ژٕ کمن غوتن آسکھ گامٕژ۔''

کاشتا جی: ہا کٛہنہے نا یہِ ہاپوٗم گرِ یاد۔

ناجی: ممی یہِ چھےٚ نا ژےٚ گرِ؟

کاشتا جی: اَہانو کیاہ زِنہٕ۔ تس گیہِ گٹہٕ گوجہِ ہشہِ۔

ناجی: اچھا ممی بوز اکھ کتھ۔ بہٕ اوٚسس سوٗنچان۔ أسی ٚکنو سری نگرُک مکانہٕ۔

کاشتا جی زن لٕج ناجین یہِ کتھ بوٗزِتھ دِلس تھپھ۔ تس وبسر بووبتہٕ موٚنڈ اتھ منٛزٕ۔ سو گیہِ روٗزِتھ زن۔ تس فوٗرنہٕ چھہ تہِ۔ ناجی وٛتھس بیٚیہِ۔

ناجی: وُچھِ أسی کتہِ گژھو ووٛنی واپس کٲشیرِ۔ ساریٚ بٹہٕ چھِ کٲشیرِ پنٛن جاداد کنان۔ دپان اَسہِ أندی پٔکھی چھِ اِندرا نگرس منٛز تہِ واریاہو بٹو مکانہٕ کنٛی متی۔ ہرگاہ کانٛہہ رقم ییہِ غنیمتھ چھُ۔ خبر پتہٕ ما کھسن مُفتس منٛز سوٗرے تہِ کٔرِتھ اوٚسس بہ سوٗنچان بہٕ ہمہِ ہابوٚڈ پہن فلیٹ۔

کاشتا جی دیُت نہٕ نیچوس اتھ کتھِ کانٛہہ جواب۔ سوٕ ژھ تھوٚد۔ تھال تُلن تہٕ تھوٗن چوکہِ رٕکس سِنکس منٛزٕ۔ اتھٕ چھوٚلن تہٕ ہیٚتھ لوٚب گٔن بیٚیس کمرس منٛز پٔژھی ہندی پاٹھی۔

ناجیَس باسیوو زِ ممی گوٚو تُسنٛد وٛنن برتاہ۔ تمِ زون نہٕ کتھ زٕ ٹھراوٕنی

مُناسِب۔ سُہ ووتھ تھوٚد تہٕ ژاو بیٚیہِ ٹی۔وی کمرس منٛز تہٕ ترٛووُن ٹی۔وی۔

کانتاجی پیٚیہِ بیٚیہِ سوٗنچس۔

اِندرا کالنی ہُنٛد مکانہٕ کُنُن۔ نناجینٛز یہِ کتھ زنتہٕ لٔج تس گوٗلی۔ تس اوس نہٕ یہِ وٕہمہِ گمانس منٛز تہِ زِیرٛ ہ کتھ کرِ سُہ۔ سُہ گرٕ یٚیتہِ سُہ تھنہٕ پیٚو، پرٛتھوٗ وتہٕ بڈٕو، تمہِ گرِ چن لبن پیٹھ چھِ نناجی نِبن موسوٗم اۆنٛگجن ہٕنٛدی رٕ کھ پنٛژی وُنہِ تہِ موٗجوٗد۔ سُہ مکانہٕ یُس نناجینٛز ماُلی سوٗم ناتھن کمہِ شوقہٕ بنووُمت اوس یٚیتہِ تس موٗزوٗرن تہٕ دٕسلن ہتی ہتہِ دوہ کہِو راتھ ڈاکھی آسی گرٛژھان۔ تیٚمہِ لگرٕ تمٕی ژوٗرِ ژھپہِ اُہرٕ بلہٕ جنٛگلو پیٹھہِ انہٕ ناوہرٛ آس۔ یٚیمہِ کِبن دروازن تہٕ دارِبن ہنٛزٕ چُٹ کنہِ تمٕی دٕہن دُکانن پھیرِتھ ژارِمرٛ آسہٕ۔ سُہ مکانہٕ یتھ ہتی کانتاجی وُمرِ ہنٛزٕ یادٕ وابستہٕ آسہٕ۔ یٚیتہِ تمہِ زِندگی ہٕنٛدی سوکھ دوکھ پٕننِبن اَنٛگن آشناون، وٕسن کہِو ہمساین ہتی بأگرٲوی متہِ آسہِ۔ تہٕ سُہ گرٕ یتھ منٛز تمہِ راٲنی ہٕنٛدِ سورگہِ واس سپدنہٕ پتہٕ کُنٛزکی پانٛژہ وٕری اَمہِ کِنٛز گنٛذارِتھ ہیٚکی زِ تس آس مکانہٕ کِس أکِس أکِس حِسس منٛز سوٗم نانٛ تھنٛز ژھاے تہٕ گرٛاے نظرِ گرٛژھان۔ باس اوسُس گرٛژھان زِ سوٗم ناتھ چھُ تس ہتی ہتی ڈکھِ۔ یہِ اوس نہٕ صرِف لگرِ تہٕ سیرِبن ہُنٛد مکانہٕ بٔلکہِ اکھ اَستھاپن یٚیتہِ تمہِ ٹھوٗکُر کُٹھِس منٛز وٕری یہِ وادن عبادتھ کٔرمرٛ آس۔ کیٛاہ یوٗہے عبادتھ گاہ چھا نناجی کُنُن یژھان۔ نہٕ نہٕ تہِ بنہِ نہٕ کانتاجی کوٗرٕمنٛس منٛز فاصلہٕ۔ أتھی اَسناہس منٛز بجیہِ دروازٕ چ گنٛٹی۔ نناجی ووٗتھ تہٕ کھوٗلن آشنہِ دروازٕ۔ مینا ژایہِ اندر رچھنٛز دِژٕن اۆک اوٗنٛد دارِتھ تہٕ اژٕ وُنے ترٛووُن شوٗنگن کمرس منٛز پلنٛگس پیٹھ ڈایھ۔ نناجی ژاو چوکس

مَنٛز، شاید ما اَنہِ ہے میٖنایہِ کُنٛتھ بتہٕ شیٖرتھ مگر تمہِ دِژٕ بٕ پیٚٹھے کرٕ کھ۔ وۄنٛس زِ سو چھےٚ نبرے کھتھ آمٕژ۔ تس اوس کس تام وبہِ از زاہ دوہ۔ تس چھےٚ یڈ بُرِتھ۔ ننا جیٖن تھۄو بیٖیہِ بانن ٹھانہٕ، چۄکِچ بجلی کٔرن بنٛد تہٕ ژاوزنانہِ نٔش۔ ماجہِ دِژٕن اَتے پیٚٹھ کرٕ کھ۔ ممی جی شونٛگہِ ژٕ تہٕ نبب راتھ ہے گیہِ۔ خبر کانٛتاجی بۄزاتہِ تسنٛز کرٕ کھ نہٕ سنبوٕ نہٕ تتھ۔ خبر سوشونٛجاتہِ تمہِ رأژ تہِ چھےٚ نہٕ کانٛسہِ پتاہ، تمو کۄر پنٕن درواز بنٛد، خبر پتہٕ شونٛگیا کِنہٕ نہٕ، کانٛتاجی تہِ کتھ اوس سنٛزن تتھ۔

صُبحن ۂژھ میٖنا حسبہِ موموٗل شیہِ بجہِ بأگی ننٛدرِ تہٕ ژایہِ چوکس۔ پھرٕ جہِ منٛز کۄژٕن دود تہٕ بناوٕن چاے۔ چایہِ ژٕ رے ہتھ یتھے دژایہِ، سو گیہِ حأران زِ کانٛتاجی أس نہٕ وُنہِ بِسترٕ منٛزٕ تھۄد وۄژھمٕژ۔ تمہِ تھۄو ژٕ رے میزس پیٚٹھ تہٕ گیہِ تس وُزناونہِ۔ ممی جی کیسی ہو۔ ابھی تک کیوں نہیں جاگے۔

کانٛتاجی: بس ابھی اُٹھتی ہوں۔ تمہِ دِژٕس جواب۔ تس آس نہٕ شاید راتس ننٛدرٕ آمٕژ تہٕ وۄنی أسس صُبہِ کہِ پہرٕ أچھ ہش لٔج مژ۔ میٖنا گیہِ حأران زِ یوسہٕ ممی جی صُبحن پانٛژِ بجہِ وۄتھتھ شرٛان دیان گٔرتھ وُنی کبن بأگی مہرِنٛز ہش بجتھ أس آسان، أس وُنہِ بِسترس پیٚٹھے۔ خأر سو سنیہِ نہٕ اتھ زیادٕ چایہِ ژٕ رے تجُن تہٕ ژایہِ پننٛس کمرس منٛز۔

اورٕ دژاو ننا جی اژٕ ننٛدرِ رے، تہٕ گۄو سیوٗدے ماجہِ ہنٛدس کمرس منٛز۔ تس اوس شاید میٖنایہِ وۄنٛمت زِ ممی جی چھےٚ وُنہِ شونٛگتھے۔ تٔمی پرٕژھ ماجہِ حال چال، کلس پیٚٹھ تھۄونس اتھ کیہے ممی جی وارے چھکے؟ ژٕ کیہے زِ چھکھ وُنہِ شونٛگتھے؟

کانتاجی: کینْہہ نامےٚ ہانٛج صُبح کہِ پھٕرٕ اَچھ، یہِ کہِ ووتھٕ۔ یہاے چھم غنوٗدگی ہش۔

ناچیس توٚر فکرِ زِمی جی کیاز چھےٚ نہٕ راتس ننٛدٕر آمٕژ۔ ''اَچھا کرتام آرام'' یہِ وٕنتھ دژاوسہٕ تہٕ ژاو بیہٕ پٔنٛنس کمرس منٛز۔

ساڑٕ اَٹھ بجے ہوٚو دژایہِ یم باَژٕ ز دودٕ گلاسا اکھ اکھ تہٕ ٹوسٹ جورا کھیتھ۔ مینا اَس تھنہٕ ورآیی ٹوسٹ کھوان۔ شاید اَس چربی کھسنس کھوژان۔ تِمے اَس ڈایٹِنگ کران۔ اَمہِ دوہہٕ کھیگھ نہٕ کارن فلیک تہِ شاید ما اوسکھ ژیر گومُت۔ عام طور اَسکھ ممی جی زبردستی ناشتہٕ کرٕناوان۔ کارن فلیک، پرانٹھٕ، ٹھوٗل، مہوٕ وغاٚر مگر ازٕ یِیلہِ وُنہٕ سوشوٗنگتھے اَس۔ خاٚر کانتاجی پوٚتھوٚد ووتھن درواز بنٛد کرنہٕ باپتھ ووٗنی یِیلہِ وٕژھے، سوژایہِ غوٗصل خانس منٛز تہٕ نوٚن شرٛانا کرتھ۔ یوٚہے ژاس زُوہوٚو تہٕ غنوٗدگی گٔیس دوٗر۔ سوژایہِ چوکس تہٕ بنووُن پانس کُنتھ کُہو۔ بادام تہٕ اَل تٕر وونس تہٕ چیٖنٛی گلی ز ژور۔ بیہٕ لجس یہے ریٚنے ہش چایہِ گلاسہٕ تھوٗن میزس پٹھ تہٕ بیٹھ راٚ گنیایہِ ہنٛدِس فوٹوس نش یُس پانس ستی سری نگرٕ پیٹھٕ اونمُت اوسن۔ کیاہتام وُٹھ پھسرایانٛج کرنہٕ۔

گنٹہٕ جوراہ گٔیہِ تہٕ گوٚو گنٹی ہُنٛد سداتس توٚر فکرِ زِ یہِ گژھِ ڈاکہٕ وول آسُن۔ تمہِ کھوٗل وارٕ وارٕ لگرٕ درواز۔ اَمی سُنٛد انمان اوس صحی۔ ڈاکہٕ واٚلی پلہٕ نووٗس شیٖشٕتر درواز ژٕرنہٕ کنٛی اکھ لفافہٕ تہٕ بیہٕ اکھ کاغذ۔ کانتاجی کوٚرس کاغذس پٹھ دستخط تہٕ پلہٕ نوونس واپس۔ ڈاکہٕ وول دژاو۔ اَمہِ کوٚر بیہٕ درواز بنٛد تہٕ لٔج لِفافس

کُن وُچھنہٕ۔

لِفافُک پتاہ پٔرِتھ بدلییہِ کاشتاجی ہٕنز چال ڈاپے۔ تس پھوٚر بُتھس ہیٚیہ رنگ ہنُو۔ لِفافس مَنٛز اوس سالہٕ کارٛڈ۔ یہِ اوس فِردوسنہٕ خانٛدرُک داعوت نامہٕ۔ فِردوسہٕ آس کاشتاجٕی ہٕنز خاص وٕسہٕ تہٕ ہمسایہ بابہٕ حلیمنٕز کوٗر۔ یِمن پانٛژن وٕری ین کاشتاجی کٔشیرِ پٔنٛنس مکانس مَنٛز کُنے زٕنی روزان آس ییٚہ ماجہِ کورِ زٕ آسہٕ تس وٲری گنٛڈِتھ شونٛگنہٕ یوان۔ پوٚزے بٔزِو یہندے درمہٕ ہیٚچ سو تتہِ کُنےٕ زٕنی روٗزِتھ۔ حلیمنٕز بابہِ آسی تنظیمہٕ ہندی خاص کارکُن۔ یہُند اہر اوس ساری ہے شہرس اِدِ نا اِندرا کالنی۔ سُے وجہہ اوس زِ اِندرا کالنی مَنٛز ٹِکیٚہِ واریاہ بٔڈہٕ بدتر حالاتن مَنٛز تہِ۔ کاشتاجی اوس حلیمن بوٚڈ احسان۔ اَمِے آس یہِ فِردوسس کورِ ہندی پاٹھی رچھان۔ ووٗنی ییٚلہِ فِردوسس خانٛدر اوس اُسنٛد سالس گژھُن اوس لازمی۔ آخر آس کورِ ہٕنز جاے۔

کاشتاجی موٚٹھ اَمہِ دوہ کھٔن چیٚن تہٕ سو روٗز اتھ لِفافس تھلہِ تھلہِ وُچھان کم سے کم آسنہٕ یہِ کارڈ دوہَس ژہہِ پھِرِ پوٚرمُت۔ خانٛدرس آسی لگ بگ ترٛے ہفتہٕ تمہِ ہرٛژ اٗندری اٗندری تیاری کرٕنی۔ سو کوسہٕ کوسہٕ دوٗتی تہٕ کُس کُس سوٗٹھ نیٚیہ تہِ تہِ کوٗرن طےٚ۔ فِردوسس کیاہ کرِ گٕژ موٗٹھ تہٕ تہِ سوٗنٛچن۔ تمس گرٛژھبس سونہٕ وس آسُن۔ ہٕنس یا کٕنہ۔ نتہٕ پوٚر سٮ۪ٹ تمہِ کوٗر فاصلہٕ زِ سو اَنہٕ پٔنٛنین پانٛسن تس سونہٕ وس تہٕ ہیٚیہٕ حلیمس کُنھ سوٗٹھ۔ سو نیٚیہ پگہٕ پاے نناچیٚس یا میناییہِ بازرتہٕ تھوِ بٔروٗنٹھے اٗنتھ۔ اَکھُے ونہِ نناچیٚس ٹِکٹ کڈنہٕ خاطرِ تہِ خبر پتہٕ

میلہِ سا۔ سأری ہے دوہَس رۆز کانتاجی یِمنے خیالن لولہِ متہٕ لاے کرنہٕ۔ کالک
گوس سورٕے مُشتھ۔ اۘخرے تمہِ تِمن ماجہِ کوربن ہِتی کم کم سوکھ دوکھ بأگرأوی متی
اۘسی۔ تس پیٚیہِ تم سأری ساتھ اکہِ اکہِ یاد ییم تمہِ تِمن ماجہِ کوربن ہِتی گُزأری متی
اۘسی۔ تس پیٚو یاد زِ ییٚلہِ کانتاجی اکہِ پھرِ ٹیفیڈ کۆرُن تمہِ ماجہِ کورِ کتھ کٔنی آسہِ وارِ
وارِ تس ڈٲکِس پٹھ سرِ دآبہِ پچہِ تھاوان۔ برابر اۘکِس ہفتس گرٕہَس دایہِ ہٕنڈی
پأٹھی تیمار دأری۔ سُہ ساتھ کتہٕ مَشہِ تس۔ تمہِ دوہہِ لجایہِ سارِنے محلہِ والین زنتہٕ
ریٚے۔ محلُک محلہِ آیاو ژِ ستھ۔ کٔتیاہ جان لۆکھ چھِ تتہٕ اۘدا یورِکی اکھ وٕری اوس
کانتاجی بمبیہِ آمتِس گوٚمت۔ یتھ وٕریس منٛز لٔج نہٕ تس پتاہ زِ تِمن ییم زِ گرِ
ہمسایے چھِ تِمن کٔیاہ چھُ ناو تہٕ کٔیاہ چھِ کران۔ یٚیتہٕ کینٛہ لۆکن ہُنٛد وہار وُچھتھ
اۘس کانتاجی حأران گژھان۔ کأنٛسہِ نہٕ کأنٛسہِ ہِتی مطلب۔ نہٕ کتھ باتھ نہٕ یِن
گژھُن تہٕ نہٕ کانٛہہ لین دین۔ سأری پانس پانس۔ تس کٔیاہ گوڑ آس نہٕ ناجیٚس
یِس یۆت وَکھ اَتہِ روزان گو تہٕ پتاہ زِ تس کم چھِ ہمسایے۔ ییم تہٕ گیا لۆکھ۔ اَسہِ
کتہٕ بنن تم پٔنٛنی ہمسایے۔ کانتاجی اۘس فخرٕ سان سونٛچان۔ سو رۆز بیتأبی سان
ناجیٚس پژاران زِ سُہ کرواتہِ گرِ تہٕ بوزِ ناوبس خوش خبری اۘخراوس اۘلیمسن سُہ تہٕ
رۆوچھمت تہٕ فِردوسہ اۘس تس بأے جان ونان۔ سُہ تُلہِ ووٚٹہِ یہ خبر بوٚزتھ کانتاجی
سۆنٛچ۔

بتھ بتھِ گوو شام۔ کانتاجی بناوِ اَمہِ دوہہ ناجی نہِ خاطرٕ تسٕنزِ خاص
پسندیدٕ ضِیافت رازماہ، اکہِ یکھنی تہٕ مُجہِ چیٹنی۔ بتہٕ سُبن کۆرُن پھٹاپھٹ تیار۔ مینایہِ

ہنٛدِ خاطرٕ تھوٚوُن اوٹ مأنٛڈِتھ یُتھ زن تس ژوچہِ زٕ ترٛےٚ بنأوِتھ دِیہ۔ تِکیازِ مینا
اُس نہٕ بتہٕ زیادٕ کھوان۔ تس اوس ؤہم زِ بتہٕ کھنہٕ ستیٚ وَتھِ سو۔ کانتاجی تھوٚو سلاد
تہٕ ژٕٹتھ۔ یُتھ زن سو شُربن وٕھتھ ضایہِ کرنہٕ ورأیی بتہٕ کھاوِ تہٕ پتہٕ بوزٕ ناوٕکھ
خوش خبر۔ ئلی کہِ سوٚنٛچ تمہِ زِ میناتہٕ نمہٕ ہون سالس۔ سو گژھِ پنُن گرٕ وُچھِتھ سیٹھاہ
خوش اَکھتےٚ گرٕ چھن تتہٕ ہمسایے تہٕ تس وُچھتھ خوش۔ اُخرے سارِنےٚ شوق اوس زِ
نناجیَس کر کرو خانٛدر تہٕ کر ییہِ مہرنٛز گرٕ۔ کانتاجی اُس یمنےٚ خیالن منٛز مَس زِ
درواز چ گنٹی بجے یہ کانتاجی ییہِ کُنےٚ لانٛچھ دروازس تام۔ یقدم کھوٚلُن درواز، اَز
وُچھ نہٕ تمہِ ژٕری نوکَنٛ تہٕ تہٕ نہٕ شیشہِ منٛزی۔ زنتہٕ تس وہی اُس زِ یہ آسہِ نناجی۔ سو
گیہِ پننِن شُربن وُچھِتھ سیٹھاے خوش۔ اَز اُسی واریاہہِ دوٚہی یم دوشوے شامن
یکہٕ وٹہٕ گرٕ ژامتی۔ کانتاجی گوٚو ییہِ ہَن تہٕ اَزی کس دوہَس پیٹھ بزٕ وسہٕ۔ پزی
پأٹھی اوس اَزیک دوہ سیٹھاے خوش نصیب۔ یُتھےٚ شُری گرٕ ژایہِ۔ سو گیہِ یقدم
چوکس کُن تہٕ کڈن فرٕجہِ منٛزٕ ترٛیشہِ گلاسہٕ جوراہ۔ یم پلہٕ نأوِن شُربن تہٕ ووٚنُن
نناجیَس کُن پھٹا پھٹ بدلأوِ پلو بہٕ شیرٕ ہوو بتہٕ۔ تسُنٛد جواب بوزنہٕ ورأیی ژایہِ سو
ییہِ چوکس۔ گاس زولُن، سبزی کرٕن گرم تہٕ واتہٕ نوٚوُن بتہٕ سٕتن میزس پیٹھ، ترٛیش
گلاسہٕ، سلاد، آنچار، کولہِ، پلیٹ وغأرٕ تہٕ روٗز شُربن اِنتظارس۔ تم تہٕ آیہِ تہٕ بیٹھی
میزس پیٹھ۔ کانتاجی آیہِ نہٕ پزٕھ زِ یم دوشوے بأژ چھِ تس بزٕوٕنہہ کنہٕ۔ یُتھ ہوٚ
ساتھ اُس سو کُنہٕ کُنہٕ وُچھان۔ ییلہِ تم دوشوے یکہٕ وٹہٕ گرٕ اژہأن تہٕ پتہٕ یکہٕ وٹہٕ
بتہٕ کھیٚیہِ ہَن گوڈٕ چھا کم مُشکِل؛ اَزی کہن شُربن ہنٛز زِندگی۔ نہٕ چھکھ دوہہ کُنہٕ تہٕ

نہٕ راتھ کاشتاجی اُس پانس ستۍ سوٗنچان۔ نتہٕ گیاو تُنُد زمانہٕ۔ سوٗمناتھ جی اوس ژورِے بجہِ گرٕ واتان۔ اِد چایا ژوٗٹا کھبتھ گرا باغس گتھ دِوان تہٕ گرا بازرس نژان۔ گرا اَکِس ہمسایَس نِش گژھان تہٕ گرا بیٚیِس نِش۔ مَنزی مَنزی اوس دفترٕ وَسہٕ وُن مَنزٕ بانہٕ مَحَل واتان تہٕ مَنزٕ راجہٕ باغ۔ گرا ماسہِ ہُنٛد تہٕ گرا پوپھہِ ہُنٛد صِرف أٔسس نہٕ ہوٗور کھسنَس سُنٛبِہ زانٛہہ فُرصتھ۔

اِد گیا أزی کیٛن شُرٕ بن ہنٛز زِندگی۔ یمَن روو سورُے نہٕ کُنہِ ماتامال، نہٕ ماس نہٕ پوپھ تہٕ نہٕ ووٚنی ہمسایہ۔ اَز اَسۍ عجیب عجیب خیال کاشتاجی گنان مگر نناجی نہٕ آوازِ ستۍ آیہِ سو بییہِ ہوشس مَنزٕ۔

''ممی اَز کیٛاہ ذٔلیل چھےٚ ژٕ چھکھ اَز بڑٕ خوش۔''

کاشتاجی: ''توٚہۍ کھیٚیِو پٹا پھٹ بتہٕ بہٕ وَنہٕ ہوو خوش خبر۔''

مینا اُس رٲنِس کُن آرٕ کٔرِو تہٕ سوالیا چیشمو وُچھان۔ شاید اُس یمَن ماجہِ پٔترن ہِندِس کلامس مانے ژارنٕچ کوٗشش کران۔ یہِ اوس نناجیٚس بیاکھ کلہٕ دود مینایہِ کاشُرس ترجمہٕ کرُن۔ کاشتاجی اُس اَمہِ ستۍ تہٕ پریشان۔ مگر یہِ غم اوٚسُس أندرِے، نبر مابنہِ ییٚس کڈُن، سُہ کُس بوزِ ییٚس۔ اچھا ون ووٚنی ممی کیٛاہ ذٔلیل چھےٚ۔ ژےٚ ماسوٗنچت مکائنک کیٛنہہ؟

کاشتاجی ژوٗمرٲونس تہٕ ژایہِ اَندر کَمرس مَنزٕ، اَتہٕ اوٚنُن سُہ لِفافہٕ تہٕ ترٛووُن نناجیٚس برٛونٛہہ کنہٕ۔

''یہِ کیٛاہ چھُ ممی؟'' پرٕژھس نناجیٚن۔

"یہِ ہا چھُ فِردوسنہِ خانٛدرُک سالہِ کاژٕرٕ" دیُت کاشتا جی اَسان اَسان جواب۔

نناجی: اچھا کر چھُس؟

نناجی: نوِ ربتہٕ نہٕ پأنژمہِ تأرِیکہٕ۔

نناجی: اچھا گۄو صِرف ترٛنے ہفتہٕ چھِس۔

ممی جی سو کرِے گیہِ بڈٕ تہٕ خانٛدرس لایکھ۔ راتھ تانٛ أسس کھنٛز وسان۔

کاشتا جی: اَسان اَسان۔ اِد چھا بامنٛزٕ لکی منٛزلسے منٛز روزان۔ تہِ کرِتھ گیہِ یہاے وأنس خانٛدرس لایکھ۔ اِد چھا بڈٕتھ کران۔

نناجی: اَہانی جان گۄو۔ ہرگاہ سدِ بُتھِ نکھٕ وَسہِ۔ أزی کنٛن حالاتن کُن وُچھِتھ کۄرُکھ ٹھیکھ۔ تتہ چھا کانٛہہ کتھا پانٛس تانٛ۔ أتے چھِ اور تہٕ أتے یور۔

کاشتا جی: بہٕ ہَبا چھُس سۄنٛچان أسی گژھو سأرے سالس۔

مینایہِ ہِنٛدِس کلس پٹھ اَتھِ تھوان وۄنٛس تمہِ۔ اَکھُتے وُچھِ میناتہِ پٔنٛن گرٕ۔

نناجی: کُس گرٕ تہٕ کتھ سالس۔ حأرانی سان۔

کاشتا جی: کہو روۄے ژٕے، پٔنٛن گرٕ ہا پیٖہٕ کُس۔

ژٕ ہا اَزٕ زِ پگہٕ ہأے ٹِکٹہٕ ترٛنے۔ اَکھُتے یہ تہٕ آتھوارِ دوہ مے ستی بازر۔

نناجی: ژٕ کہے چھکھ می عجیب عجیب کتھٕ کران۔

کمہٕ ٹِکٹہٕ تہٕ کیاہ بازر؟

کانتاجی: کٲشِر گژھنہٕ خاطرٕ ہا ٹکٹہٕ تہٕ بیہِ کیاہ۔

نناجی: ممی ژٕ مےٚ چھکھ ساد۔ ژےٚ کوٚت چھےٚ گژھُن کٲشِرٕ۔ ژٕ ما چھکھ بیٚقل۔

کانتاجی: کِہوزِ بیٚقل ہا آسن میٲنی دُشمن۔ بے یوت نا آسہٕ سارِے ہا ترٛ و کٲشِرٕ۔

بہٕ ہا آسس اتھ دوہس کرٕ پیٚٹھ پژاران۔

نناجی: ہمی جی ژےٚ چھُیہ اند از ژٕ کیاہ چھکھ ونان۔

کٲشِرٕ ترٛن چھا سہلے۔ تتہِ چھا تِم حالات۔ ژٕ چھکھ ناٹی۔ وی وُچھان۔

کانتاجی: حالات ہا چھِ بِلکُل ٹھیک۔ دُنیاہ چھُ گژھان تور۔ بیتاہ سیاح چھِ ہاوان

یوان گژھان ٹی۔ وی یَس پیٚٹھ۔ ییلہِ نہٕ تِمن کانٛہہ خطرٕ چھُ اد چھا اَسے۔ تتہِ گرٕتھ

أسے تتہِ کِے چھِ۔ اَسے گرِ خاندر چھُ۔

نناجی: ممی جی ژٕ کرٕاہ ساد چھکھ۔ لُکھ کیاہ وَنن۔ ژٕ گژھ کھا مُسلمان ہمسایَن ہُند

سالس۔ تیژٕ کیاہ مجبۄری چھےٚ۔

کانتاجی گٔیہِ نیچوِی سُند یہِ جواب بۄزِتھ عقلہِ بقل سو گٔیہِ نار۔ تس رۄدنہٕ

پانس تام۔ سو وۄژھ تاشہِ سان نیچوِس کُن۔

کمۄ لُکھ، کمۄ لُکھ چھےٚ ژےٚ بیٚتہِ۔ یِما یِم ہمسایے چھےٚ۔ یِمن ستی نہٕ کتھ

نہٕ باتھ نہٕ لین تہٕ نہٕ دین، یِمنے چھما کھوژُن۔ کِنہٕ چانہِن اُشناون ژےٚ کمو اُشناو

چھے۔ ییتھ وُری یَس کُسو گوٚے یور بۄد۔ ژٕ کسو نِش چھکھ گژھان تہٕ ژےٚ نِش

کُسو چھےٚ یوان تِمنے چھکھ ژٕ کھوژان۔

مےٚ ہا چھِ تِم وٲنِسہِ ہِندی ہمسایے، پننِہِ ہندِ کھوتہٕ تہِ زیادٕ ہمدرد۔ مےٚ ہا چھُ گرٕ ھُن۔ توٚہی ییہِ تو یا متہٕ ییہِ تو۔ بہٕ کرٕ پننِہِ پانٔسن ٹِکٹ۔ مےٚ چھا روپیہِ تاوَن۔ میٚے چانِس مالِکہِ ہِندی دیارُونہِ چھِہندن چھِ۔

کاشناجی روٗدنہٕ پانس تام۔ تمہِ ییہِ نہٕ وُمرِ زانِہہ ناجیس وۆنمت اوس تہٕ وۆنِس وُنی کینہہ۔ تس گوٚو شرارتہٕ ستی رتہٕ بُتھ تیار۔ ٲلیمس مُطلق ناجیُن جراہ کرُن گوٚو نہٕ تس برداش۔ تس اوس نہٕ وٕہمہٕ گُمانس منٛز تہِ زِ ناجی کرِ یِژھ کتھ۔ سو دژایہِ پھُٹِ مِتو کوٹہٕ بو تہٕ ژایہِ أندرِمس کمرس منٛز تہٕ بیٹھ کمرس سیٚمنٹُس فرشس پیٹھ پتھر۔ تمہِ تژوو کلہٕ بون کُن اویزان۔ أنکھ کوٚژن نبر تہٕ ٲژ اوٗش ووتھراونہِ۔ یُتھ ہوٗ پرٛانہٕ ہرِش اوس نہٕ تس تمہِ دوہہٕ تہِ گوٚمُت ییلہِ سوٗم ناتھ جی اچانک پاٹھی حادثُک شِکار گوٚو۔ تتھس انہِ ٲگتس منٛز کُس سنا آیاوتس اکار بکار۔ تٔمی ہہژ پٔترِمس تہٕ بژوٗھمِس ساری ہے سام ہیٚنز۔ سو ٲژ پننِہِ تہٕ پرٕ دِبن حِساب کرنہِ۔

کاشناجی تھوٚو پنُن بُتھ کوٹھِن دون منٛز بَنٛد تہٕ ہہژن زورٕ زورٕ باکہٕ ژھٹنہِ۔ سو بیٹھی پننہِ بدنصیبی وبداکھ دِنہِ۔



# موبیل نمبر

پرٛتھوی ناتھن یۆ دوٚے دِلہِ وأنِتھ بَسن کھسُن وُسن ہیوٚ چھمُت تہٕ اوس اماپوٚز یہِ بَس اُس تیزٕ برِتھ زِ داربو۔ کنٛہ آسی لُکھ یہِ ڈٕلۍ زِ تہِ الاٗنتی تہٕ یہِ وُچھِتھ کوٚرنہٕ تٔمۍ بَسہِ کُن پکہٕ نَس تہِ جُرتھ۔ سُہ بیوٚٹھ بَس سِٹاپَس پیٹھ پننہِ جایہِ تہٕ عاٗرکھ ووتھرآوِتھ کڈٕن چنٛدٕ منٛزٕ اکھ لوٚکٹ ڈاری، یَتھ منٛز ڈیرٕ والین ہُنٛد فون نمبر تہٕ پتاہ، بَسن تہِ وَتن ہنٛدی نمبر لیکھِتھ آسی۔ سُہ لوٚگ وُچھنہِ زِ وونۍ کمہِ نمبرٕچ بَس ییہِ تہٕ نیہِ تَس امہِ سِٹاپہِ پیٹھٕ گرٕ۔ گرٕ لفظ یاد پیتھ آو تَس اُسن تہٕ ووشٕ ترٛاوِتھ لوٚگ سونچنہِ۔ "گرٕ! سُہ کتہِ روٗد گرٕ۔ سوٗرُے رووٕ۔ وُمبرِ ماشٹری گرِتھ یُس یَژھ تہٕ پہچان پرٛاوِمٕژ اُسم سو ساٗری اَرزتھ راوٕ۔ جلاے وطنی واتہٕ نوٚوِس یَتھ کنکرٛیٹ جنٛگلس

مَنٛز یِیتھِ تاز شاہ ہمٔنٛس تہٕ اِنسان تٕرسان چھُ۔ سوٗرے بدل۔ بے بُتھی ماحول۔ فقط نمبر۔ پرٛارُن تہٕ لاَن۔ زانہِ دَے میوٗن نمبر گر لگہِ۔ گر ژلہِ میانٮ۪س آشوٚہَس گرٛہُن؟ رِٹایر گژھِتھ یُس پانٛسہٕ میوٗلُم تمہِ ستی کٔرنووُم سُہ گوڈٕ کمپیوٗٹر اِنجیٖنٔری تہٕ پتہٕ ایم۔بی۔اے مگر پاپھ پٔنٛژ زِوٚری یہِ پَتھ چھُ بیکار۔ نوکری خاطرٕ دفترٕ دفترٕ یِتھ گژھمہٕ ژنٛجہِ مَنٛز پھیٖرِ پھیٖرِ چھُس گولاب رویَس آرولہٕ پوٚش گومُت۔ ووٚنی چھُنہٕ گرِ خاص کتھ باتھ تہِ کران۔ پاپھ پٔنٛژ تہٕ بیٚیہِ نہٕ کیٛنٛہہ۔ موموٗلی پینشنس پٮ۪ٹھ دِلہِ مَنٛز گرِ کرُن چھےٚ شیٚیشترٕ کرٕ ژاپنہٕ کھوتہٕ تہِ مُشکِل۔ پٮ۪ٹھٕ وأژمِژ کوٗر شوٗی۔ سو تہِ موکلہِ ووٚنی کالجہِ۔ اَکھے آش۔ آ۔ اَکھٕے آش چھُم کرٕژنس مَنٛز شہٕ تھٲوِتھ۔ آشوٚہَس بَنہِ ہے کانٛہہ روزگارٕچ سبیل تہٕ شوٗی تٕراوِ ہاشرٕ وٕژ پاش گرٛا۔ پتہٕ مَرٕ ہا توتہِ رَژھ کھنڈ شُہُل...... پھولراوِ نا مأج دیوی میوٗن باغ پنہٕ نٮ۪ن ٹاٹھٮ۪ن ہٕنٛدِ پاسہٕ......۔ تمِ ہنٛدٕ ۲۰۱ خیالن ہُنٛد سِلسِلہٕ پھُٹ ووٚاکہِ چارٹاٹر بَسہِ ہٕنٛدِ رُکنن یوسہٕ تمے روٗزٕچ اُس یپاری تَس گرٛہُن اوس۔ اَتھ مَنٛز کیٛنٛہہ سیٹھٕ خاٰلی وُچھِتھ آیہِ نہٕ تَس پٔزھ۔ سُہ کھوٚت جل جل تہٕ بیٛوٹھ اَکِس خاٰلی سیٹھِ پٮ۪ٹھ دارِ گٮ۪ن۔ بَس دڑایہِ تہٕ ہوا دکہٕ پنہٕ ستی باسییہٕ تَس ہنا فرحت تہٕ آشوٚہَس مُتلق خبر کیاہ کیاہ سونچان گیٚس ننٛدٕ رِ زِ پھ۔

کیٛنٛہہ وَکھتا گوٚو، پرٕتھوی ناتھ گوسلٕ، فونچہِ گنٹی ستی ہُشیار۔ پانٛس اَنٛدی پٔکھی باسیوٚس زنتہٕ نافہِ اوس چھُکرنہٕ آمُت۔ زنتہٕ سُہ کٲشرِ سنٛجہِ پھُلیہِ مَنٛز بڑٕبڈ مُشکہٕ کُلِس تَل شوٚنگِتھ اوس۔ تَس پھیٚو رُمَن رُمَن حبس۔ زیوٹھ شاہ ہیٚتھ مُژربن اَچھ

تہٕ پانَس ذٕ چھِن کھوٗرتۍ اوٗن نظراہ۔ اتہِ وُچھِن پانَس لرِ اکھ اڑ وٲڑ زناناہ کنَس ستۍ سیل فون لاگتھ کتھ کران۔ دوٗیمہِ اَتھہِ ستۍ اوٗس سو پٔنِنِس کھٕلہِ مستس اورِ یور گرٛایہِ دِوان۔ پرتھوی ناتھ گو حاران، ''اماپہِ زنان کرِ پٹھ تہٕ کتہِ پٹھ چھےٚ مے لرِ سپٔٹس پیٹھ ہیتھ۔'' خار چنٛدن دِژن اَتھو ستۍ مُرنہِ تہٕ بشاشتھ گرٛہتھ لوٗگ اُمس زنانہِ کُن ٹلی ٹارِ وُچھنہِ۔ سو اوٗس لگاتار سیل فونس پیٹھ کتھ کران۔ زیادٕ تر ہندی تہٕ منٛزٕ منٛزٕ انگریزی کران۔ پرتھوی ناتھس اوٗس نہٕ تسنٛزن کتھن ستۍ کانٛہہ دِلچسپی، البتہٕ گنُو تسنٛد دیان اُمس زنانہِ ہندِس دوٗیمس اَتھس کُن یمہِ ستۍ سو مستس اورِ یور کران اوٗس۔ نم پالش لگاوِتھ اوٗنگجن ہندی زٕ ٹھی نم زن تہٕ پرتھوی ناتھس دِلس کھٔنِتھ ؤتھی تہٕ تسنٛد دِلچ سو دارگیہِ یلہِ یوسہٕ واریاہ ؤری یو پیٹھٕ بنٛد اوٗس۔ تَس پیوٚ ازٕ برٛونٛہہ لگ بگ پنٛژٕہ ؤری پرٛون سُہ سین یاد ییلہِ سُہ گوڈنچہِ پھِرِ آشہِ ہنٛزِ ماجہِ پھوٗلس نِشاط باغس منٛز میٛولُمت اوٗس۔ برابر ترٛیٚن گنٹن پژارِتھ ییلہِ تَس بے تابی بڑے یایہِ زِ یکدم آیہِ ہوٗہس منٛز تبدیلی، ژوپارِ زنتہٕ ہوٗہس نافہٕ باگرنہٕ آو۔ پھوٗلہٕ اوٗس اٲژی پوٗرِ زمینس پیٹھ ترٛاوی ترٛاوی پرتھوی ناتھس برٛونٛٹھ کنہِ پھل ژٔنٛدر زوٗن ہش کھڑا۔ پتہٕ ییلہِ مانٛزِ گلوٚ ستۍ تمہِ نمسکار کوٚرنَس، تس گو انتظارک سورے گلہِ دوٗر۔ پھوٗلنۍ خوبصورتی، نزاکتھ تہٕ طور طریقہٕ وُچھِتھ لٔج پرتھوی ناتھس دِلس تیتھ زن تہٕ تمۍ کوٚر تَس ستۍ خاندر کرنک فاصلہٕ۔ شاید اوس نہٕ پرتھوی ناتھنہِ زِندگی منٛز تنتھ موٗدر تہٕ میٛوٹھ ژیٚہہ دُبارٕ زانٛہہ تہٕ آمُت۔ سُہ اوس یمنے غوتن گومت زِ سیل فونچہِ زیچھِ گنٹی پھٹرو و تسنٛد بن سوچن

ہُند تسلسُل۔ تِمۍ ترٲو بییہِ اکہِ پھِرِ تس زنانہِ کُن نظر۔ مگر سوٗ اُس برابر تتھۍ اند ازس
مَنز فونَس ستۍ لٲرِتھ گٲمژ۔ اَمہِ پتہٕ گییہِ نہٕ پرٕتھوی ناتھس کانٛہہ تہٕ زِ پھُ۔ برابر
اُڑس گنٹس رٕوٗد تسُند دیان اُمس زنانہِ کُن۔ اتھ دوران کِتیاہ سِٹاپ آیہِ تہٕ
دژایہِ ، کِتژاہ سوارِ کھژ تہٕ وژھ تس رٕوٗز نہٕ خبر، مگر یہِ خیال رٕوٗدُس برابر زِ اتھ اُڑس
گنٹس مَنز آسَن کم سے کم تِمس زنانہِ سَتھ اُٹھ فون آمتۍ۔ ٹرِنٛی تہٕ ٹرِنٛی آواز
بوٗزِتھ گوٚ نہٕ پرٕتھوی ناتھ پریشانے یوت ٹُکۍ کہِ بڑییہ تَس اُمس زنانہِ مُتلق دِلچسپی
تہٕ۔ تِمۍ سوٗنٛچ زِ ضوٗر رٕوٗز گژھِ یہِ کانٛہہ اُہم شخصیت آسنۍ۔ شاید آسہِ کانٛہہ بہلہِ پایَچ
سیاست دان یا مُلاٗزِم۔ سبٕل فونچہِ بییہِ اکہِ ٹرٛن ٹرٛنہِ ستۍ گییہ بییہِ اکہِ پھِرِ پرٕتھوی
ناتھس کن کھڑا۔ تس گوٚ اَمہِ کتھِ ہُند اِطمنان زِ پزے چھےٚ یہِ کوسہٕ تام اُہم
شخصیت۔ البتہٕ وٗژھس منس مَنز اَکھ شنکھا۔ تِمۍ سوٗنٛچ زِ ہرگاہ یہِ کانٛہہ اُہم زنان
آسہِ ہے تیٚلہِ ما کرِہے بسہِ مَنز سفر۔ مگر ستۍ دُتُن پانٛی پانَس جواب، ''نہَ دِلہِ مَنز
چھِنہٕ واریاہ بُڈۍ مہنوی سڑکن پیٹھ رَشہِ کِنۍ زانتھ ماتھ پنہٕ نبن گاڑِن مَنز سفر
کران۔'' یہِ سونچان سونچانے آیہِ تس کیٛاہتام وَے کھوٗری ہش، تِمۍ پرٛژھ تس
زنانہِ بڑٕہی حلیمی تہٕ اَدبہِ سان۔ ''Excuse me madam'' کیاہ آپ مُجھے اپنا
موبیل نمبر دینگی۔'' اَمہِ بوٗزنہہ زِ madam دِیہِ ہے کانٛہہ جواب تِمۍ کڈ چنٛدہِ مَنز
ڈایری تہٕ قلم تہٕ لوٗگ میڈمہِ کُن وُچھنہِ۔ ''آپکو میرا موبیل نمبر کِس لیے چاہے۔''
تمہِ پرٛژھنَس حارانی سان۔
''میڈم میں اپنے بیٹے کی نوکری کے سِلسِلے میں آپ سے بات کرنا

چاہتا ہوں۔ ''ٹھیک ہے لیکھے۔'' میڈمہِ وۄنُنس کُنہِ وسواسہٕ بغٲرٕ ے۔ پرتھوی ناتھن لیٚوٗکھ میڈمہِ ہُنٛد موبیل نمبر پننہِ ڈایری منٛز تہٕ ڈایری تھٲوِن بییہِ چنٛدس منٛز۔ تس گیہِ بشاشتھ ہش۔ باسیوٚس زِ شاید چھُ یوہے ساتہِ حُسین۔ ''کیاہتام چھُ دٕیس رُتے کرُن زِ میڈمہِ دِیُت کانٛہہ واے برنہٕ رُستے پٔنُن موبیل نمبر۔'' اَتھی ستی ووت تسُنٛد سِٹاپ تہٕ میڈمہِ ہُنٛد شُکرِیا کٔرِتھ وۄتھ سُہ بسہِ منٛزٕ بون۔

دۄیمہِ دوہہٕ صُبحٲے نٔنٛدرِ وۄتھتھ، اتھا بُتھا چھٔلِتھ گو پرتھوِی ناتھ گوڈٕ نٔزدیکہٕ کِس أکِس مندرس پیٹھ۔ دُپہ تہٕ زٔتن دیپ زٲلِتھ بیوٚٹھ حسبِ معموٗل پوٗزا پاٹھ کرنہِ۔ اَز دِتن مِنٹ پنٛداہ مَرٕ زیادٕ ے پہَن تہٕ پُجٲرِس نِشہِ ژرنہٕ اَمرِتھ تہٕ نوید ژٔٹتھ دراو تیزی سان گرٕ کُن۔ گرٕ اَژنہٕ برٛوٚنٛہہ گو سُہ أکِس PCO دُکانس پیٹھ تہٕ کوٚرُن میڈمہِ فون۔ فون اوس شاید مشغوٗل۔ پرتھوی ناتھ گوٚ ہَنا بیقرار ہیوٚ۔ ژٕ ژھی کھٔنٛڈی مِلہٕ نوٗوُن بییہِ نمبر۔ نمبر رلیو و۔ سُہ وۄتھ برٕٛ حلیمی سان۔ ''میڈم ہم کل بس میں ملے تھے۔ آپ نے مُجھے اپنا موبیل نمبر دِیا تھا۔ میں آج آپ سے مِلنا چاہتا ہوں۔''

میڈمہِ دُتنس پٔنُن پتاہ تہٕ دوٚپنَس کاہ بجے سمکھنہٕ خاطرٕ یِن رِسیوٗر ترٛاوِن پتھر تہٕ ژاو گرٕ۔ اَتہِ وۄتھ آشنہِ کُن۔ ''مےٚ دِکھ نا چایہِ کیاہ اَکھ جل پہَن۔'' ''کیاز تۄہہ کیاہ جلدی چھوٚ؟'' پھولن پرٛژھس حٲرانی سان۔ ''مےٚ ہے چھُ أکِس میڈمہِ آشنہٕ سٕتۍ نوکری خاطرٕ کاہ بجے باگ میلُن۔'' پرتھوی ناتھن وۄنُس ''اچھا ہو تۄہہ تہٕ اَنوۄ فوراً چاے تہٕ ژوٚٹ۔'' پھوٗلہٕ وۄژھس نرمی سان۔ پھوٗلہ

ژایہِ چوکس منز تہٕ پرتھوی ناتھن کڈ الماریٕ منز فیلا اکھ۔ امہِ منز کڈن آشوٕ ہٕنز سی۔
وی۔ تیچ اکھ کاپی۔ سوچان زِ آشوٕ ہس تہِ وَنہٕ مگر سُہ عنبدِ رِ تُلن زوٗن نہٕ مُناسِب۔
سُہ اوس کالہٕ "cyber cafe" پیٹھٕ Internet کہِ ذٔریہِ نوکری ژھانڈنہٕ کہِ وجہہ
کِنہ ژیری گرٕ ژامت۔ پرتھوی ناتھ دژاو پوت کھورِ ے کمرٕ منز نبر۔ ڈایری تہٕ قلم
تھوٗن حسبِ موموٗل چندس۔ سی۔وی۔تیچ کاپی بٔرن مومہٕ لِفافس۔ چاے تہٕ
ژوٹ کھیٖن بانبران بانبران تہٕ دژاو دَروازس کُن۔ پھوٗلن ووٚن شوی کُن۔ "تلے
مائلس یہِ زنگہِ"۔ شوی اُس کالیج گژھنہٕ خاطرٕ تیار۔ تمہِ اوٚن پانٕ جگ تہٕ آیہِ
نبرمہِ دَروازٕ پیٹھٕ مائلس زنگہِ۔ پرتھوی ناتھ دژاوتَس ذٔچھنہٕ کِنہٕ، کلس پیٹھ تھوٗنس
اَتھ، لأنپہِ جوراہ تارہ ترٛاوبن تیز تیز تہٕ ووت بَس سٹاپس پیٹھ۔ کینژٕ کالی پتہٕ آیہِ
تسنٛز بَس۔ تمٛ تُل تیز تیز قدم، پایہِ دأنس پیٹھ لوٚ دُن کھور تہٕ موٚ ژروٗن اندر رُکن
پان۔ اکہِ پتہٕ بیا کھ بَس بدلاوان ووت پرتھوی ناتھ آخرس منزلہِ مقصوٗدس پیٹھ
لگ بگ ساڑ دٔہ بجے ہیُو۔

"کھنا اینڈ کھنا" لمٹڈک یہِ دفتر اوس جی۔بی۔روڈس پیٹھ مگر ریڈ لایٹ
علاقہٕ نِشہِ وارِیاہ دوٗر۔ تربن پورَن ہنز یہِ عمارتھ اُس سبٹھاہ عالیشان۔ گیٹس پیٹھ
اُسی چوٚکیدار جوراہ۔ پرتھوی ناتھن لیٖوکھ رجسٹرِ منز پنُن ناو کیوٚ پتاہ۔ چوٚکیدار
ہووٗہس سُہ دَروازٕ یُس میڈم کھنایہِ ہُنٛد دفتر اوس۔ دفترس نبرٕ کِنہِ اوس چپراسی
دَروازس پیٹھ کھڑا۔ تمٛ ووٗنس زِ میڈم چھے نہٕ وُنہٕ آمژ البتہٕ چھے تسنٛز پی۔اے
أندرٕ کِنہِ بیٹھ۔ پرتھوی ناتھ ژاو پی۔اے نِش تہٕ ووٗنُن تَس زِ مےٚ چھُ میڈمہِ

میلنہٕ خاطرٕ کاہ بجے وَکھ دِیُت مُت۔ تمہِ وُچھ پننِس ڈایری تہٕ کورنَس آنٛکار تہٕ بیہہٕ
نوۄن أکِس صوفس پٮ۪ٹھ۔ چپرأسی آو ترٛیشہِ گلاسہٕ ہٮ۪تھ۔ پرٛتھوی ناتھَس اوس زن
دۄدسہٕ لۄگمُت۔ تٔمۍ چوٚ گرٛٹھ گرٛٹھ کران ترٛیشہِ گلاسہٕ تہٕ ترٛوۄن پھرٛکھ ہُوٚ۔ تٔمۍ
پھرُ میزس پٮ۪ٹھ پیمتٮ۪ن اَخبارَن کُن پُنٛن دیٖان مگر دِلس أسس کأفی گبراتھ ہش،
تَس کۄرنہٕ دِلن اَخبار پرُن۔ ٹھیکھ دۄنہٕ کاہ بجے یہِ تہٕ پیٖیہِ میڈم وآتھ تہٕ ژایہِ
سیٚوٚدُے پننِس دفترس منٛز۔ پتہٕ ژایَس پی۔اے تہِ۔ ڈٔہو مِنٹو پتہٕ دژایہِ
پی۔اے واپَس تہٕ وۄنُن پرٛتھوی ناتھَس اندر اَژنہٕ خاطرٕ۔ پرٛتھوی ناتھَس أس
دِلچ دُبراے زیادٕ تیز گأمٕژ۔ سُہ ژاو کھوژان کھوژان اَندر تہٕ گُلۍ زٕ گنٛڈِتھ کۄرُن
میڈمہِ نمسکار۔ نمسکارُک جواب دِتھ ہووَنس میڈمہِ پأنس برٛونٛہہ کنہِ کُرسی کُن
اِشارٕ تہٕ سُہ بیٖوٚٹھ پتھر۔ ”جی بولیے کیا بات کرنا چاہتے ہیں آپ مُجھ سے؟“
میڈمہِ ہندِس لہجس منٛز آس ندامت تہٕ سنجیدگی۔ تسُند یوٚتُے یوت پرٛژھُن زِ
پرٛتھوی ناتھن بآوتس پننٛز سارِے دآدی کانٛگرٕ۔ گوڈٕ کٲشرِ پٮ۪ٹھ دِلہِ تامُک سفرنامہٕ تہٕ
پَتہٕ آشوٚ ہندِ سوٚ کۄلہِ پٮ۪ٹھ ایم۔بی۔اے۔ چہِ ڈِگری تام تسُند علمی سفر۔ پرٛتھوی ناتھن
لۄ ژروو پُنٛن بوس تتھ اند ازس منٛز زنتہٕ دِچہِ گنٛڈِتھ اوسُس۔ میڈم روٗز برٕ غور سان
بوزان۔ یام تمہِ آشوٚ سُند سی۔وی پۄرتس کٔڈ دِلن زنتہٕ ووٚتھ۔ اکھ اَتھٕ مستس کُن
نِوان وۄن تمہِ پرٛتھوی ناتھَس، ”میں اس لڑکے سے بات کرنا چاہتی ہوں۔ کل
میں دو تین دِن کے لئے کلکتا جا رہی ہوں۔ کیا آپ اپنے بیٹے سے میری بات
آج ہی کرا سکتے ہیں؟“

''جی ہاں جیسی آپ کی مرضی'' پرتھوی ناتھن دُیتُس فوراً جواب۔ میڈم کھنایہِ دیُت پنُن موبیل پرتھوی ناتھَس کُن تہٕ پرتھوی ناتھن رلوو مکانہٕ والین ہُند نمبر تہٕ بُلاو نووُن آشوٗ۔ فون واپس میڈمہِ دِوان ووٗنُن تَس ''جی لیجے میرے بیٹے سے بات کیجئے۔'' میڈمہِ گر آشوٗہَس ستی برابر وُہَن مِنٹن کتھ۔ اَتھ دوران روٗز نہٕ پرتھوی ناتھَس کینہہ تہِ خبر زِ کیاہ کتھ باتھ چھےٚ سپدان۔ کینژھا ترٚس نہٕ یمہٕ کتھ فِکرِ ے تہٕ کینژھا اوس سُہ منَس منٛز یندرآکھی ہُند پاٹھ باربار دوہراوان۔ تہٕ ستہِ دِیوٚس تہِ اوسن گنڈ ترٛووُمت وُنہِ کینہہ آس نہٕ میڈم اکھ عام یا اَہم زنان یوسہٕ تَس بسہِ منٛز میچھ ہٕش آس ئلکہِ زن پانہٕ دیوی۔ منٛن دِژنَس گواَہی زِ ماجہِ دیوی چھُ شاید رُتے کرُن۔ اے۔سی کہِ سرٛد ہوا ستی شیٚہلو وتُسند بدن، زن تہٕ سُہ بیٚہہ اکہِ پھرِ نِشاط باغچہِ بارادرِ پیٹھ بونہِ شِہلس تل بِہتھ اوس۔ رُمن رُمن پھوٗرُس شیٚہجار۔ میڈمہِ ہِندبو اَسن کھنگالو کوٚر سُہ یقدم اہلاٹ میڈم اُس آشوٗہَس اَسان اَسان ونان۔

"You are a brilliant boy and lucky to have a father like him, you are selected for a job."

یِے وَنان کوٚر تمہِ فون بنٛد۔ پرتھوی ناتھَس آیہِ خوٗشی ستی اَشی ٹارٕ برتھ۔ تَس آیہِ نہٕ پرٛتھ زِ پرٛزی پاٹھی بوٗزا ماجہِ دیوی تُسند فریاد۔ میڈمہِ ووٗنُس۔ ''آپ کا بیٹا کافی ہُشیار ہے۔ میرے دفتر میں اُس کے لائق ایک جگہہ خالی ہے۔ اُس کو بولیے کہِ تین چار دِن بعد جب میں کلکتہ سے لوٹوں گی، مُجھے آکر مِلے۔'' ستی ووٗنہٕ نَس ''کیا عجیب اِتفاق ہے کہ آپکی مُلاقات مُجھ سے بس میں ہوئی۔ دراصل

کل گھر جاتے ہوئے میری کار خراب ہو گئی۔ میں نے اپنی گاڑی اور ڈرائیور سڑک پر چھوڑے اور چارٹاڑ بس میں سوار ہو گئی۔ میں ٹیکسی یا آٹو میں سفر کرنا پسند نہیں کرتی۔ آپ واقعی قسمت والے ہیں۔'' پرٕتھوی ناتھس توٚگ نہٕ کانٛہہ جواب دُبن۔ سُہ زَن کلہٕو۔ صِرف وۄنَنس آ۔آ۔ تہٕ گوٚ کُرسی پیٹھٕ تھوٚد وٗتھِتھ۔ گلہٕ زٕ گنٛڈِتھ میڈمہِ ہُنٛد شُکرِیا کران وۄنَنس، ''میں نے سُنا تھا کہ ماں بھگوتی مَنُش کو کِسی بھی روٗپ میں مِل سکتی ہے، لیکن آج مُجھے یقین ہو گیا۔'' بیٚیہِ اکہِ پھِرِ میڈمہِ ہُنٛد شُکرِیا کران دژاو سُہ دفترٕ مَنٛزٕ نیبرَ۔

اَز آو نہٕ تَس تاب زِ بسہِ پژارِ ہے۔ تٔمۍ بُلوو اکھ آٹو وول، تس وۄنُن یُوٚتُے زِ مےٚ چھِنہٕ چینٛدس پوٚرٕ پاَنسہٕ، ووٗنۍ گوٚگرِ واَتِتھے دِمے۔ آٹو وول گو راَضی۔ پرٕتھوی ناتھ بیوٚٹھ آٹوہَس مَنٛزٕ۔ چینٛدٕ مَنٛزٕ کڈٕن ڈاریری تہٕ بیوٚٹھ میڈمہِ ہِنٛدِس موبیل نمبرس تھلہِ وُچھنہِ برابر توٚت تام یوٚت تام سُہ ڈیرس نٕزدیکھ ووت۔



# شفا

کیسا ہے؟ نٔرسہِ پرٛژُھ اَسان اَسان پھۄلا جی۔

پھۄلا جی وۄنُس نہٕ زبوِ کِنٛہہے البتہٕ ہوونُس اَتھٕ ستۍ زِٹھیکھ چھُس۔

مُہہ کھولو۔ نٔرسہِ وۄنُس۔

پھۄلا جی مُژروو اٚس تہٕ نٔرسہِ تھوٗس تھرمامیٹر اٚسس مَنٛز تہٕ اَکھ گرِٛزُن وُچھنہِ۔

پھۄلا جی اٚس نٔرسہِ کُن آرٕژ وچیٚشموٚ وُچھان۔ زبوِ وۄننس نہٕ کِنٛہہے اٚس اوٚسُس نابنٛد۔ گوڈٕ کیٚاہ ونہِ ہیٚس۔ تس اوسا پاٚرِم کرُن تگان۔ البتہٕ اٚس پھولا جی کاٗشرِ پاٹھے نٔرسہِ ستۍ کتھ باتھ کران۔ نٔرس اٚسس پنٕن گولہٕ پاٚرم کرانَ تہٕ

پھوٗلاجی پنٕنہِ حسابہٕ کاشرِ پاٹھی جواب دِوان۔ پتہٕ منٛن دون ہفتن منٛز اٚسی یمو زبانٕی ہنٛدی سارِے حد پار کٔری متی تہٕ پانہٕ وانی واتہٕ ناوی رُک اکھ نوٚو رِشتہٕ قایم کوٚرمُت۔ دوشوے آسہٕ اکھ اٚکی ہنٛز کتھ کانی حدس تام سمجھان۔

نٔرسہِ کوٚڑ پھوٗلاجی نہٕ آسہٕ منٛزٕ تھرما میٹر نبر۔ دارِ کُن روٹُن تہٕ اسان اسان ووٚنُن تس کُن۔ ہاں اب ٹھیک ہے۔ بُخار نہیں ہے۔ تہٕ لیوٚکھُن تسنٛز پھیلہِ پیٛٹھ کیا ہتام۔ ٹرے منٛزٕ کڈِن دوا پھٔلی زٕ ترٛے تہٕ ووٚنُن بیٛیہ تس مُہہ کھولو تہٕ ترٛاوِن پھوٗلاجی ہنٛدِس اٚسس منٛز۔ ترٛیشہِ گلاسہٕ پلہٕ نوونس۔ پھوٗلاجی وول گرٛٹھ کٔرِتھ دوا ہٹہِ۔ اٚس ووتھروٗن تولیا ستی۔ تہٕ لٔج نٔرسہِ کُن اٚرہٕ ٹرو چیشموٚ وُچھنہٕ۔ کیاہ دیکھ رہا ہے ماتاجی۔ نٔرسہِ پرٛژھس۔ بہُت ٹھیکھ ہو گیا ہے۔ پھوٗلاجی ووٚنس نہٕ یور کٔنہہ۔ تس اوس نہٕ پنٕنہِ زوٗک زیادٕ مارٕ موٚت کینٛہہ۔ آسہٕ ہیس تہٕ کیاہ تمہِ کُس سوکھے وُچھ زِندگی منٛز۔

بالہٕ پانٛس منٛزٕ اٚس مونٛڈ گامٕژ۔ سُہ دوکھ وبتر ووٗن یتھ تتھ۔ البتہٕ پتہٕ اُسے دوکھ پھوٚس تہٕ سے۔ اٚلی ناش گوس۔ وُمرِ ہُنٛد گرٕ بار تہٕ گرٕ ہٹھ ترٛاوِتھ پھوٚس ڈٲلد گگرٕ ہنٛدی پاٹھی اَنِہ گٔے ژلُن۔ سُہ تہٕ پنٕنہِ ربدُک جگر کھوٗنٹ چھپہِ دِتھ۔ کالہٕ نوٚہس گرِٹلتھ تہٕ صُبحن ترٛاوٚہس آنگنس منٛز تسنٛز لاش۔ پھوٗلاجی کتہٕ مشہٕ ہے گوشُن دوکھ۔ سو اٚس پنٕنس لوکٹس نیچوٚس گوشہٕ وٕنان۔ گوشہٕ اوس کشمیر یوٗنیورسٹی منٛز ایم۔اے کران۔ بَس تمہِ حادثہٕ پتہٕ بدلیوٚ پھولاجی ہُنٛد سورُے دُنیاہ۔ سو آیہٕ پنٕنس بٔڈس نیچوٚس سابس ستی جموٚں ژٔلتھ۔ سابہٕ اوس اے۔جی آفسس منٛز

اکونٹنٹ۔ تِمَن اوس پرٕ کھوٗ کیمپس مَنٛز اکھ خامہٕ allot گومُت تہٕ پَتہٕ موٗ ژورو ؤ ریو پیٹھ آسی تِتے روزان۔ اَتیٚ کوٗر پھوٗلاجی سٲبَس خاندرتہٕ ووٚنی اوسکھ حال حالے مِشری والا کیمپس منٛز اَکہِ کمرُک سیٹ allot گومُت۔ اَکھ کمرٕ تہٕ کِچن۔ باتھ روٗم تہٕ ژٕ آس واریاہَن کواٹرن کُنے۔ پھولاجی آس اتھ سیمٹک کُٹھ وَنان۔ نَہ دٲرتہٕ نَہ دَروازٕ۔ نہٕ الماری تہٕ نَہ تاکھُچ۔ ووٚنی اوس تُہُند سوٗرے سَنسار اَتھی سیمٹہٕ کُٹھس منٛز بَنٛد۔ تُہُند دُنیاہ اوس ژھوکان ووٚنی صرِف ترٛ ہن بأژن ہُنٛد موژبومُت۔ سٲبہٕ تِہنٛزِ آشنٛز رہتاجی تہٕ تِہنٛد دُوہر نِکہٕ کشپ۔ باقٕے بأے بَنٛد۔ حق ہمسایے تہٕ انگ آشناو آسی سٲرے ژھینہٕ گأمتۍ۔ اَڑی آسی لگِمتۍ لارتہٕ اَڑی دار۔

ماتاجی کیا سونچتا تُم۔ چلو لیٹو آرام کرو۔ نٔرسہِ نوٗ پھولاجی پَتۍ کٕنۍ شانٛدٕ گوٚنٛد کٔڈِتھ، کلہٕ ترٛووُنس بِسترس پیٹھ تہٕ دژایہِ۔ پھوٗلا جی روز تَس پَتۍ پٔژرِ وُچھان۔ کأژاہ جان چھےٚ یہِ نٔرس۔ سو آس سونچان۔ کأژاہ خدمتھ چھم کران۔ ہمیشہِ اَسان اَسان کتھ کران۔ اَدا نتہٕ رہتا جی ہُنٛد سوباو۔ تھزے تالہِ چھےٚ آسان۔ بُتھس چھس ہمیشہِ دژہٕ آسان کھُرٕ ہٕرٕ۔ بتہٕ تھالے بزٕ ونہہ گن دِیم زن چھس ہوٗنِس ہوٗنۍ مبٹ دأرِتھ دِنۍ آسان۔ تِتھٕ کٕنۍ چھےٚ کھور موٗران زن تہٕ بہ کِبھتھ ژٕھنَن۔ پٔنٕ پٔنٕ قِسمتھ پھوٗلاجی ترٛووودش۔ پھوٗلاجی آس یِمنے خیالن زِ سٲبہٕ ژاو وارٕس مَنٛز۔ اَتھس کنبھ اوسُس بیگ تہٕ تھٔر ماس۔ یہِ تھووُن اَلمار، پیٹھ پھرتہٕ بوٗٹھ،ماجہِ نٔزی دیکھ سِٹوٗلس پیٹھ۔

کہہ وارے چھکھ بھابی۔ کہہ چھے خبر۔ کتھے خیالس چھکھ گاہمژ۔ اہانو ٹھیکھ ہا چھس۔ بہ ہا اَسس اَمس نَرسہِ مطلق سونچان۔ کاَژاہ جان چھے۔ ہمیشہ اَسان اَسان کتھ کران۔ ساَبن ژہٕن زِ بھابی ہُند اِشارٕ کس کُن چھُ تہٕ کتھ ژٹان وونَس۔ یہِ ہے چھے یمن duty آسان۔ اِدِ کرِنا مِنتھ چھا کانسہِ تھوان۔ تنخاہ چھُس نا میلان۔ اَچھا تژ او یمہٕ کتھ۔ ووتھ سورشاو اَتھ تہٕ کھے بتہٕ پھوٗل۔ مےٚ چھُنا دفتر گژھُن۔ ساَبن کرٕ نا وماَج چِلمچی منٛز اتھ ساپھ tiffin ڈبہٕ کھوٗلُن تہٕ تھووُن ماجہِ بڑونہہ کنہِ۔ بھابی یہِ کوٗتے چھے گاہمژ بڈ نمبر ژورِچ مُریض۔ یا نُسیماجی بھابی پُرژھس۔ اَہانی۔ سو ہا اُس ڈاکٹرن او۔ پی۔ ڈیس منٛز بُلاوِمژ۔ دَپان کس تان بڈِس ڈاکٹرس اَسکھ ہاوٕنی۔ اَمس کہو ڈٕلیل چھے یے تتھ کُنہِ جان باسان چھے پھولاجی پُرژھُس۔۔ یوسہٕ ڈٕلیل ہبی ژےٚ چھے۔ ساَبن وونَس ووش تژ اوان۔

مےٚ ہا کرِ باَمس واریاہہ پھرِ یورِ کتھ مگر اَمہِ دُت نہٕ جوابے کُنہِ کتھِ صرف اُس مےٚ تھلہِ تھلہِ وُچھان۔ موِن ڈنجُر روٗٹِن اَتھس کیتھ تہٕ اُس اَسان۔ اکھُتے پرٕژھاَمس ژٕ ما چھکھ راوَل پور کُن زانہہ کھسان۔ تورِ وونُنم نہٕ کُنہے۔ یمِ ماجہِ پتھرِ اَسی یئے کتھ کران زِ اورٕ ژایہِ میناوُتی۔ ساَبہٕ ووٗتھ ہِٹوٗلہٕ پٹھ تہٕ تژ اَوِن میناوُتی جاے۔ سو بیٹھ ہِٹوٗلس پٹھ۔ ماجہِ تژ ووُن بییہِ چِلمچی منٛز اتھس پونی۔ ڈبہٕ گُرِن یکجا تہٕ تھوِن بیگس منٛز واپس۔ توہی گُرو تانی کتھ باتھ بہٕ گژھ ڈاکٹرس نِش۔ یہ ونان دژاو ساَبہٕ۔

کیاہ بی کیاہ چھےٚ از خبر۔ میناؤتی پرٛژھ پھوٗلا جی۔

بس ہبی از چھُم باسان دِل قرارس ہُو۔ پھوٗلا جی ووٚنُس۔

ووٚنی ما چھےٚ تلہٕ واس ووتھان۔ نبی ژٕے چھیا خبر بہٕ کاژاہ گابریٚس۔ ساری ہے کمپس منٛز ؤژھ وولہٕ ہرِش ییٚلہٕ بوٚزکھ زِ پھوٗلا جی نیٚکھ ٹیکسی کنٛتھ ہسپتال۔ بہٕ آسہٕ ہاے نا اوتر پیٹھ خبرِ آمٕژ مےٚ اوسے نہٕ پانٛس زوٚ ٹھیکھ۔ میناؤتی ووٚنُس۔ تہٕنٛدِس کواٹرس کُن گرٛہنٛس چھُم نہٕ ووٚنٛدے یِوان۔ چانہٕ ورآے ہبی چھےٚ تتہٕ ڈٕ دوَن زن۔ یہٕ اَس یانوشِ آمٕژ یور۔ میناؤتی پرٛژھُس۔ اٰہن بی آمٕژ اَس اکہٕ دوہہٕ پھِر۔ کرِ کیاہ بچاٗر لوکُٹ شُر چھُس۔ پیٹھ نہٕ کانٛہہ تمِس تھچھ کرن وول ووٚنُس پھوٗلا جی۔

میناؤتی: ہتہٕ بی کر ژھوپہٕ اَسہٕ چھنا شُری رٔچھی مِتی۔ دپھ یمہٕ میگرٛنٹ نوشہٕ ہبی چھےٚ بے شرم۔ یمن گوٚژھ آسُن پنٕن پان تتہٕ رٔژن ییٚہٕ نہٕ کانٛہہ۔ خبر یہٕ میگرنٹ پونی چیتھ زن ڈوٚل سارِنے دماغ۔

پھوٗلا جی: نبی نہٕ میاٗنی رپتاجی چھےٚ نہٕ ترٛژھ۔

پھوٗلا جی یُس سُت نوشہٕ ہُنٛد اوس سُہ اوٚسُس اَنٛدرِے مگر نبری آس نہٕ تس اَچھ پیٹھ مُچھ زُروان۔

گوڈٕ کُس سوکھ وُچھ تمہٕ سون۔ تسنٛدی کٔنی اَسی اَسی دوہےٚ شکس لدٕے زن تتہٕ خمس منٛزٕ زاٖمتی تہٕ اَسی تہٕ پرٕ تھیٚمتی تہٕ۔ تس کیاہ پتاہ چھےٚ بچارِ زِ راوَل پورس منٛز اوس اَسہٕ ترٛےٚ پور مکانہٕ۔ برٛونٛٹھ کنہٕ اوس اَکس کنالس باغ۔ آسن

وٲلۍ تہٕ باسَن وٲلۍ ٲسۍ۔ پھوٗ لاجی لُج أشِس دار زَن۔

میناوٗتی: أتھۍ چھنا بی ونان پیٹس ہیٹھ پیٹہ رٕنۍ نتہٕ چھےٚ ژٲنٹہٕ رٕنۍ۔ ہتہٕ بی تڑ اوتہِ گُدربو وا أکہے۔ سارِنے آو بُتھ تہ گُدرِتھ۔ ژٕے چھیا بی پتا دَپان ہبی دپنا ناتھٕنۍ کوٗر سرلہِ چھےٚ کس تام ڈوٗگرِ کٕٹس ہتۍ ژٕج مژ۔ اَتھے چھکھ نہٕ یِوان۔ اَکھتے اوس راتھ کمپَس منز پُلیس تہِ آمُت۔ أچھی تلےِ ٲس نہٕ یِوان۔ پھٹہٕ وانگن۔

پھوٗ لاجی: واے ساٲری ہے گو ڈُبہٕ ڈاس زَن۔ ییلہِ موٗلے پڑاٹنہٕ آیہِ اِدٕ کیاہ گژھہٕ۔ أزی کیٚبن شُربن چھا پتاہ زِتم کمہِ پایہِ بڈٕ قوملی سَنتان ٲسۍ۔ ونہٕ چھا پتاہ بڑونہہ کُن کیاہ کیاہ آسہِ وُچھن۔

میناوٗتی: اَد بی بہٕ نیرِ ووٗنۍ گوژیر۔

پھوٗ لاجی: ژٕے کوسہٕ بی جلدی چھےٚ۔ بِہتھ ہےَ چھکھ تام۔

میناوٗتی: نبی چینہٕڈی چھم اَنۍ۔ أمِس چھُنا موٗہن جیَس یگاہ مکانس کُن دیُن۔

پھوٗ لاجی: اَدبی مُبارَک چھُو۔ کتہِ چھُو بناوُن۔

میناوٗتی: ہتہٕ بی کیاہ وَنے۔ مےٚ چھا پتاہ۔ دَپان اوس جانی پور کُنۍ چھُ کیاٲری تام۔ اَکھتے اَسہٕ ناوِن راتھ۔ دپان اوس دبد آہم لوکچارس وَنان موٗہنہٕ کریم بالس پیٹھ گرِ۔ زِندے آسہِ ہے تہٕ وُچھِ ہے زِ کتھ بالہٕ ٹنگس پیٹھ چھُم مکانہٕ بناوُن۔

پھوٗ لاجی: نبی ووٗنۍ نیرَتیلہ، ساٲبس ہتۍ۔ سُہ تہے پکان آسہِ۔

میناوٗتی: سُہ کوٗت بی گو؟

پھوٗ لاجی: دَپان اوس ڈاکٹرس نِش گژھہٕ۔ خبر تیاٲری ما گو یمن کاشُربن نِش۔

میہناؤتی: تِمس ہِی مُسلمانہٕ نِش۔

پھوٗلاجی: شاید۔

میہناؤتی: دپان اُمی ہِندی زِ نچوٚی چھِ کراس فیرنگ منز موٗدی متی۔ کتہٕ تام اوس کریک ڈاوٗن چلان۔

پھوٗلاجی: تہٕ کیٛا بِ گوٚو cross firing تہٕ crack down ؟

میہناؤتی: نہٕ بِ میٲنی زانہٕ بلاے۔ اَنِکھ ییٚلہٕ ییم بلایہٕ سال گرِتھ۔ اِد ووٚنی چھِکھ پلہٕ زان۔

پھوٗلاجی: وائے بِچار۔ اَما تورا وسُکھ نا کانٛہہ ڈاکٹر۔

میہناؤتی: ییمہٕ ہِی آسن اُمی ہے رازدانس نِش آمتی۔

آدِ بِ یہِ کہِ آوساَبہٕ لال تہٕ ووٚنی نیرے بہٕ اُمی ہے ستی تیٚلہٕ۔

ساَبہٕ آو تیز تیز تہٕ تُلُن بیگ۔

کُہو ووٚنے ڈاکٹرن پرٛژھُس پھوٗلاجی۔

ڈاکٹر اوس وَنان زِ ژٕ چھکھ ووٚنی واریاہ ٹھیکھ گامژ۔ شاید ما کرنے جلدٕے چھُٹی۔ اچھا کر آرام بہٕ ییے ووٚنی شامنس بٲ گر۔

پھوٗلاجی تر وو پتہ کُن بسترس پیٹھ کلہٕ تہٕ روٗز مُدے گنٛڈِتھ تالہٕ وَس اویزان پنکھس کُن وُچھنہٕ۔ چھُٹی لفظ بوٗزِتھ زَن گو تِمس مَن کھُتھ تام ہوٗ۔ تس اوس ہسپتالک ماحول بڈٕ راس آمُت۔ صُبہٕ پیٹھ شام تام اَس بدٕس پیٹھ راز بایا ہِش بِہتھ آسان۔ پرٛتھ کانٛہہ چیز اوسُس بڈٕ ونٛہہ کُن واتان۔ سُہ تہِ کُنہٕ کِچھ کِچھ

ورأے۔ کھلہٕ جاے۔ شانَدس نکھہٕ بڈٕ دأر۔ وارٕس منز لوٗکن ہُند یُن گژھُن۔ واڑ
نسبر کنہٕ بوڈ ورنڈا۔ راتس تہٕ دوہَس پوشہٕ وِنی بجلی تہٕ پونی۔ تیز رفتارس پٹھ پکہٕ
وُن پنکھہٕ۔ سارِنے ہنز ہمدردی تہٕ سارِوے کھوتہٕ آس کیرلاچہٕ نرسہٕ ہُند رُت
سوباو۔ یہٕ سورُے ترٲوِتھ آس نہٕ سو واپس تتھ بند سیمٹہٕ کُٹھس منز گژھُن یژھان۔
تیز پکہٕ وِنس پنکھس ستی ستی آسی پھولاجینی خیالات تہٕ تیز رفتار سان تسنٚدِس
دماغس منز یوان تہٕ گژھان۔ تمہٕ دُبت پننہٕ ساری ہے زِندگی پھِر۔ بالہٕ پانہٕ
پٹھہٕ یتھ دمس تام پننہٕ زِندگی ہُند سورُے سفر کوٗر تمہٕ کیٖنژن منٹن منز طے۔ أتے
اوُسُس باسان زِ تَس چھُ سانہٕ نِس نِکس، کشپس ستی ستی بییہٕ زِندگی ہُند سفر نوِ سرٕ
شوٗرو کرُن، مگر أتے اوُسُس باسان زِ بییہٕ نوِ سرٕ زِندگی ہندو تمہٕ وِ ے دوکھ
دایک مرحلو منزی نیرنچ ہمتھ چھے نہٕ تس منز۔ تہٕ کرِتھ حاصل تہٕ کیاہ چھُ۔ یہٕ
سورُے دُنیاہ چھُ اکھ مبتھا۔ اکھ ناپایہٕ دار زال۔ اکھ سوٗپُن۔ کوتاہ تہٕ زبُٹھ موٗٹھ
یا کرُوٹھ آسہٕ تن آخرس چھُ اتھ انٛد واتُن۔ امیُک اَنتہٕ چھُ اکھ حقیقت۔ اکھ اَبدی
پزر۔ تالہٕ وَس تلہٕ کنہٕ پنکھک رفتار ہوٗتن وارٕ وارٕ کم گژھُن۔ پھولاجی ہِندی
خیالات تہٕ ہیتِن وارٕ وارٕ سوتنی۔ تس باسیوٚ زِ تس بنیوٚ تمام دادبوٚ نِشہٕ شفا۔ سو بلییہٕ۔
وُچھان وُچھانے وَٹہِ تمہٕ أچھ۔ أتھی ستہٕ رُکیوٚ تالہٕ وِتلہٕ کنُک پنکھہٕ تہٕ۔

☆☆☆

# اِنسان

نِکی آس بڑٕعورِ سان کاکذ ورکس پیٹھ بنے مٕژ شٕکل وُچھان۔ دِمٲغس پیٹھ زور دِتھ وۄن تمہِ، ''نا ے یہِ کتےٚ گوَ اِنسان، أمِس چھےٚ نا ریش۔ یےَ چھُ مُسلمان ہُوٚ باسان۔ نبی نہَ یہِ ہِکہٕ نہٕ اِنسان أستھ۔ اَچھا تیٚلہِ وُچھ یہِ شٕکل یہِ بناوِ ے مےٚ سوٗنچِتھ سمجِتھ۔ سٲکینن پلہٕ نووبیٛا کھ کاکذ وُرکھ نِکی کُن۔ نہٕ نہٕ بلکُل نہٕ أمِس چھُ ٹیوٚک کرِتھ۔ یہِ گو بٔڑٕ۔ اچھا تیٚلہِ وُچھ یہِ شٕکل، سٲکیٖنَن پلہٕ نووترٛیم کاکزورُکھ نِکی کُن۔ اَتھ تہِ ترٛاو نِکی سرسٔری نظراتہٕ دُبٔن پتھر دأرِتھ۔ کُنےٚ یَل دِتھ وۄنُن سٲکینَس کُن، کہیٖ چھکھ مےٚ بیٛقل زانان۔ أمِس چھےٚ دأرتہٕ کلس چھُس دَستارِ گنٛڈِتھ۔ یہِ چھُ سِکھ۔ سٲکینَس گوَ بڑٕ بَر تباہ، تَس ہُنوٗ کلہٕ۔ شرارتہٕ سان تُلُن

بیٚا کھ کاکز وُرکھ تہٕ ترٛوُن نِکی بڑوٚنٛتھ کنہٕ۔ اچھا رٔٹھ تیٚلہِ وُچھ یہِ۔ یَتھ کرَکھ نہٕ اِنکا۔ وُچھن یہِ سوٚٹِڈ بوٗٹِڈ نفر۔ سَکینَن ووٗن بڑٕ اِطمینانہٕ سان۔ کاکز ورکس کُن نظرا ترٛاوِتھ دِتُس بییہِ اکہِ پھرِ نِکی نَس ژوٚمہٕ راوِتھ جواب۔ آلاے کیٚہے چھکھ ژٕ مےٚ پاگل زانان یہِ ہے چھُ اَنگریز۔ یہِ کتِےٚ گوٚ اَنسان۔ یہِ بوٗزِتھ کھوٚت سَکینس زبردس شرارتھ تہٕ ترٛوُن آخری کاکز وُرکھ نِکی بڑوٚنٛتھ کنہٕ۔ اَچھا رٔٹھ وُچھ تیٚلہِ یہِ۔ یہِ چھُ پزٕ پاٹھی اِنسان۔ یہِ پییہِ ضوٗروٗر ژےٚ پسند۔ نِکی یتھے اُلِف ننگا شٔکل وُچھ، تس ژوٗل ٹھاٹھا کران اُسن نیرِتھ۔ ہیےٚ شرٛم تہٕ چھےٚ نےٚ گرٛشھان، یہِ کیٚہے چھُتھ ننگہٕ تصویر بناوٕ ز۔ یہِ مےٚ چھکھ ژٕ ے تیٚلہِ۔ اَتھ پتھ ترٛوو دوشوے بینہٕ نوٗ برِٕ برٕ اُسنا۔

ظہوٗر صاب اوس پننہٕ نِنن کورِ بن ہُند یہِ کھیل بڑٕغورٕ سان وُچھان۔ تس گو عجب حال ہوٗ۔ نرِزنگہٕ ہیرٕ نَس نٹنہٕ۔ تسنٛز گبراٹھ آس بجا۔ شاید اَمہِ کٔنز زِ ہرگاہ کوربو تس کُن برُش پلہٕ نووسہ کوسہٕ شٔکل دِیہِ اِنسانَس۔ پزٕ پاٹھی اوس یہِ تسنٛدِ خاطرٕ اکھ بوٚڈ بارٕ چیلنج۔ ظہوٗر صابس ہیوٚس اُکِس بڈِس آرٹسٹ سٕندِ خاطرٕ آس نہٕ یہِ کانٛہہ موموٗلی کتھ ئلِکہِ اَکھ للکار۔ سُہ لوٗگ اُزی کِس سماجس تہٕ اُزی کِس دُنیاہَس منٛز تمہٕ سارے تشبیہ تہٕ نِشانہِ تلاشنہٕ یمہٕ اِستمال کٔرِتھ سُہ اِنسان ترٛاشتھ ہیکہِ ہے۔ تسنٛز پریشانی گیہ بڑان۔ یُس ظہوٗر صاب منٹن تہٕ سکنٛڈن منٛز کانٛہہ تہٕ تصویر سوٚنچِتھ تہٕ بناوِتھ ہیکان اوس، تس اوس وُنی کینہہ پٔتن دِماغ خالی باسان۔ تس اوس نہٕ کیہنے دِماغس منٛز یوان۔ وُنٛکھ تام اوس نہٕ شاید یتھ ہوٗ بڑنز

زانہہ تہٕ آمُت زِ ظہوٗر صاٗبَس کیاہ باسہ ہے پٔنُن دِماغ خٲلی زَن یا گرٛھِ ہیس بُرُش اَتھَس کیتھے روٗ زِتھ۔ سوٗنچُن لایق کتھ اُس یہِ زِ یہِ چیلنج اوس تسنٛز و دوِیو موصوٗم کور بوتس دیُت مُت۔ سُہ اوس اُتھی سوٗنچس پیوٗمُت زِ مَسرتٕچ آلوٗن پھٔرِ تسُند دیان۔ ''دوٗ پَموحض توہہٕ چھونا از دفتر گژھُن۔ دٔہ ہے کرتام بجے یہٕ۔'' ظہوٗر صاٗبَس گوٚ حلہِ مُشکِل۔ تَس بچوو شُرِ بن بڑوٗنہہ کنہِ یِزِتھ۔ تٔمی کوٚر ہیٛری مہٕ سُند شُکرانہٕ۔ نتہٕ کیاہ بنہِ ہے تس، سُہ کیاہ سَنا شٔکل بناوِہے اِنسانہٕ سٕنز۔

جل جل وٚوتھ بوٗن۔ بیگ تُلُن اَتھَس کیتھ۔ گاڑِ منٛز بِہِتھ تہٕ دڑاو دفتر گُن۔ مگر آدنٛک یہٕ سیٖن اوس نہٕ تسنٛدِ دِماغہٕ منٛزٕ نیران۔ سُہ لوٗگ بیِیہٕ دِماغس زور دِنہِ۔ ہنا دِژِن ژٕھتھ۔ تَس پیوٚ لوکچارُک اُکھ یِتھُے ہُو قِصہٕ یاد۔

سُہ آسہِ ہے یوٚہے شُہ ستہٕ وُہُر۔ شاید اوس نہٕ توٚت تام سکوٗل تہٕ گژھان۔ سُہ اوس پننہٕ نٕبن ہم عُمر شُرِ بن سٟتی نٔہرِ منٛز دوہے ڈُپہٲرَن ننگے شرٛان کران۔ اکہِ دوہہٕ اوس شاید زیادٕے جلدی منٛز۔ شرٛان گٔرِتھ کھوٚت تہٕ تُلِن بٕتھِ پیٹھِ کسنٛدی تام پلو، لٲرِن جل جل تہٕ دڑاو گرِ گُن۔ یِتھُے بازرِ کِنۍ دڑاو، سُہ رُکوو اُکی وانہٕ وٲلی تہٕ شرٛارتہٕ سان وٚونہٕ نَس۔ ''ژٕے چھے ناشرم تہِ یوان یم بٕتہٕ پلو لٲگِتھ۔ چمہٕ سان چھکھ پکان۔ کولہٕ شکس لِدٕ۔'' سو اُس گوڈنیچ لٹھ ییلہِ تٔمی بٕتہٕ لفظ بوزایاو۔ تس باسیوٚو زِ شاید اوسُن کیاہتام اَتھ کوٚر مُت۔ سُہ گیاو پتہٕ کِنۍ دَوان دَوان واپس نٔہرِ بٔتھس پیٹھ مگر تتہٕ اُسی نہٕ تسنٛدی پلو۔ شاید ما آسہ ہاٗن خبر کٔمی بچَن ادلہِ بدل لٲگیمتی۔ ظہوٗر صاٗب اوس یمنے تربن تہٕ تژوہَن منٛز گومُت زِ گاڑِ ڈٔج

اکھ بُزرگ زنانا اکھ یوسہٕ balance تہٕ سو آیہٕ أکِس فُٹ پاتھس کُن ٹھاسنہٕ۔
سڑکہِ اَند کُن پکان اُس، آیہٕ گاڑِ ہنٛدِ دقہٕ ستی سڑکہِ پیٹھ ٹاس کرِتھ بُتھہِ وآری
لاینہٕ۔ ظہوٗر صاب وۄتھ یقدم گاڑِ منٛز بون بُڈ موج تُجِن کھوٗنہِ کِنٛتھ تہٕ بُرن گاڑِ
منٛز تہٕ ولتہٕ نأون ہسپتال۔ ہسپتال واتتھ یتھے رجسٹریشن کونٹرس پیٹھ تس بجہِ ہُنٛد
ناو کھوٗ پتاہ پرُژھکھ ظہوٗر صاب گوٚ ہے بنگہٕ ہوٗ روٗزِتھ مگر ستی پوٚس حبس زِ ہرگاہ
سُہ تِمن اصلیتھ وَنہِ تِم کرن نہٕ تَس یلاج، یہ بنہِ پُلیس کیس، بُڈ مرِ ہے بے قزاہ،
بُجہِ ہنٛز زِنٛدگی بچاونہٕ خاطرِ وۄن تٔمی اَپُز دوٚ پنٛکھ زِ یہ چھے مٲج تہٕ لیکھنوٚون پنٛن
پتاہ۔ بُڈ آیہٕ آپریشن تھیٹرس منٛز ژاننہٕ مگر ستی وآژ تَس خوٗنچ demand slip۔ ظہوٗر
صاب گوٚ پریشان تِکیازِ تس اوس نہٕ پأنس سُہ blood group یُس زن بُجہِ لگہِ
ہے۔ سُہ گوٚ سخ پریشان۔ تٔمی کُر ہسپتال والین سخ أجزی زِ سُہ چھُ روپیہ دِنہٕ
خاطرِ تیار ہرگاہ خوٗن مُلی میلہِ۔ مگر ہسپتال والین ہنٛدِ قونوٗنہ مُطابِق اوس نہٕ تہٕ
مُمکِن۔ تِم اُسی خوٗن صِرف اَدلہِ بدل دِوان۔ ظہوٗر صابن لٲگ پریشانی ہنٛدِس
عالمس منٛز ہسپتالہٕ کِس ورنڈاہس اور یور گتھ دِنی۔ تس نِش اوس نہٕ زیادٕ وَکھ تہٕ
کینٛہہ یُتھ زن سُہ کانٛسہِ بُلأوِتھ ہیکہِ ہے۔ تسنٛز بیقرأری تہٕ پریشانی گیہِ بڑان۔
سُہ سپُد تھوٗت لاچار تہٕ مجبوٗر زِ تَس روٗز نہٕ کانٛہہ تہٕ صوٗرتھ۔ سُہ بوٗٹھ کونٹرس
نزدیکھ أکِس کُرسی پیٹھ پتھر۔ اَتھہ زِ تُلِن تھوٚد تہٕ لوٗگ خوداییس پنٛنی پأٹھی أجزی
کرنہِ۔ سُہ اوس أتھی حالتس منٛز زِ دوٗرٕ أکِس بیچنس پیٹھ بہتھ اکھ کمزوٗر ہوٗ نفر
وۄتھ تھوٚد تہٕ آو تَس کُن دوران دوران۔

توہی کیاز جناب پریشان ہوِو۔ تمہِ نفرن پُرژھ ظہور صابُن۔ ظہور صابن وۄنی تس ساری دلیل۔ تمہِ نفرن دیُت نہ کانہہ جواب تہٕ دژاو سوٗ دے کوٗنٹرس کُن۔ تتہِ کٔرن receptionists ستی کیاہتام کتھ باتھ۔ اکھ لوکٹ فارم بوٗرُن تہٕ ژاو أندرِمس کمرس منز۔ لگ بگ اڈ گنٹہِ دژاو سہ بیٚیہ نبر تہٕ آو بیٚیہ ظہور صابُس نِش۔ ظہور صاب اوس أچھ بند کٔرِتھ زنتہٕ تسبیہہ پھران۔ شاید اوس ماجہِ ہنٛدِ خاطرِ دُعا کران۔ تمہِ نفرن تھوٚو ظہور صابُس پھکس پیٹھ اتھ تہٕ وۄنُنس "ژٕ مہ حض بَر پرواے۔ چون مریض حض چھُ بلکُل ٹھیک۔ ظہور صابُس پھوٚر بُتھِس رنگ۔ مگر خوٚن کُمہِ دیُت؟ ظہور صابَن پرُژھ تس حأرانی سان۔ ژٕ مہ حض سَن تھ، گژھ حض اژھ حض اندر کمرس منز۔ یہِ وۄنِتھ دژاو سہ نفر تہٕ بوٚٹھ بیٚیہ تتھی بینچس پیٹھ پتھر۔ ظہور صاب وۄتھ یقدم تھوٚد۔ تیز تیز قدم تُلتھ ژاو تتھ کمرس منز بیٚتہِ بُڑ موج بڈس پیٹھ ڈاکٹرن ستی کتھ کران آس۔ ظہور صابُس آیہ نہ پڑھ۔ تس آو بُتھِس پیٹھ بیٚیہ پَتُن ظہور واپس سہ دژاو پوٚت کھورِے واپس تہٕ گوٚ سوٗ دے تتھ بینچس کُن ییتہِ نَس سہ نفر بہتھ اوس۔ مگر بینچ اوس خالی۔ تمہِ دِژ ژوپأرِ lobby منز ژھانڈ مگر سہ نفر گوٚس نہٕ کُنہِ نظر۔ سہ دوربو وگیٹس کُن مگر توٗرِ تہِ گوٚس نہٕ سہ کُنہ، نظرِ۔ أخر آو موٗیوٗس گژھتھ تہٕ ووت بیٚیہ تتھ بینچس نِش۔ وۄچھنِ کھوٗری، پٔتی بزوٗٹھی پرٛتھ طرفہِ دِتن وۄنی مگر سہ نفر اوس نہٕ کُنےٚ۔ لاچأری تہٕ موٗیوٗسی ہنٛدِس عالمس منز یتھے تمہِ پَتُن کلہِ ہوٚر کُن ٹل، تس پیٚیہ بینچس پٔتی کِنی دیوارس پیٹھ لاگتھ أکِس اِشتہارس کُن نظر۔ اتھ پیٹھ اوس لیکھتھ......

تس چھُ نہٕ کانٛہہ ناوتہٕ نہٕ کانٛہہ پرٛزنَتھ۔

تس چھُ پرٛتھ کانٛہہ پنٕنہِ پنٕنہِ ناوٕ زانان۔

سُہ چھُ لوٗکن منٛز روٗزِتھ تہِ لوٗکن نِشہِ بے غرض۔

سُہ چھُ دُنیٖ یاہَس منٛز روٗزِتھ تہِ دُنیٖ یاہ دأری نِشہِ بے خبر۔

سُہ چھُ پنٕنیٖ زِندگی لوٗکن ہِنٛز اَمانتھ زأنِتھ رٕژھراوان۔

سُہ چھُ پنُٕن شریٖر پنٕنہٕ نبوٕ رِنبوٕ آمالو ہِنٛدبو جامو ستیٖ ولان۔

(اَمہِ پتہٕ اُس خالی جاے ترٛاوِتھ)

سُہ چھُ ...........................۔

ظہوٗر صأبَس ژٕج زورٕ کرٛکھ نیرِتھ۔"اِنسان"۔



# بہٕ چھُس نہٕ لَل

مےٚ ژُل بییہِ اکہِ پھِرِ یہِ سیل فون اَتھس کیتھ تہٕ پوٚرُم بییہِ اکہِ پھِرِ یہِ
ایس ایم ایس۔ شاید ڈٕہم کِنہٕ بہم لٹھ آسہِ ہے مےٚ یہِ پرٕنژ۔ جانوٚ ژےٚ اوسُتھ
وٕنُمت زِ ژٕ یکھ دویہِ ہفتہٕ پتے واپس شِکاگو۔ ووٚنی گییہِ برابر شےٚ ہفتہٕ۔ ژٕ چھُکھ
نہٕ ووٚنی مۄن فون تہِ ژُلان۔ نہٕ چھُکھ اوٚرے فون کران۔ میلس تہِ چھُکھ نہٕ
جواب دِوان۔ صِرف چھُتھ دِلہِ واٚتتھ اکہِ پھِرِ فون کوٚرمُت۔ شاید اوسُکھ تمے
دوہٕ ووتمُت۔ بہٕ چھُس سخ پریشان۔ ژٕ چھُکھا ٹھیکھ؟ اَتہِ چھا ساٚرِے ٹھیکھ۔
ژےٚ چھےٚ نہٕ نوکری ہُند تہِ خیال۔ ہرگاہ نہٕ ژٕ بییہِ دون ترٛبن دوہَن تام واتکھ،
شاید ما پییہِ پتہٕ بدل نوکری ژھانڈٕنی۔ مےٚ چھےٚ وومید یتھ ایس ایم ایس اَس دِکھ

ژ ضۆرؠ رجواب تہٕ میٲنی پریشٲنی کرکھ دۄر۔ چاۓ ٹاٹھ......رکھشا......"

مےٚ ڈۄل بتھس رنگ، دِلچ دبراے گیم تیز۔ مگر بہٕ رۄزس توتہٕ پانس دِلاسہٕ دِوان۔ نہٕ نہٕ تہٕ ہیکہٕ نہٕ بنتھ۔ سمیرس چھےٚ نہٕ بیہٕ کانہہ مےٚ ورٲے۔ سہٕ کیاز کرِہے تیلہٕ مےٚ سِتۍ خاندر۔ سہٕ کیاہ پاگل چھا۔ اکھ قابل تہٕ آزاد خیال لڑکہٕ ہیکہٕ نہٕ ہُرشہ شرمناک حرکتھ کرِتھ۔ بہٕ رۄزس تشویش تہٕ کران تہٕ پانس، دِلاسہٕ تہٕ دِوان۔ مےٚ گنیہ عجیب عجیب خیال دِماغس منز۔ اَما اکھ لوکٹ موکٹ شیچھ ہیکہا دِماغس منز پیرٕ خلل پاد کرِتھ زِ یہ ظاہر چھُ تہٕ مُشراوتھ کرِتھ تھیم یہ محض اکھ تصوُر یا خیال چھُ۔ ظاہر چھُ پزر، تہٕ پزر چھُ یہ زِ سمیرس سِتۍ آواز بڈونہہ دُہ دوہ مےٚ خاندر کرنہٕ تہٕ پتہٕ مو پانژ دوہو پیٹھ چھِ اَسی کوہس منز سمندر بٹھن پیٹھ زۄنہٕ راتن منز پننہٕ ینہٕ واجنہٕ زِندگی ہندی خاب سجاوان۔ اکھ اَکس یتھ زِندِ گانی تہٕ تمہٕ پتہٕ کہِن ینہٕ والین ان گنت زمن منز اکھ اَکی سُند ساتھ دِتھ تہٕ ہمسفر بنتھ زِندگی ہندی خوش آمیز تہٕ تلخ زِہی اکھ اَکس سِتۍ گزارنکی قسم ہاوان تہٕ اکھ اَکس بے پناہ لول برنک تہٕ ووفادار روزنک واد کران تہٕ بروسہٕ دِوان۔ گاٹلو چھُ ووٚنمت زِ وومید چھےٚ پژھِ پیٹھ دٔرِتھ۔ اَتھ کتھِ اوس نہٕ کانہہ شکھ زِ مےٚ اَس سمیرس پیٹھ پژھ۔ مگر سِتۍ اَس مےٚ پننِن اَچھن پیٹھ تہٕ پژھ۔ یہ شیچھ اوس نہٕ محض خیال ئلی کہِ ٹاکارٕ ثۆبوٗتھ زِ سورُے چھُنہٕ ٹھیکھ کینہہ تہٕ معاملہٕ چھُ سنگین۔

دٔہن دوہن ہُند ہمسفر کوتاہ پایہ دار تہٕ بروسہٕ وول ہیکہٕ اَستھ، اَمی خیالن کرِس بہٕ مجبوٗر وارِیاہ کینہہ سوچنس پیٹھ مےٚ پییہٕ خاندرٕ برٛونٹھم کینہہ اَہم واقعہٕ

ژَتَس۔

ییٚلہِ کاشرِس سماچارس منٛز سمیرنہٕ خاندرُک اِشتہار پرٕتھ پتاجین اَچھ چھان بین کر۔ مینٛی ماماجیَن کوٚرُس صاف اِنکار دوٚپنَس، یہِ رِشتہٕ چھُنہٕ قابلہِ غور۔ سمیرُن خاندان چھُنہٕ ہاوُن باوُن لایکھ۔ ماماجی زانہِ ہے تمِن ٹھیکھ پاٹھی۔ تسنٛز نظرِ منٛز أسی نہٕ تم اَسہِ لایکھ۔ بقولہِ ماماجی۔ سمیرُن مول زانہِ ہے نہٕ زانہہ حبہٕ کدلہٕ پٔتھ أمیر اکدل کھسُن اَدٕ آس نہٕ جواہرٹنلہِ یپور ییٚنٛج ذِکرے۔ ییٚنہٕ بٹن بٔنتھ ییہِ ہے سُہ کتہِ واتہِ ہے جوٚم تہٕ پتہٕ نگروٹا کمپ۔ مگر پتاجیُن مانُن اوس زِ تسُند خاندان کیاہ کرِ۔ اصلی واسطہٕ چھُ لٔڑکس ستی تہٕ لٔڑکہٕ چھُ تھکُن لایکھ اِنجینیر سُہ تہِ پتٕمو دوییَو ؤرِیو پیٚٹھہِ اَمریکاہَس منٛز جان کمپنی منٛز نوکری کران۔ خاندانَس چھا پھیش دُبن، سُہ اوس ونان۔ تمے اوس تٔمی یقدم اَنکار کوٚرمُت تہٕ دوٚنی ہفتن منٛز اوس خاندرٕ خاطرِ تیار گومُت۔ نیچوٕ والین ہنٛز آس اکاے فرمایش زِ چوٚنکہِ لٔڑکس چھےٚ نہٕ زیادٕ فُرصتھ، لہٰذا گرٕ ٹھ خاندر پھٹاپھٹ سپدُن تہٕ لٔڑکہٕ سُند منشاہ تہِ چھُ یے۔ تمِن اوس نہٕ بییہِ کینٛہہ ضوٚرۆرتھ، نہٕ لین دین تہٕ نہٕ باقے لوازی ماتھ۔ فقتھ گرٕ ٹھ کورِہن چھٔلتھ تہٕ چھکِتھ۔ مگر تہِ سورُے اوس ونس منٛز صحی، اصلیتھ آس زِ ییہِ کینٛہہ ہامےٚ پتٕمین دون ؤرِیَن کموومُت اوس تہٕ تہٕ تمہِ علاوٕ پتاجینٛی وٚمرِ ہنٛز کماے آس صِرف دون ہفتن منٛز خرچ کرنہٕ آمٕژ تہٕ یہِ ڈٔلۍ زِ تہٕ آس ڈٕہہِ آنہِ گوردالۍ پاوٕ پیمٕژ۔

سُہ کُس سَناچیز یُس نہٕ مینٛی مالۍ دبُت تہٕ سُہ کُس رٕسم یُس نہٕ تٔمی نبوو۔

ستراٗژ پیٹھ مُتھی مُرِس تام سوُرے تہٕ کیسری قہو پیٹھ پنجابی سِٹالن تام سوُرے۔ گرٕ اَژنس موٹر کاراسو تہٕ سَنترو۔

میانین یمن بیقل تہٕ فرسوٗدٕ خیالن لوٗگ تمہِ وِزِ ژھَبن ییلہِ درواز چ گنٹی بجے یہِ، مےٚ تُل جل جل یہِ سیل فون تھوٚد تہٕ تھوٚوم پلنگہٕ کِس درازس منٛز۔ پھُٹۍ متھو کوٗٹھو کھوٗلم درواز۔ شمیر ژاو کمرس منٛز، مےٚ کوٚر بییہٕ درواز بنٛد تہٕ پیٹھس پلنگس بزوٗنٹھ کنہِ چہٕ کُرسی پیٹھ۔ شُمیر وۄتھ مےٚ کُن وُچھِتھ۔ ''مےٚ لوٗگ سیبر کیپھیس (Cyber cafe) پیٹھ وارِیاہ وَکھ۔ دراصل اوس تتہِ وارِیاہ رَش۔ کانہہ تہِ بوٗتھ اوس نہٕ خٲلی۔ پیٹھ اوس ای۔میل وازیاہ۔ دراصل وُچھ نامےٚ اَز وارِیاہِ کالی میل۔''

مےٚ دُپُس نہٕ کانہہ جواب۔ بہٕ کیاہ وَنہٕ ہَس۔ میل لفظ بوٗزِتھ گوٚنڈن مےٚ وارے نار۔

ژٕ کیازِ چھکھ نہٕ کینٛہہ ونان۔ آژ آسکھ کُنہِ زٕنی بور گاٚمُت Sorry۔ مےٚ تراٚومکھ ژٕ کُنہِ زٕنی۔ اَدٕ ژٕ وُچھِہ زِ ہے ٹی۔وی تانِی یاں کُری زِ ہے بون وُسِتھ، سمنٛدرِ بٕٹھِس پیٹھ چکراوکرا۔''

سمنٛدرُک ناو بوٗزِتھ زنتہٕ گوٚو مےٚ سُری پیٹھی سہلاب۔ زنتہٕ وارِیاہ کالس لٔہرن تل پھٔٹِتھ بہٕ اچانک بٕٹھِس لاینہٕ آیس تہٕ مینٛز اُس کھوٚ نکہٕ وآری یِم پٲنس تل زن دم پھٔٹۍ گاٚمتی اُسی گییہٕ یقدم یلہٕ تہٕ مےٚ دِژ زورٕ زورٕ کرٕکہٕ۔ ''آ میل، وارِیاہَن دوہَن ہُنٛد میل گوٚژھے نا آسُن۔ خاص میلُک جواب دِنس چھُ وَکھ

لگانِے۔ کیاہ اوسنے لیؤ کھمت؟ یے نازِ نہٕ کوٚرتھ زانٛہہ فون تہٕ نہٕ میل نہٕ شیٚچھ تہٕ نہٕ خبر، دون ہفتن خاطرٕ اوسُکھ گومت، شےٚ ہفتہٕ گیہِ، وونی اوس سارِکُے سوکھے، ہرگاہ نہٕ جل جل آکھ نوکری منٛزٕ کڈنے تہٕ ئو نوکری پیٚیہٕ ژھانڈٕنی۔"

سُمپرس گیہِ کن کھڑا، عقلہِ بقِل گیس، بتھس ڈوٗلُس رنٛگ، یُس حال مےٚ اِبس اِبم اِبس پٕرتھ گوٚمُت اوس تمہِ کھوتہٕ ذٕہہ گنہٕ گوٚو سُمپرس حسبہِ حال مگر توتہِ ہاوُن مرٕد چالاؔ کی تہٕ شالہِ ہنٛزٕ ہش دغابٲزی تہٕ ژوٗرٕ ہنٛزٕ ٹھٔکل تہٕ بے شرمی۔

"کیاہ کیاہ وَنان کیاہ چھکھ ژٕ؟ مےٚ چھُنہٕ سمجے یِوان ژٕ ونان کیاہ چھکھ؟" تمہٕ وون۔

"ژٕ ے کتہِ پیے مجھ؟ دِماغس چھے نا گٕہہ برٕتھ۔ شکس ژکٕنٛک چھکھ نا؟ شکِس لدن ہُند گوٚو شکس لدے، امریکا گژھنہٕ ہتی کیاہ گوٚو۔ خصلتھ چھا بدلان۔" موٚن لہجہِ گوٚو کاٗفی تلخ۔ سُہ گابریومگر توتہِ تژ اوٗن نہٕ ٹینٛٹھ پٔتھر۔ "ششی ژٕ کیاہ بکواس چھکھ کران؟ ژٕ ے چھُیا طبیعت ٹھیکھ؟"

تُنٛد یہِ جراہ بوٗزِتھ روٗد نہٕ مےٚ پانٛس تام۔ مےٚ دِژٕس زورٕ کرٕکھ۔ "یہِ کوسہٕ چھےٚ رَکھشا؟ بیٚنہِ چھیا کِنہٕ ماج چھے۔ رکھشا ناو بوٗزِتھ پیوٚ سُمپرٕ زنتہٕ ہتی مہٕ آسمانہٕ پیٹھٕ پتھر، کھورتلہٕ ژٕجس زمین نیرِتھ۔ زن دہت ہتی لوٚکن پتھر داٗرِتھ۔ پلنٛگس پیٹھ دُبٕن دراز۔ واریاہسہِ کاٗلی دَم رٔٹِتھ ووٚنُن۔ "ژٕ کیاہ چھکھ یہِ ونان۔ کوسہٕ رکھشا؟"

"ژٕ کتہِ مانکھ سہٕل سہٕل، بہٕ ؤژھس ہکہٕ سان تھوٚد، دراز کھوٚلُم سیٚلٕ فون

کوٗژم نمبر، اتھ کھوٗلم شیٚچھ صوٚنڈوٗق'' اَدِچ شیٚچھ کٔڈم نٔ تہٕ پلہٕ نووٗم اٚمِس موبیل۔

شیٚچھ پرٕتھ گوٚو سٲمِپر زنتہٕ روٗزِتھ، ہمرِم شاہ ہوٚر تہٕ بٔنم بون، اَکوے لفظ دڑاس اَسہٕ منٛزٕ، ''گوٚو ناژیے لوٚگے پتاہ۔ دراصل اَس رکھشا......'' بس بس مےٚ چھےٚ نہٕ چاٚنی رام کہانی بوزٕنی نہٕ چاٚنی صفاٲیی تہٕ نہٕ رِیاکارٕی ووٚنی یہِ ونہٕ تہِ ونہٕ بہٕ تہٕ یہِ بوزکھ تہِ بوزکھ ژٕ۔ مےٚ دِت نہٕ تس اَس کھولنہٕ۔

بہٕ چھُس اکھ پرٕمژ لیچھمژ کوٗر یاوتم ووٚنی زنان۔ کماون واجبن، چانہِ کھوتہٕ زیادٕ گاٹج تہِ، قابل تہِ، محنتی تہِ تہٕ چالاکھ تہِ۔ اَسہِ اوس پگاہ واپس جوٚم گژھن۔ صُبہٕ پچ فلیٹ۔ یہِ گوٚو جان سون ۂنی مٲن گو اکھ دوہ بڑوٚنٹھے ختم، بہٕ بچیس اکہِ راتھ ژہنڈِ عذابہٕ تہٕ گوناہ نِشہِ۔ مےٚ کوٚر فاصلہٕ نہٕ گژھ بہٕ ووٚنی وارِیو تہٕ نہٕ مالِنٕن، نہٕ جوٚم تہٕ نہٕ دِلہِ۔ بہٕ نیرٕ از شامنسے بیٚیتہٕ پٹھ بنگلوٚر، بہٕ کرٕ پگہٕ ہاٲے واپس جوٚ ین۔ شُکر بھگوانہٕ سُند، مےٚ اوس نہٕ نوکری منٛزٕ اِستعفاہ دِت مُت۔

مگر شتی ژٕ بوز کتھ نمُ ہمژاہِ کتھ ڈالنٕچ کوٚشِش کرٕنی۔ مےٚ گرٕ جل جل پنٕنی پلو جماہ، یم برٕم بیگس، بٔل ڈبسکس کوٚرم فون، بہٕر آو، تمٕس پلہٕ نووٗم بیگ، پرٕس تُلم تہٕ دڑ ایس بہٕرس پتہٕ پتہٕ۔ نیران نیران ووٚنم سُمپرس۔ ژٕ برٕ زِ نہٕ غم اَسی میلو بیٚیہٕ جلدٕ ے۔ وارٕکارٕ عدالتس منٛزٕ ینہٕ اَمریکا گژھنس جلدی کرکھ، خبر تتہٕ پٹھ ماپیٚیہٕ پتہٕ ین۔ لیہازا اپز آری زِ عدالتہٕ کس حُکم نامس، خبر تو ریا فکرِ۔ بہٕ زن اٲسس اکہِ بڈِ عذابہٕ تلہٕ آزاد گامژ۔ مےٚ باسیو وپنٕن پان سبٹھاہ ہلکہٕ۔ پتہٕ ییلہِ

بہٕ ٹیکسی منٛز بِہتھ ہوٲئی اَڈس کُن گژھان أسِس، مےٚ پییہِ کٔشنی ماس یاد۔ تمِس بِچارِ دژ ایہِ ساری زِندگی پٔنٛدی۔ وُمرِ کٔرن رِنی ہنٛز بے ووفٲیی تہٕ ستم گری لل دیدِ ہنٛدی پٲٹھی ژھوپہٕ دم کٔرِتھ برداش۔ أکِس پالتوٗ پشہِ ہنٛدی پٲٹھی روٗز ٹِکلِس گٔنڈِتھ توٚ تام یوٚ تام ہمیشہِ خاطرٕ عذابہِ تلہٕ آزاد گیہِ۔ مےٚ اوس ہمیشہِ تس پیٹھ ترس تہٕ رٔحم یوان، مگر وُنی کیٚن کھٔژم سخ ژکھ تسنٛزِ چارٕی گی پیٹھ۔ أخر کِتِس کالس کرِ زنان مردِ ہنٛدی ستم برداش۔ کِتِس کالس۔ نہٕ بلکُل نہٕ۔ بہٕ چھَس نہٕ کٔشنی ماسی ہِشَن زنانن ہِش زِ وُمرِ ژالہِ تُلہٕ نار، تہٕ نہٕ چھَس بہٕ لل زِ دُنیاٗیی مالاینی نِشہِ روزٕ دوٗر۔

مےٚ کوٚڑ پرسہٕ منٛز موبیل فون تہٕ کوٚرُم مینجیر اِنچ۔ آرس فون تہٕ ووٚنمس زِ بہٕ کرٕ چھُٹی کم تہٕ واتہٕ پگاہ واپس بنگلوٗر تہٕ کرٕ کمپنی جوٚین۔



# ژمی جانٕی تہٕ لالہٕ صأب

یمے آسہٕ صُبہٕ ہوٚچہِ ستھ ہِشہِ بجے مژ۔ لالہٕ صأب اوس پۄزا کٔرِتھ ٹھوٗکُر کُٹھِ مَنٛز وُنی وُنی دژامُت۔ سوچھس پیٹھ بِہِتھ اوس نیٚشہِ پٔترِ ورٕق پھِران۔ ویسے اَس تَس نیٚشہِ پٔترِ اَتھس کیتھٕے آسان، اَماپوٚز اَز اوس بڑٕ سنجیدگی سان اتھ سنوٚمُت۔ سروَن اٲنِس کیٛنٛژِ کھاَمِـسس مَنٛز چاے تہٕ تھٲوِنَس بڑ وُٹھہٕ کنہِ لوٗکٕٹس میزس پیٹھ۔ تٔمی زون نہٕ وُنکین لالہٕ صأبن دیان پھِرُن مُناسِب۔ لہٰذا کوٚرنَس نہٕ چاے زِرِس پیٹھ رٹنٛگ اِسرار۔ بیٚیہٕ کیٛاہ مہرا انوٕ لواسہٕ کِنہٕ گُلچہِ پُرٛژھس سروَن۔ بیٚیہٕ ہَسا کلہٕ چون، وٕتھُس لالہٕ صأب خٔشمہٕ ہوٚت۔ ژٕ ے چھُے نا بوزنہٕ یِوان مےٚ چھا دنٛد زِ گُلچہِ تیم کھینہِ۔ اَن لواس تہٕ تراو چایہِ مَنٛز پُرِتھ۔ سرٕ اوس لالہٕ صأبنہِ تیز کلٲمی

ہُنٛد عآدی گوٗمُت۔ تَس اُس نہٕ بُتھِس وزہ تہٕ کھسان۔ کھسِہ ہبس تہِ کیٛاہ تس ما اوس لالہٕ صآب نوکر نظرِ وُچھان۔ سُہ اوس زنتہٕ کیٛاہ ٹلِہ کہ گرُک اصلی بآڑ باقےٚ اُسی ناوکِے یوت۔

لالہٕ صآبن تھوٗ نیٚشہِ پٹرٕ پانس ڈٕچھنہِ کنہِ سوٗپھس پیٚٹھ پَتھرٕ تہٕ تُلٕن دجہِ ستی چایہِ کھوس تہٕ ہیٚژن چاے چیٚنۍ۔ جمی تہٕ جانیس دُتھتھا دود تہٕ بسکبٹ پُرٛژھ اُمی سروس۔ تمو مہارا چھوٕ وُنُس سرٕوَن۔ لالہٕ صآبس گٔیہ بشاشتھ ہِش۔ وُنہِ اُسن زٕ ے ترٛےٚ گلی چیٚمتی زِ ٹیلہِ فوٗنچ گنٹی بجے یہِ۔ اُمِس پھوجہِ زن بوکہ بَڑٕ دِژن کرٛکھ سروا تلافون تُل۔ سرٕ اوس چوکہ منٛزٕ نیرانۍ زِجمی تُل رِسیور تہٕ دورییہِ لالہٕ صآبس کُن۔ لالہٕ صآبن نیٚوٗنس اُسہِ منٛزٕ رِسیور تہٕ لوگُن کنَس کُن۔ یہِ اوس اَمریکا پیٚٹھ سآباجی۔ لالہٕ صآبَس آیہِ بُتھِس پیٚٹھ چمک ہِش۔ کُہو مالیا وارَے چھُکھا۔ اَہانٛو! بہٕ ہا اوسُس چأنۍ ہے فوٗنَس پرٛاران۔ اِد سأ زاہ دوہ چھُے مُبارکھ۔ مےٚ ہا دوٚپ خبر یاد آسِیا۔ تۄہی چھوٕ نا انگریزی حِسابے مناوان۔ اِد سا یہِ چھا نوشہِ ہان وارے۔ اَہن سآ بہٕ تہِ چھُس ٹھیکھ۔ وونۍ کیٛاہ نوٚ و بنا۔ دوہ دوہ چھا وسانٛے کِنہٕ کھسان چھُ۔ نہٕ نہٕ پرواے گژھِ نہٕ برُن، مےٚ کیٛاہ پرواے چھا! بہٕ کیٛاہ کُن زون چھُسا کینٛہہ، جمی چھُے جانٛی چھُ سروانند چھُ۔ سروانندن چھُےٚ تہٕر بنآوِمٕڑ۔ پٔنٛن ناو بوٗزِتھ آو سرٕ دوان لالہٕ صآبس نِش۔ ہامیٛوٗن تہِ مہارا وٕنیٚوٗس مُبارکھ۔ سروانند تہِ چھُے مُبارکھ کران۔ مِٹھ چھا ٹھیکھ۔ اچھا کوٗرمُت اوسنیہِ فون۔ اچھا اچھا اُسو اوٚرزوٗ۔ صدبی سال وُمرِ دِیہِ نوٚ دے۔ اچھا بہٕ تھوٗے تیلہِ پتھر۔ لالہٕ صآبن

تھۆو فون پھٔر تہٕ لۄگ کبتھام سونچنہِ ہُو۔ بُتھِ پیٹھ ژُلن اُنکھ تھۆد تہٕ لۄگ اُچھن مُرمُر دِنہٕ۔ شاید آسُس اُدرِمژ۔

لالہٕ صاب رۆد نیشہِ پُترٕ گُن کینژس کالس مُدے گنٛڈتھ۔ بیٛیہِ تُجن اَتھس کبتھ تہٕ لۄگ ورکھ پھرِنہٕ۔ شرٛاونہٕ زۆنہٕ پچھ اُٹھم سنہٕ 1960ہٕ اَز بژوٕنہہ پۆرٕ کُنہٕ تاجی ڈُری۔ یہِ دوہ کۆتاہ اہم اوس لالہِ صابنہِ خاطرٕ۔ خاندرٕ پتہٕ پۆرٕ پنٛداہہِ وُہری اوس تَس سآباجی زامُت۔ کمہِ چاو سان اوس تمو سُہ دوہ منووُمُت۔ گرِ اوسکھ زۆل کۆرمُت۔ مجٔلِس کبو بازرس سال تہٕ سبہ کرِمژ۔ لالہٕ صابن سورگہٕ واس مول اوس بۆڈ بارٕ باپاری۔ دیار دولتھ اُسس بے شُمار۔ لالہٕ صاب اوس تَس کُنُے اولاد۔ کھانہٕ ماجرٕ کَنی اُسس گرِ لالہٕ ونان تہٕ نوکر چاکر اُسس یِژ تہٕ سان لالہٕ صاب ونان۔ یتھِ پاٹھی بنو لالہٕ لوکچارس منٛزے لالہٕ صاب۔ لوکِٹے آس خاندر کرنہٕ مگر خاندرٕ پتہٕ زاس نہٕ واریاہس کالس شُر۔ اولادٕ سِنٛدِ باپتھ اوس گرُک گرٕ پریشان۔ کانٛہہ تہِ پیر فقیر، سادسنت تٕرٛووُکھ نہٕ استھانن تہٕ مندرن گژھ دَشہِ۔ اَمی سُنٛد مول گو یوہے شرہِتھ سورگہٕ واس۔

دَیہ سُنٛد کرُن ییٚلہِ سآرے ووُمید ترٛاوِتھ اُسی لالہٕ صابنی آشٕنی لیلاوٕتی رۆز گوبہِ کھورٕ تہٕ ییٚلہِ شرٛاونہٕ اُٹھم دوہہ ژٕلہٕ مُل وُتھی متی اُسی کۆرن تس تتے دود۔ لالہٕ صابن کھٔر واپس ٹیکسی کبتھ دٔستی شہرتہٕ، اَتہِ پبابہِ یہ سِنٛد یا وقتہٕ ہسپتالس منٛز۔ سآباجِیہ نہٕ زبنہِ پتہٕ لُج نہٕ تٔرے۔ برابر اَکے وُریہ پتہٕ پبابہِ لیلاوٕتی بیٛیہِ تہٕ زاہِیس سمی۔ سآبہٕ لالس تہٕ سمی دوشوٕنی بارٕنبن اُسی یم دوشوے بآژ لولہٕ متہٕ لاے

کران۔ اکھ بأژ اوسُکھ کھوٚنہِ والان تہٕ بیٚاکھ کھوٚنہِ تُلان۔ یہِ ڈۄپہِ زِ تہِ آیہِ دوٚدٕ ستیٚ رچھنہٕ۔ وۄرِیَن لٔج نہٕ تأرِے۔ رُت سمے زَن چھُ وُڑِتھ گژھان تہٕ کرٛۄٹھ سمے چھُ پیٚٹھٕ پیوان۔ یہِ توٚرنہٕ تِمَن فِکرِے زِ سأباجی تہٕ سِمی کِتھٕ گٔیہِ بڈٕی، کپأرِ پوٚرٕکھ لوٚکھکھ تہٕ کپأرِ دۄرِبیہِ تِہنٛزِ کوچھِ نِشہِ۔ زَن تہٕ وقتس پکھٕ لگِتھ آسہٕ۔

سأباجین کوٚر احمد آبادٕ آے۔ آے۔ امِس منٛز مینٛج مینٹ لالہٕ صأبَس اُس رائے پوٚنٛزُر وُڈٕر پیٚٹھ تژٕ اوِ شیشترٕ کارخانہٕ تہٕ سأباجِ تہِ روزِ گرٕس نٔزدیکھے۔ تس کیٛاہ اُس پتاہ زِ تقدیرس چھُ بدٕلے کیٛاہتھام منظوٗر۔ سأباجی کوٚر ٹاٹا کمپنیٖ والیو پڑایہِ دورانٕے سِلکٹ، لیٛہازا ابرٛموٗس دِل۔ یتھٕے پرِتھ موکلِو وتس آیہِ گوڈٕ دِلہِ منٛز پوسٹِنگ کرنہٕ تہٕ ستے آو کمپنی طرفہٕ وۄریہِ خأطرٕ امریکا سوزنہٕ۔ اوٗت تام تہِ گیاو ٹھکھے۔ لالہٕ صأبن سوٚنٛچ چلو وۄریس کیٛاہ نیرِ مگر تہِ سپُد نہٕ۔ سأباجیَن گٔر تتہِ بیٚیہِ تہِ زنگہٕ زنگ تہٕ پیٚنٛچ نوکری تژٕ اُوِتھ گٔرن تِتے کتھ تام بجہِ کمپنی منٛز نوکری۔ ستیٚ کوٚرُن تِتے کس تام میٚمہِ ستیٚ خانٛدر۔ میٚمہِ نوٗشہِ ہُنٛد خیال تِتھے تژٕوو لالہٕ صأبن زیوٚٹھ ووشاتہٕ گٔرن جمی گُن نظرا۔ جمی اُس میٚمہِ نوٗشہِ لالہٕ صأبَس پرٛزنٹ گٔرمٕژ۔ یٚیلہِ خانٛدرٕ پتہٕ سأباجیَن میم گرٕ اٚئی تس اُس جمی تہِ ستیٚ یوسہٕ تِمہِ جرمنی پیٚٹھ اَنہٕ نأومٕژ اُس، تہٕ واپس نیرنہٕ وِزِ اۄسن پنہٕ نِنس ہیٚہرٕ بابَس حوالہٕ گٔرمٕژ۔ تنہٕ اُس جمی لالہٕ صأبَس نِشے۔

لالہٕ صأبَس پیٚیہِ اۄکس باباجی سنٛز کتھ یاد۔ سأباجیُن اتھٕ وُچھان اوسنس وۄنمت زِ ''پنڈت جی آپکا بچا سات سمندر پار جائیگا۔ بہت باگہِ وان ہوگا۔

قسمت چنگی ہوگی۔"

یمو باُژو دوہِ یو کریاو ییتھ تیتھ سائبُن دۄر بر برداش مگر پتہٕ ییلہِ سمی تہِ ڈاکٹری پرٕتھ کس تام افریقی لڑکس ستی نبرٕ نیرِتھ گیہٕ۔ یمن آیہٕ رب لدنہٕ۔ نبر نیرٕنی لایکھ رۄدی نہٕ۔ لۆکو کری بکھ پامہٕ دِے دِے تُتہٕ وألی۔ لۆکو وۆن زِ سمی اُس کالجس منٛزٕ ے تس حبشی لڑکس ستی واٹھِتھ تہٕ بڑوٗنہہ کُن پرنکہٕ بہانہٕ گیہٕ گوڈٕ لنڈن تہٕ تتہٕ پتھٕ افریقہٕ۔ خبر تس کیاہ آو تمِس کالہٕ کرٕہنس منٛز بوزنہٕ تہٕ تسُنٛد کُس تان لۆگ تس خوش تہِ تۆگ نہٕ کانٛسہِ بوزٕن۔ اتھ ونان شِلہِ پتھ دِل لگن تہٕ کرِتھ یہِ گیہِ پنٕنی پنٕنی بروبری۔ تس ہرگاہ حبشی سنٛزٕ ے میٹھ لجٕ کُس کیاہ کرٕہس۔ لیلاوتی بچارِ گو نہٕ یہِ صدمہٕ برداش۔ تس پیو گوڈٕ ؤدی ؤدی انٛو تہٕ پتہٕ گوس اچانک اکہِ دوہہٕ ہاٹ فیل تہٕ گیہِ مرِتھ۔ لالہٕ صأب رۄد پتھ کُن کُنیٛ پشنٕس۔

پتہٕ ییلہِ واریاہہ لٹہِ سأبا جیٖن محکمہٕ لۆگس، تس لۆگ نہٕ کانٛہہ چارٕ شُربن نِش گرٕھنس۔ البتہٕ یُس تیر جِگرِس لۆگمت اوُسس سُہ دزاس نہٕ ازتام۔ مگر سُہ تہِ کِتس کالس مسأ رٕکس ؤریس۔ دۆہی دوہس اوس لبن وُچھان آسان۔ نہٕ کانٛسہِ ستی کتھ نہٕ باتھ نہٕ کُن یُن نہٕ گرٕھن۔ تس باسیو پنٕن پان زنتہٕ جیلس منٛز۔ سأرِے اُسی پنٕنہٕ نِس پنٕنہٕ نِس کارٕ بارس نیران لالہٕ صأب اوس جمی ستی گرس رأچھ آسان۔ پتہٕ ییلہِ سأبا جیٖن سبٹھاہ ے مجبۆر کۆر تہٕ سمی نِش نیوٗن تتہِ پُشرٕوِس تمی سُنٛدی مہارازن جانی۔ دۆپنس یہِ چھُ افریقہک مشہوٗر نسل۔ اکھُتے گرٕھہِ نہٕ جمی تہِ کُنٛزٕنی تہٕ لالہٕ صأب تہِ روزِ مشغۆل۔

سُہ دوہ تہٕ یہِ دوہ لالہٕ صاب تہِ گوٚنہٕ دُبارٕ شُرہن نِش زانہٕ۔ ووٚنۍ اوس
پرٛژھہِ گارِ ہُند فقط اکُے وٕسیلہٕ سُہ گوٚٹیلہِ فون۔ ہفتہٕ دوٚیہِ ہفتہٕ اَسس گرا کوٚر فون
کران تہٕ گرا نچھو۔

لالہٕ صابَس ڈوٚل من تمُی تژوو کارٕ بار تہٕ دُنیادٲری تہِ۔ یہِ لوٚگ بگوانہٕ
بگوانہٕ کرنہِ۔ سادن تہٕ سنتن ستۍ لٲجن لےٚ کھوٚے۔ گرا اوس اِشہِ برٕ آسان، گرا
پربتہٕ تہٕ گرا ٹُلہٕ مُلہِ۔ مگر دوہ گُذٲرِتھ اوس شامہٕ پٮ۪تۍ گرٕے یِوان تہٕ جمی تہٕ جانیس
ستۍ پننہِ دِلک گُبارٕ کڈان۔ یوٚت یہِ گرٕژھِ ہے تم اَسس پتہٕ پتے آسان۔ یارٕ
بل وَسہِ ہے تہٕ پتے باغس منٛز نیرِ ہے تہٕ پتے۔ لوٚکھ اَسۍ اتھ پٮ۪ٹھ تہٕ تس کتھ
کران۔ دپان اَسۍ زِ شاید ما آسہٕ ہانَس پرُوٚ زہمکۍ شُری ننہٕ کینٛہہ نزدیکی اَشناو۔
لوٚکھ کس چھِ پرژان۔ خاریَس یہِ وُنن آسہِ سُہ وٕنۍ تن لالہٕ صابن اوس پننہِ زِندگی
ہُند سار لوٚبمت۔ سُہ اوس بگوان ناوس ستۍ لین گومُت۔ صُبہَس تہٕ شامس اوس
ٹھوکُر کُٹھس منٛزٕ گنٹہٕ واٖد بہان۔

اَز اوس تَس شاید ساباجیہ نہٕ فون باس۔ تسُند وو ہرو ود کتھ مَشہِ ہے تس
توٚے اوس جلدٕ ٹھوکُر کُٹھِ منٛز دژامُت۔ ییلہِ ووٚنۍ ساباجیَس ستۍ کتھ باتھ
کرٕن، تس گیہِ فراگتھ ہش۔ جمی تہٕ جانی اَسس بڑونہہ کنہِ قالینَس پٮ۪ٹھ مُدٕے
گنٛڈِتھ وُچھان۔ شاید اَسس نبرٕ باغس منٛز نیرنک اِشارٕ کران۔ یمن دوشونۍ
کُن وُچھان وُچھان اوس سُہ سوٚنچان زِ خبر اِنسانہٕ کیاہ آو بٮ۪نتھ تہٕ گدرِتھ نہٕ
لیہازٕ نہٕ مُلہٕ ہازٕ نہٕ کانٛسہِ ہُند رِن تہٕ نہٕ ژُک۔ صرف پنُن پان، پنُن مطلب تہٕ

پٔنٕنۍ زِندگی۔ أزی کس خوٚنس زنتہٕ چھُ پوٗنۍ گوٚمُت۔ اِنسانہٕ ہنٛدِ کھوتہٕ چھِنا یم پٔشۍ ہزار دٔرجہٕ بہتر، سُہ اوس أندرۍ سوٗنچان، یتھٕ کٔنۍ تھوہوکھ تتھٕ کٔنۍ چھِ روزان ییمہٕ لٔہ ساوِ ہوکھ تمہٕ لرِ چھِ شونٛگان یتہٕ پتأے چھِ پکان آسان۔ اکہِ برٔے کرٕوکھ ییٚہ بٔر چھِ واپس یوان۔ لہٰذا ملہٕ ہاز تہٕ چھکھ تہٕ زچھر کانٛسر تہٕ۔ یَس اکہِ پھرِ پٔر زناوُن تس چھِ ہمیشہ یاد تھاوان۔ ہرگاہ جمی لالہٕ صأب کیٚنٛہہ دِیہٕ ہے مجال اوسا زِ جانی کیٛاہ ٹلہٕ ہے کلہٕ تھوٚد یہٕ نہٕ اِنسانن ہنٛدۍ پأٹھۍ زِ زِٹھس چھُ رٹنے آسان زِ کوٚنس چھس جیٹہٕ ماران۔

ہاے کیٛاہ گو اِنسانس لالہٕ صأبس ژٕج بے والہٕ پأٹھۍ کرٕکھ نیرِتھ۔ کرٕکھ بوٗزِتھ آو سرِ وغوٚسل خانہٕ منٛز یقدم نبرَ نیرِتھ۔ کیٛاہ مہارا لالہٕ صأب کیٛاہ ڈلیل، کیٛاہ أسۍ وِ ونان۔ توٚہۍ چھِوا وُنہٕ ییٚتہٕ نے باغس منٛز دژایوٚ نا۔ سرِونۍ ییٚتۍ سوالہٕ بوٗزِتھ گو لالہٕ صأب ذرا بیدار ہوٚ۔ سُہ آو جبن منٛز۔ ہا کہِنٛیے نا۔ یہٕ کہٕ ہا دژاس۔ لالہٕ صأب دژاو باغس کُن پتے پتے دژ ایس جمی تہٕ جانی تہٕ۔



# کِرایہِ ماج

بُتھِ تلے اُس اَز ڈاکٹرٕ سُمن وِوداس تہٕ تِتھے ہِش باسان۔ تمہِ اوس نہٕ اَز کنگُو تہٕ دِتُمت۔ مَس اوُسُس پریشان۔ باقٕے پان شیرُن تہٕ پارُن اوس تمہِ خبر کرِ پیٹھٕ ترٛوومُت۔ نہٕ پوڈر نہٕ کریٖم تہٕ نہٕ لِپ سِٹک، یہٕ سورُے اوس تمہِ سبٹھاہ پتھ ترٛوومُت۔ تُسند پارِاو تہٕ سِنگار اوس فقٕط اکھ اپرن، گلوز (اتھ پنٛجہٕ) تہٕ سٹھتوس کوپ۔ بیِیہٕ نہٕ کینٛہہ۔ تُسند سورُے دُنیاہ اوس ووٚنی صرِف تُسند کار۔ مگر اَز اُس صُبحہٕ پیٹھے تَس خبر کیاہ بیقرٲری ہِش زَن۔ سو اُس گرا آپریشن تھیٹرس اورِ یور گھِ دِوان تہٕ گرا سیٖڈِ روٗمس (Side Room) منٛز گٔژھتھ آرام کُرسی پیٹھ بِہان۔ کُرسی پیٹھ بِہان بِہانٕے وٕژھ سو بیِیہٕ تھوٚد تہٕ گیہ اِنکیوٗبیٹرس نِش تہٕ لٔج تتھ ژٕرے کُن

تھلہِ تھلہِ وُچھنہٕ یتھ منٛز کینٛہہ کال بڑونہہ تمہِ اکہِ ٹیسٹ ٹیوٗبہٕ منٛز کڈتھ فیٹس تھووٗمت اوس۔ ییٚتی پیٚیہِ تس تتھ کوٗڑ دانس گن نظر یتھ منٛز تمہِ سُہ خٲلی ٹیسٹ ٹیوٗب داٲرِتھ دِتھمت اوس۔ تمہِ نیمہٕ روو پان، اتھہِ پلہٕ نووٗن تہٕ تُجنِن تمہِ ٹیسٹ ٹیوٗب کھنٛجہِ اَتھس کنِتھ۔ بیٚیہِ آیہِ واپَس سیڈ روٗمَس منٛز۔ ییٚمہٕ شیٖشہٕ کھنٛجہِ ترٛاوِن اَکِس میزس پیٚٹھ تہٕ لٔج شُری ہنٛدی پاٹھی ییٚمن یکہٕ وٹہٕ کرنہٕ تہٕ شیرنہٕ۔ مگر ٹیسٹ ٹیوٗبَس یوسہٕ رُم گاٹرِ اَس سو کتہِ ییٚیہِ ہیس پُرنہٕ۔ تمہِ ترٛوو زیٖوٗٹھ ووشا تہٕ لٔج اَکِس فاٹرِ ہنٛدی پاٹھی پانس ییٚتی کتھ کرنہٕ۔

''برابر میانٛی پاٹھی پھٹمٕت، رُم گاٹرِ، ٹھُکراونہٕ تہٕ مُشراونہٕ آمت۔ فرکھ چھےٚ ییٚژٕے زِ یہ چھس نہٕ بےٚ حِس تہٕ بےٚ حرکتھ، بَس اکھ ہلہٕ وِنی ڈٕلہٕ وِنی زُو ذاتھ۔ یہِ فیٹس چھُ بیٚیہِ کانٛسہِ ہنٛدِس شِکمس منٛز ترٛاوُن برابر تِتھےٚ کٔنی یتھہٕ کٔنی زن وو پرزِمینٛس منٛز تھل چھےٚ رُونہٕ یوان۔ بچہِ لگہِ ڈنٛب، زیو، تچھہٕ بچھِ نیرِ تہٕ ژلہِ وُپھ تُلِتھ۔ تہٕ سُہ شِکم؟ سُہ تہِ ییٚیہِ تِتھےٚ کٔنی دِسکارڑ (discard) کرنہٕ یتھہٕ کٔنی یہ ٹیسٹ ٹیوٗب آو کرنہٕ۔''

سو گیہِ بیٚیہِ ترٛٲوِن تہٕ ترٛوٗہن منٛز۔ میزکہِ دراز منٛز کوٚڈُن بیٚیہِ اکہِ پھرِ سے کاکز ورکھ یُس تمہِ از صُبہٕ پیٚٹھ کم سے کم پانٛژِ شیٚیہِ پھرِ پوٚرمُت اوس۔ یہِ اوس ایشان نہِ ای۔میلک (e-mail) پرٛنٹ آوٹ۔ دراصل اوس تس از ایشانٕن e-mail واریاہہِ کالٕی آمت۔ تمےٚ اوسنَس پرٛنٹ آوٹ کوٚڈمت تہٕ اوسُن پانس ییٚتی تھٲومُت۔ سو بیٚٹھ کُرسی پیٚٹھ پتھرٕ تہٕ ہیوٚتُن بیٚیہِ اکہِ پھرِ یہ پرُن۔

''ممّا۔ بہٕ اوسُس پتی مہٕ دویو، ترٛیٚیو رتھو پیٚٹھ کانٛفی آوٗر۔ سانہِ کمپنی اوس

اکھ بوٗڈ آرڈر میوٗلمُت۔ دفتر اَسم کاٗفی کاٗم یہِ ڈٟلۍ زِ تہٕ دوٚہَس راتس اوسُس کامہِ
ستۍ آوٗر۔ لیہاذا ہیوٚ کسے نہٕ نہٕ فون گرتھ تہٕ نہٕ ای۔ میل لیکھتھ۔ کاٗم چھےٚ وُنہِ تہٕ
وارِیاہ، مےٚ چھُنہٕ باسان بہٕ ہیکہٕ یہُس تہٕ ہُندستان یتھ۔ اَکھتےٚ چھےٚ ننسی تہٕ
یژھان پننس ماٗلس ماجہِ نش یہُس جرمنی گژھُن۔ لیہاذا ما پیٚیہٕ یہُس توٗری
گژھُن۔ ژٕ تھٲوی زِ پنُن خیال۔ ہرگاہ گُنہِ چیزُک ضوٗروٗرتھ آسِہ مےٚ لیکھی زِ۔
چون پنُن نیچُو۔ اِیشان۔''

ڈاکٹر سُمنہِ ووٚٹ یہِ کاغذ وَرُکھ وارٕ وارٕ تہٕ تھوٗون ڈٕچھنہِ موچھِ منٛز بند۔
اُچھ زٕ کرِن چیر بَند مگر توتہٕ ہیوٚ گُن نہٕ پنُن اوٗش رُکاوِتھ۔ اوٗش ووتھ گُنے دَدرایہِ تہٕ
بُتھی لبہٕ اَدراوِتھ پوٚ پھیرِ پھیرٕ تسِندِس وَچھس پیٹھ۔ ڈاکٹر سمن روٗز کینژس کالس
اُتھی حالتس منٛز۔ تمہِ کرٕ نہٕ اوٗش ووتھراونچ کانٛہہ کوٚشِش زن تہٕ اَس بُت ہِش
روٗزِتھ گاٗمژ۔ یتھی ہِوی وٲنہِ اَسی تَس پتۍ مو کینژ وٕریو پیٹھٕ اَکثر گژھان۔ کینژِ
کاٗلی دِتُن پنُن کھوٗور اتھ ہونگنہِ تہٕ لُج کیٛاہتام سوٚنچنہِ۔ کیٛاہتام تہٕ کیٛاہ بَس
اِیشان۔ اِیشانس وراَے کیٛاہ سوٚنچہِ ہے سو ییٚیہٕ۔

اِیشان اوس تسُند گُنٕ شُر۔ تسِندِ یاوُنک پھوٗلمُت گولاب۔ تسِندِ لوٚلچ گُنے
نِشانٕی۔ اِیشان اوس تیٚلہِ پانژٕے وُہر ییٚلہِ تسُند مول ڈاکٹر ششی اَکِس کار حادثس
منٛز سورگہٕ واس گو۔ ڈاکٹر سُمنہِ لوگ اِیشانس مول تہٕ ماج تہٕ۔ خوٚنہٕ ستۍ روٗ چھُن
پرنوٗون، لیکھنہٕ نوٗون، دہلی کالیج آف اِنجنیرنگ منٛز کرنوٗون کمپیوٹر اِنجنیرنگ۔
اِنجنیرنگ کرنہٕ پتہٕ میج اِیشانس دِلہِ اَکِس جان کمپنی منٛز نوکری۔ تنخواہ تہٕ دٕہت
ہَس ٹھیک۔ کینژِ رہتی اَنِن گاڑی تہٕ مٕلی۔ ڈاکٹر سُمنہِ گٔیہ فراغت۔ تسِنز تپسیا گٔیہ

سپھل۔ اپشانس ئزدیکھ روزنہٕ خاطرٕ ہیٚژ تمہِ سرکاری نوکری منٛزٕ والنٹری رِٹایرمنٹ تہٕ جیٚمہِ پیٹھٕ آیہِ دِلہِ۔ نوکری علاوٕ یوسہٕ تمہِ وُمرِ ہنٛز گروٹھ پانٛس کفائژ کرِتھ سوٚمبراوٕمژ اَس سو تہِ پیٚیس جیٚمہِ ترٛاوِنی۔ تکیاز دِلہِ ہنٛدس فلیٹس منٛز ویٚپہِ ہے نہٕ سُہ سوٗرے سامانہٕ۔ تہِ کرِتھ باسیوو نہٕ اپشانَس سُہ پرٛانہٕ وار نوٗس گرس منٛز اَنُن واجب۔ لہٰذا گوس واریاہ سامانہٕ لُکہٕ بُزی تہِ۔ مگر اَمہِ باوجوٗد تہِ اَس ڈاکٹر سُمن خوش، بشاشت اَسس زِ ماجہِ پتھر روزن واریاہہِ کالٕ ووٗنی یکہٕ وٹہٕ۔ مگر تہِ اَس صرِف تسنٛز یژھا۔ دپان چھہِ نا زِ انسانس تانی چھُ یژھُن تہٕ منگُن دِنہٕ وول چھُ دَنے۔ دَیس اوس بدلے منظوٗر۔ صرف اکہِ ؤریہِ پتےَ ترٛاو اپشانَن کینژہ وڈالرو خاطرٕ نوکری تہِ پننٛز موج تہِ تہٕ پنُن وطن ترٛاوِتھ ووت اَمریکا۔ ڈاکٹر سُمنہِ کھنٛبایہِ کھونوٹہٕ کھوڑ زِ اپشان گوٚژھ نہٕ پنُن وطن ترٛاوِتھ گژھُن مگرتس چلوو نہٕ کینٛہہ۔ اپشانَس زَن گونبرِم بوٗت سوار تہٕ تتھٕ تتھٕ ووت اَمریکا۔

اَتھ کتھِ گیہِ ووٗنی برابر پانٛژھ ؤری۔ اپشان آو یمن پانٛژن ؤرین منٛز صرِف دوٚیہِ پھِرِ ہنٛدوستان۔ اکہِ پھرِ آیاو اکہِ ؤریہِ پتےَ ییٚلہِ ماجہِ ہنٛز بمارِ ہنٛد بوٗزُن تہٕ دوٚیمہِ پھرِ اَکس میمہٕ کیچہٕ ستی خاندر کرنہٕ پتہٕ تَس پننہِ ماجہِ سمکھاونہِ۔ ووٗنی گَیس زٕ ؤری پیٹھے یور ترٛنَس۔ گوڈٕ گوڈٕ اوس ماجہِ ہفتَس منٛز اکہِ پھرِ ضروٗر فون کران مگر وارٕ وارٕ گیہِ فون تہِ کم تہٕ ووٗنی اوس زیادٕ تر اِی میل سوزان۔ بیپاری گیہِ ڈاکٹر سُمن پرٛژھنٛز تہٕ لاچار۔ تس بگڑبو وصحت تہِ۔ پنُن گُنبر دوٗر کرنہٕ باپتھ پییہِ تس نِوِ سرِ اَکس نرسنگ ہومَس منٛز نوکری کرٕنی۔ سو اَس زیادٕ وَکھ نرسنگ ہومَس منٛزٕے گذاران۔ خالے گرٕ اوس تس یہِ ڈٕلی زِ تہِ زَن تہٕ کھنہِ یوان۔ ووٗنی اوس نہٕ

تَس دُنِیادٲری ہُنٛدٕ ے مار موٗت تہٕ نہٕ سماجُک کانٛہہ بنٛدن۔ بَس صرِف پنٕن پرٛوفیشن تہٕ لگن ہنٛز سپوا۔

تنہٕ ٲسی تِتھی ژٕہی واریاہہ پھرِ آمٕتی ییٚلہِ زَن ایشانٔس مُطلق سونچان سونچان سو اکہِ بالہِ کھسان تہٕ بیٚیہِ بالہٕ وَسان ٲس۔ عجیب وِہی ٲسس گرٛشھان۔ مگر اَز زن ٲس سو زیادے کتھ تام دولابَس لاینہٕ آمٕژ، زِلتس اوس پنٕن ڈیوٗٹی پیٹھ آسُن تہٕ موٗٹھمُت۔ ڈاکٹر سمُن ٲس اَتھی حالتس منٛز اوٗری تہٕ یوٗری زن زِ او۔ٹی۔ ٲسسٹنٹ سنٛز کرٛکہِ کٔر سو ایلاٹ۔ ڈاکٹر صاحب، ڈاکٹر صاحب او۔ٹی تیار ہے۔ سارا سٹاف آچُکا ہے۔ بَس آپکا اِنتظار ہے۔ ہاں وہ عورت بھی آچکی ہے۔کون سی عورت ڈاکٹر سُمنہِ پرٛژھس حٲرانی سان۔

وہی کرایے والی۔ جو کل بھی آئی تھی۔ وۄن او۔ٹی ٲسٹنٹن۔ اچھا اچھا وہ سروگیٹ؟ ڈاکٹر سُمنہِ پیوٚ یقدم زون۔

ہاں ڈاکٹر صاحب۔ وہی۔ کیا زمانہ آگیا۔ کرایے کے مکان اور دُکان تو سُنے اور دیکھے بھی تھے۔ آج کرایے کی ماں بھی دیکھ لی۔ ابھی آگے پتہ نہیں کیا کیا دیکھنا ہوگا۔ یہِ ونان درٛاو او۔ٹی ٲسٹنٹ ٹسنہٕ کران نبر۔ ڈاکٹر سمُن ۄژھ تھوٚد تہٕ گییہِ واش بیسنس نِش۔ اتھِ بُتھ چھوٚلن۔ تولِیاسٕتی ووتھروۄن بُتھ تانٛی پیٚیس واش بیسنس ہیرٕ کنہِ لگی مِتس ٲنٕس کُن نظر۔ یتھٕے ٲنٕس کُن وُچھن۔ ٲنہٕ منٛز یوسہٕ تصویر تَس بوزنہٕ آیہِ سو ٲس نہٕ تسنٛز ییٚکہِ ٹیسٹ ٹیوٗب کھنٛجوٗسٕتی ۄلتھ کوسہٕ تام کرایہِ ماجِ زَن۔

☆☆☆

# لوکٕڑ موکٕڑ بیقل خیال

دوہہ دِشکی پأٹھی دژایہِ از تہٕ تاج اکسپرٛس آگرا سٹیشنہٕ پیٹھٕ ژ ژور مِنٹ ژیری پہَن۔ أسی اَسی زنگہٕ وہراوِتھ بِہتھ تہٕ سیٹھٕ جورا آسہٕ مَدپدے آوٕراوِمژٕ۔ اکھ انگریز جۆریا اکھ آیہِ تہٕ گٔیہِ اَسہِ برٛونٛھٕ کِنہِ کھڑا۔ اَسہِ ژیٚون یِہُند مطلب۔ زنگہٕ وچھِ تہٕ ترٛاوٕ یمن جاے۔ پتھر بیہنٛچ اَس تأر زِ اَنگریزن نیٚو میمہِ ماہہ پۆتا چأرِتھ۔ شاید اَسی وُنی وُنی تاج محل وُچھِتھ آمٕتی تہٕ شاہ جہاں تہٕ ممتاز محٔلہِ ہُنٛد گۆن عشق اوسُکھ دِماغس پیٹھ غأرلِب۔ انگریز روٗد میمہِ اَتھس تھپھ کٔرِتھ مٔنٛزی مٔنٛزی ماہہ پۆتاہ ماہہ پۆتاہ کران۔ شاید اوُسس شاہجانہٕ جنٛونک تأثیر تہٕ میمہِ موممتاز محل زأنِتھ اوس پننہِ بے شُمار محبتُک اِظہار کران۔ یِم اَنگریز کأبتاہ عأشہٕ مٔتی

چھِ۔ سٲری ہے دُنی یاہَس چھِ ژٔنڈ کٔڈِتھ یِوان۔ بہٕ اوسُس أندری سوچان۔

مےٚ ووت ؤری وُہہٕ مَرِ آشنہٕ ونان زِ تاج محل ہاوَے مگر اَتھ وتھے زَن چھم نہٕ یِوان۔ ووٗنی گوم پوٗرٕ ؤری آگرا ڈِوٗتی۔ مگر نہٕ گوس پانے زانِہہ تہٕ نہٕ أنم سوے۔ خٲر زوٗداوس تِمن تھلہِ تھلہِ وُچھان تہٕ مےٚ اتھس مُر مُر دِوان۔ شاید اوسُس متھ گژھان زِ مِیمہِ ہیٚہے تھٕ تاہ زورٕ ژوٗپ زِ تاج محلُک اکھ میٖنار چھپاوِہَس گلہِ پیٹھ۔ انڈرویرِ منٛزی پھٔٹِتھ دڑامتی نارِ پستان وُچھِتھ کھوٚت زوٗدِنس بتھس زیادے خُمار۔ انگریزن باسیوٚ وسون مُدے گٔنڈِتھ وُچھُن کیا ہتام وبہ وُٹھے ہیٚوٚ تِموَ بدلاوسیٹ تہٕ گیہِ دوٗرے پہن بیہنہٕ۔

اکھ کالہٕ کُتاج کوٗرا آیہِ تہٕ ہیٚتِن کاڈ بآ گراوٕنی۔ مےٚ تہِ پلہٕ نوٗن اکھا زبآنی نہٕ کٔنہی ونان۔ یہِ ونان تہِ ونان تِمی ہنٛزٕ أچھ۔ کاڈ پرنہٕ ورأے توٚر مےٚ فِکرِ اتھ منٛز آسہِ لیکھِتھ زِ تَس شوٗتھِ چھُ بٔنتھ آمُت تہٕ سارنے پزِ مدد کرُن۔ یِتھی ہِوی نفر أسی بے شُمار بسن تہٕ ریلن منٛز میلان۔ زوٗداوس أمِس تہِ تھلہِ تھلہِ وُچھان۔ تسُند دیان ڈوٗل تمہِ وِزِ ییلہِ لیٚأری اکھ لونٛگا پوٚک "ہمارا سب بے کار ہے صاحب، دُنیا برباد ہے صاحب، دولتا نہیں ہیں ہماری، مدد کرو صاحب۔" زآدی یُس دُرِ ویٚن نوٹ لڑکی دِنہٕ خاطرٕ کوٚڈمُت اوس سُہ تڑووٗن لنٛگس چنٛدس۔ لڑکی سومبرآوی جل جل پٔنٛنی کاڈ تہٕ دڑایہِ بڑونٛٹھ کُن۔ زآدی تڑوو وشا شاید گوس زِندگی ناپایدار تہٕ دوکھ تہٕ تاوٕنک بازر آسنُک احساس۔

چایہِ وولا آو لیٚأری تاج محل چایہِ پیکٹ ۂتھ۔ مےٚ پیوٚ واہ اُستاد یاد ذاکر

حُسینہٕ پاسہٕ روٗٹُم پلاسٹِک گِلاسس منٛز چایہِ کپا۔ اتھ دژلیہٕ دامہٕ جورا ''لاو جی چار روپیے۔'' بٹہٕ اوسُم اتھس کِتھے زِ مٲرِ دیادم زنانا گیہِ بڑونٛتھہ کنہٕ کھڑا ''لاو بابو خودا خیر کرے، روٹی کے لیئے کُچھ دے دو۔'' مےٚ تُج وٕژہ روپےٚ تہٕ ترٛاوٕمس اتھس کِنتھ۔ بٹہٕ تھوٚوُم جل جل واپس چھنٛدس منٛز زِ کانٛسہِ گژھہ نہٕ نظر پیٚنۍ۔

متھر انٛشہِ کھوٚت پنٛڈِت جیا اکھ۔ ڈٔبکس پیٹھ اوٚسُس بوٚڑ ٹیوٚک زوتان۔ دچھِ بیٚکس منٛز آسس پلوزٕ ژورتہٕ کِتابہٕ جورا۔ سفید کُرتہٕ پاجامہٕ تہٕ نکھس پیٹھ تولیا آسۍ صاف پاٹھۍ انٛدِ پیٚشگ باس دِوان۔ یہِ بیٚوٹھ زودس سیٚدِ سیوٚد۔ کیٚنٛہہ کالا گوتہٕ اٮ۪ۍ لاج زودس سۍ کتھ باتھ۔ اٮ۪ٚتھۍ منٛز روٹُن زودس اتھہٕ تہٕ ہیٚوٚتنس کٲیاہتام وَنُن۔ مےٚ تہِ بڈیہِ دِلچسپی، یہ پٔرُکس بڑونٛہہ یٔمن یتھ زن بہ تہِ بوزٕ۔

ٹی۔ٹی آو تہٕ لاجن ٹِکٹہٕ وُچھِنہِ۔ پنٛڈِت جین ہوٚوس نوٹ، دوٚپنس، ''بھائی صاحب یہ دُنیا ایک لمبی یاترا ہے، ہم سب اوپر سے ہی ٹِکٹ لیکر آتے ہیں جِس کی جِتنی ٹِکٹ اُس کی اُتنی یاترا، باقی سب متھیا ہے، کُچھ لیکر نہیں جانا۔ آیئے آپکا بھی بھاوشیہِ دیکھیں۔'' ٹی ٹیس گوتسلا، رژھ کھنڈ بکواس کُرِتھ زوٚنُن زِ اٮ۪مس چھتیٚسس نِش نیٚرِ نہٕ کیٚنٛہہ تہٕ دژاو پانس۔

خبر مےٚ کٲیاز یِم کرٛہنۍ کوٹھ واٚلۍ دون اٮ۪چھن کھران۔ چاہے ریلہٕ منٛز میٚلن یا عدالتس منٛز، یِہنٛزٕ نظر چھےٚ دوٚیمین ہنٛدِس چھنٛدس کُنےٚ آسان۔ یِمن کُن وُچھِتھ اوس مےٚ ہمسایِن ہُند کرٛہُن دانٛد یاد پیوان، سُہ اوس ہمیشہٕ ہیٚنٛگن میٚژ لٔدِتھ آسان۔ تہٕ وتہِ پکہٕ وٕنبن ہنگہٕ تہٕ منگہٕ ٹھانٛگہٕ دِوان۔ یوٚت کال آو اپاری اکھ ہٹہٕ

کتھ نفرا اکھ، ''بھائی صاحب آپ نے سُنا ہوگا کہ متھرا کے سٹیشن پر ایک آدمی اونگوٹھی بیچتا ہے۔ اس سے آپ کی ہر بیماری دوٗر ہوگی اور من کی مُراد بھی پوری ہوگی۔ کمپنی کی مشہوٗری کے لئے صرف پانچ روپے۔'' زودن مُر پنڈت جیَس نِش اتھ پتھ، روپیہِ پانژھ کڈِن تہٕ ہیٚژن وٲج۔ پنڈت جیس کھۄژنس، مگر سَتی روٗژن زوۄن دوٚیم اتھ تہٕ لاجن بیٚیہِ اَتھ چہِ رٕکھ وُچھنہٕ۔

کولڈڈرِنک وول اوس اورِ یورِ گتہٕ گیوٗر کران کتھ تہِ اوس نہٕ بوزنہٕ دِوان۔ بہٕ اوُسس کھوژان سائنس مُلکس نے سیوٚد ساد آب لوٗکن چوٚن کیٚتھ میلان چھُ، یوٗت یہِ رنگہٕ آب کتہِ سنا پیٚٹھ چھُ یِوان۔ شاید آسہِ امریکا پیٹھٕ یِوان، تمی چھِ اَسی بے رنگ تہٕ تِتکی لوٗکھ رنگ بارنگی آسان۔ زٲدی ہیٚژ بوتلہٕ جوٗرا اکھا پلہٕ ناوٗن پنڈت جیس کُن۔ ڈکنہٕ کھوٗلن تہٕ لاٗجن اَسس کُن۔ زن اوس کوکرناگک پونی چوان۔ شاید اَسس تمی یڈ ووکھر زن گاٗمتۍ۔ چینہٕ وٲلس پلہٕ ناوٕن روپیہِ پانژھ، چینہٕ لِفافہٕ روٚٹنس، موٹھ کھنڈ پلہٕ ناوٕن پنڈت جیَس کُن، مے تہِ دِژن موٹھا۔ زود اوس چینہٕ پھوٗلا اَسس تژاوان تہٕ دوٗر بہتھ میمہِ کُن آرکژو چیٚشمو مُدے گنڈِتھ وُچھان۔ اَتھی منز گیہِ یکدم ریل اَکس سُنسان علاقس منز رُکتھ۔ سارِی گیہِ بیقرار تکیازِ وُنی اَس مسامسا ریل فرید اباد سٹیشن پیٹھ دژاہژ۔ شاید اوس کُنی تام چینہٕ لوٗممت۔ یا ما آسہِ ہے بدل کُنہِ ریلہِ بژنہہ نیرُن۔ سارِی اَسی ریل محکمس لیکہٕ دِوان۔ کرٕہنی کوٹھ وٲلی ہے بُتھِ پیھنکھ توژہ کڈھنکھ۔ اِنجن ڈرٕیور ہنِدِ پیٹھ ریل وزیرس تام بخشکھ نہٕ کانٛسہِ۔ اَڈی اَسی پننہٕ بدنصیبی پیٹھ پشان

زِ ہُند وستانس منٛز کیاہ زِ چھِ پٲدٕ سپدٕ مژ۔ کُنہِ آسہٕ ہَن وٕلاتہٕ روزان، دپان تتہٕ چھِ ریلہٕ چھنہٕ زانٛہہ تہٕ رُکان۔ ہرگاہ رُکن تہٕ سوار بن چھِ پٲنٛسہٕ واپس میلان۔ پنٛڈت جی اوس اتھ کتھِ ہتی متفق۔ مےٚ دوٚپ دپس ژٕ نے نے ٹِکٹے چھےٚ نہٕ ژٕ کتھ شور کران، مگر مےٚ کھیٚیہٕ کتھے۔ سارِی اَسی پریشان تہٕ بیقرار۔ مگر زود اوس پنہٕ نِس عالمس منٛز۔ اَچھ آسس ووٚنی شاید تھچہِ مژٕ۔ اتھِ ہتی دِیتنکھ مُر، چنہٕ موٚٹھا تڑ اوٚن بییہٕ اَسس تہٕ لوٗگ پننہٕ کامہٕ۔

ییٚلہٕ تہٕ زانٛہہ اچانک پٲٹھی ریل رُکان اَس مےٚ اوس دُنیا ناپایدارٕی ہُند زبردست احساس گژھان۔ زن تہٕ سورُے دُنیا اوس رُکتھ گژھان۔ زن تہٕ مژِ نیٚنٛدرِ اوٗسس ہُشیار گژھان۔ یہِ ڈٕلِ زِ تہٕ اَہم زن اَسہٕ منٛز بب نیٖرتھ ژلان، برابر تتھے کُنی یتہٕ کُنی اَنگریز ہنٛدِ اَسہٕ منٛز میمہٕ ہنٛدی وُٹھ نیٖرتھ اَسی گژھان۔ تم اَسی ریل رُکنہٕ ہتی زیادٕ ے پہن پریشان گاٚمتی تکیاہ زِ ساری اَسی تمہٕ نے کُن تھلہِ تھلہِ وُچھان۔ زود اوس زیادے بڑِ ہندوستانس لبکہٕ دِوان تہٕ شاید وٕلاتکی خاب وُچھان دپوتس تہٕ کانٛسہٕ میمہِ ہنٛدی ووٚزلی وُٹھ ژٕشنک موقعہٕ میلہِ ہے۔ خار زٕ ترٕ ے منٹ گیہٕ بییہٕ تہٕ ریلہِ دِژ چکھ تہٕ دژایہِ یکدم۔ ساری پٲٹھی بییہٕ قرارس۔

رژھ کھنٛڈ گیہٕ مےٚ لرِ بہتھ نفرن ہیوٚت شُری ہنٛدِس باربار اِسرار کرنس پتھ اولو چیس لِفافہٕ۔ بچن کوٚڈ اتھ پھٹا پھٹ پھوکھ تہٕ ہیٚتنہِ اکہِ اکہِ اَسس بڑہٕ کُنی۔ مالی نیہٕ نس زورٕ اتھ منٛز زٕ ترٕ ے پھٕلی تہٕ لُدن اَسس۔ مےٚ تہٕ زن آو اَسس پوٚنی، ہتی پییم یکدم دبد یاد۔ تس سورگہٕ واسنہِ ییٚلہٕ فاقہٕ اوس آسان بابی

اُءسس اولُوتلِتھ دِوان۔ سوٗ اُس پھبرن ژُس پٹھ کھاسہِ مَنزٕ اکھ اکھ کاشہٕ کڈان تہٕ کھوان۔ مےٚ تہٕ اُس زٕ ژور کاشہِ آپراوان۔ بابی اُس نس کھسان دپان اُس ژٕ کتھ چھکھ اولو کاشہِ تثبلان۔ تلہٕ کنہٕ کیاہ چھہِ۔ ازے زِنٛدٕ آسہٕ ہَن تہٕ وُچھہاں انگریز۔کتھ چھہِ ساٗنی اولُو اَسہِ چانٛدِ ہٕنٛدِ باوٕ کنان تہٕ اُسی چھہِ چاوٕ سان ژٕرک ژٕرک کٕرِتھ بزشان آسان۔

خبر ریلہِ مَنز سفر کران کران کیاژِ عجیب عجیب خیال یوان تہٕ کینٛہہ عجیب کرنس دِل کران، شاید چھُ ینہٕ وول مَنزل اِنسانس وباگل بناوان تہٕ باثبراوان۔ ہرگاہ نہٕ ریلہِ ہنز زٕٹھ چکھ گوژھے مےٚ یہاں ییہٕ تہٕ خبر کتی لوٕکٕڑ موٕکٕڑ بیقل خیال۔ مےٚ اوس دمباغ کاٗنی تھوٗ کمُت۔ مےٚ زون غنیمتھ زِ اُسی واُتی دِلہٕ۔ بیگس دِژِم تھپھ تہٕ تیزی سان دژاس پلیٹ فارمس گن ! نہٕ روٗدُم زوٕدے یاد، نہٕ پنٛڈِت جی تہٕ نہٕ تم اُنگریز



# اَکہِ گَنٛڈٕ آزآدی

مےٚ آسی اَوٚت تام چکر جوراہ پارکہِ مَنٛز دِتیٚ مَتۍ۔ بہٕ اوٚسُس حأران زِ نہٕ چھُ رتن لالس گُنہِ بوٗد تہٕ نہٕ ہری کرٛشن۔ خبر تِمن کیٛاہ ذٔلیل چھےٚ۔ اَما سبزٕ رے چھُکھا؟ مےٚ لٔج فِکرِ ہِش۔ عام طور آسی ئیم دوشوے مےٚ برٛونٛٹھ پارکہِ مَنٛز وأتۍ مَتۍ آسان۔ خبر از کیٛاہ گوکھ، شاید ما آس بِہ از جلدٕ۔ آمگر مےٚ تہِ کوتاہ مشربہٕ چھُ۔ دراصل اوٚسُس نا بہٕ از راتس بالکنے (ڈبہِ) پٮ۪ٹھ شوٚنگِتھ۔ اتہِ پھوٚل جلدٕ ے گاش، مےٚ باسیوٚ دوہ ووت یوٚر، بہٕ دٔراس تِمے باتھٕرِ جلدٕ ے گرِ۔ نوشہِ ہُنٛد بوٚے تہٕ بأے کأنٛز آسی نا کالہٕ آمٕتۍ، تِم سأوِکھ میأنِس کمرس مَنٛز۔ خأر بہٕ اوٚسُس یِہِ سوٚنچان زِ یِم دوشوے پِیہِ وأتِتھ۔ مےٚ رُکوو قدم تہٕ پٔزٕ اربوس یِمن۔

''ہے اَز کیاہ سائے ڈیلیل دارِکاناتھ ژ چھکھ صُبحٲے پارکہِ منز ووتمت'' دِژ

رتن لالن زورِ کرِٛکھ۔

''اَمِس ہا چھےٚ از بزارِ زوٚن گامژ۔'' ووٚتھس ہری کرٛشن۔ ہری کرٛشن تہٕ

رتن لال اَسی اکثر اکھ اَکِس غاٚبتھ کران آسان مگر بیاکھ عاٚبہِ بد اوسکھ ییلہِ تہٕ

بیاکھ پاوٗن آسہِ ہیکھ ییم اَسی شالن ہٕندی پاٹھی ٹنگہِ وِزِ کُنےٚ گرٛھان۔ خاٚر رتن لال

کیاہ وَنہِ ہے مےٚ باتہٕ بہٕ زانہٕ ہا تمِس ژوٗک تانی۔ اَخرے زاٚن دار مُحلہٕ میےٚ

ہمسایے بسان اوس۔ یِہنز یہٕ ٹنگ دِنی کرٛنہٕ مےٚ خوش۔ مگر تہٕ گوٗو اَندری نیٚبری ما

بنہِ ہے باس دیُن۔ یُتھےٚ ژری دیکھ واٚتی مےٚ تہِ آومکرٛدن اتھِ۔ بہٕ ووٚتھسکھ او تہٕ

مےٚ تہِ ہا دوٚپ رتن لالا ژےٚ کیازِ چھےٚ اَز کاٚری وُہان۔ ''اَز چھےٚ نا بزینڈ نوٚ

اَدیداس بوٗٹھ لاٚگتھ۔ بُڈی بب زانہِ ہیےٚ نہٕ پُلہٕ ہور لاگن ژ کیاہ چھہس

اَنگریزن ہُند...... مےٚ اوٚن یوٗت یوٗت تام زِ ونس مگر دوٚپُم پانا تراو ووٚنی۔

ووٚنی کیاہ چھےٚ کتھ زیٹھراوٚنی۔ اَندرِ اوسُس سوٗنچان ہرگاہ یِمن ہِش تہٕ لگہِ

ہے زِ بہٕ اوسُس راتس ڈبہِ پٹھ شوٗنگتھ ییم گرٛھن اَدرِ مچھِ ہٕندی پاٹھی اَگادِ تہٕ

لاگہٕ ہاٚن ٹاٚنہٕ کرٛنی۔ زن تہٕ پانس بڑسوکھ اوسکھ۔ ہری کرٛشن ونہِ وُنی اَدِ ساٚ بہٕ نیٚر

ہوومےٚ چھنا نِکہٕ لال بس سِٹاپس تام واتہٕ ناوٗن۔ اَتھی منز باسیوٚ رتن لالس

کیاہ تام سُہ ووٚتھ کتھ ڈالان۔ ہَیا راتھ بوٗزوا توہہِ خبر، حُریت والو کیاہ چھہٕ

ووٚنمت، تمی سُند یہٕ وُنن زِ اَسہِ رلوو قدمس ستی قدم تہٕ لگی حسبہِ موموٗل، تِہنٛدِس

بکواسس کن دِنہِ۔'' ووٚنی ہا چھکھ بٹہٕ یاد پیمتی، دیان چھہِ بٹن پزٕ واپس کٲشیرِ یُن۔

تہٕنٛدِ ورٲے چھےٚ کٲشِرِ بےٚ شوٗب گٲمِژ۔'' کروٗژھو پہ رتن لالا ژٕ نازانکھ تہٕ پہٕنٛز
سیاست'' ووٚتھ ہری کرشن ''یہ ہا چھُ سوٗرے دوکھہٕ خبر کوسہٕ سیاسی چال، اوترے
أسی نا دِلہٕ پاکستٲنی ئفیرس سمکھی متی، تہٕ دویمہٕ دوہ گیہ مَن موہن سِنگس میلنہٕ
ووٚتھس رتن لال'' مےٚ تہٕ رۄدنہٕ پانس تام تہٕ دِژم بڈ ہٹہٕ کرٕ کھا۔ یمن ہا توگ
تِھےٚ کٔنز موت لٲ رِتھ سالہٕ بتہٕ کھۄن۔ أتےٚ اکھ کتھ تہٕ أتےٚ بیاکھ۔ دِلہٕ اکھ کتھ،
کٲشِرِ بیاکھ، امریکاہَس منٛز بیاکھ تہٕ پاکستانس منٛز بیاکھ۔ گوڈٕ یمنےٚ کھۄتا تقصیر
یہ ہا چھےٚ کاشِر فطرت۔ أتےٚ ہنٛدستان زِندا باد تہٕ أتےٚ ہُندستانس لکہٕ۔ دپھ أسی
سأرِے کاشرِ چھِ ژکہِ ہوِے۔ دوہے توگ ووزلہٕ پوٗرٕ ژۄپا کڈُن اِد ژۄنٛٹھ
أسی تن یا ژُنن۔ پٔنن پان تہٕ رحت جان'' ووٚتھ ہری کرشن۔ مےٚ ڈۄل دِیان یتھےٚ
سو زنان ہۄنس رزِ تھپا گرِتھ بییہٕ بُتھِ پییم۔ سوٗنٛچم وُچھ کوتاہ خوش نصیب چھُ یہ
ہۄن، مایہٕ سان کیتاہ چھس پکہٕ ناوان۔ زن چھس...... بہٕ اوسُس أتھی خیالس زِ
رتن لالن ڈول بییہٕ میون دِیان۔ ''کیتاہ سا زِ ژےٚ آسےٚ أندرِ پچھتاو زِ أمہِ کھۄتہٕ
کیتاہ زِ چھکھ نہٕ ہۄنے، لولہٕ متہٕ لاے کرِ ہیٚ۔ گوڈٕ کوسہٕ فرق چھےٚ ژےٚ تہٕ أمِس
ہۄنس۔ أمِس تہٕ دِیہ کھنا چینا تہٕ ترٛاوس دوہَس یلہٕ گرس راچھ کرنہٕ غاطرٕ۔
ژےٚ تہٕ چھےٚ شُری باژتےٚ کران نیچو الگ نیران تہٕ نوش الگ، ژٕ چھکھ آسان
دوہس ہۄنی ہندی پأٹھی گرِ راچھ۔ یہ ہۄن چھُ توتہٕ چانہٕ کھۄتہٕ جان أمِس ما چھےٚ
گریر وأرلس یا گاسہٕ وأرلس ستی مغز ماری کرٕنی تہٕ بہٕ چھس فون کالن شامن
شُرہن باژن جساب دِیُن۔''

مےٚ گوٚنڈُن رتن لالُن یہِ ٹسنہٕ بۆزِتھ نار بہ تہٕ وۆتھس تس درجواب ہا کروژھوپہ توتہٕ ہا چھُم نہٕ چاۓ پٲٹھی گرِ پیٹھک ہوٚن گومُت۔ ؤمرِ گوٚوے گُتی گُتی آچھرُے۔ میوٚن دیان ڈول ییہِ ییلہِ تم بُڈ بٲژِ زِ مےٚ بُتھِ پییہِ۔ مےٚ پییہِ سو سورگہٕ واسینٕ یاد۔ گرٕ پھرِ ونبانم زِ بہوٚ باغ تاۓ گژھِ ہاوٚ۔ دپانے بڑٕ جان فِضا چھُ تتہٕ۔ مگر مےٚ زن لُج نہٕ وَتھے زانہہ۔ شِکسن زن اوسُم نال وۆلمُت۔ مےٚ اوسنا نِشاط باغُک نشہِ دہوی ہِندِس ناوس رتہٕ چھیپہِ باغِ بہوٚ اوسُم تتھ بڑوٚنٹھِ کنہِ ذکر باسان یوٚ تام سو سُہ حسرت ہیتھے گییہِ۔ ہاے بھگولنہٕ''۔

مےٚ ژوٚل ووش نیرِتھ۔ بہ گوس یوٚت زراش تہٕ وۆداس زِ سردار جی کھۆداو مےٚ پیٹھ۔ دیکھ کے چلو جی پنڈت جی۔ تمیٚ دِژ اُسان اُسان کرژکھ۔ بہ پہوس پییہِ زونس۔ رتن لال تہٕ ہری کرشن تہِ پھیٚڑ اُسان اُسان۔ کہو روٚوے دارِ کاناتھا ژٕ گیا کھ سردار جیَس گُرِس کھُسِتھ۔ یہِ ماتر اوِ ہیی۔ تم ؤتھی اُسان اُسان۔ بہ زن وُزٕ نو وہس مَس ننِدرِ۔

اُتھ پارکہِ منٛز یتھ اُسی کم کم تجربہ گوھان۔ اُتے مذاق تہٕ اُتے ٹسنہٕ، اُتے پامہٕ پام تہٕ اُتے اسن کھنگال۔ اُتے موتیٚ ژھوپہ تہٕ اُتے کرژکہٕ ناد۔ یہِ پارک اُس سانہِ زِندگی ہُند اَہم حِصہٕ بنے مُت۔ پتیٚ موستوٚ ورییو پیٹھ اُسی لگاتار پٲٹھی اُسی یور یِوان۔ پرٕتھ صُبحک گاش اوس اُتے پھولان۔ ہرگاہ کُنہِ وجہہ کِنیٚ تھکھ لگہِ ہے وٲلنیٚ اُس پھٹہٕ نس یِوان۔ اَمہِ پارکہِ ہِندی سٲرے سٲتھی اُسی یاد پیوان۔ سو ہوٚن ہیتھ زنان۔ تم بُڈ بٲژِ، سو کنہٕ تزکرِ زنان یَس کنہٕ ریڈیو!! گتھ

اوس آسان، سو میٖم یوسہٕ مٲزِر مٲزِر یِوان اٰس تہٕ سارِے اٰسی تسٕنزن پرٛنِن زنگن

وُچھنہٕ بہان۔ تہٕ آہہ سردار جی۔ یِم سارِے اٰسی سانہٕ زِندگی ہٕندی اٰہم کِردار یا

ڈٲنی تووکھ ہنگتہٕ منگکی ستی باجہٕ بنے متی۔

ژکہِ ما اٰس کاما کاراتہِ کینٛہہ۔ نہٕ دفتر تہٕ نہٕ کارٕ بار۔ سُہ سورُے پھو

کٲشیرِے۔ پوٚزے بوٚزِو یوہے گنٛڈہٕ کھنڈ اوس ووٚنی سانہٕ زِندگی پتھ کُن

بچومُت۔ پننہِ پانہٕ خاطرٕ پکُن تہٕ ٹکُن، اُسُن تہٕ دژوکُن، مذاق تہٕ دژاٰنج،

اٰتے ناراض گی تہٕ اٰتےِ صلاح۔ بس صِرف اکھ گنٛڈہٕ۔ باقی سارِے زِندگی اٰس

وقتچ غُلام بنے مژ۔ گرا اکی ہٕندِ خاطرٕ تہٕ گرا بیٚیہٕ ہٕندِ خاطرٕ۔ گرا یمہِ لرِ پھیرُن تہٕ

گرا ہوٚمہِ لرِ۔ صُبہٕ پیٹھٕ شام تانی اٰتے خربٔنتھ زوٗن تہٕ اٰتےِ ہوٗن بٔنتھ، اٰتے راتہٕ

موغلہٕ ہٕندی پاٹھی اٰچھی پھرِی پھرِی وُچھُن تہٕ اٰتے بے بس پٔژھی لاوی ہٕندی

پاٹھی ژھپہٕ دِنہٕ۔

بہٕ اوسُس یمنے خیالن زِ ہری کرِشنن پھبُر میوٗن دیان۔ ’’اِدٕ سآ بہٕ نیرٕ

نِکہٕ لالنہِ بسہِ ہُنٛد وَکھ ووت۔ مےٚ آسَن گرِ پرٛاران۔ اچھا اٰسن تیلہِ اِجازت۔

نمسکار۔ یوٚ ژھٔے دِیَن بیٚیہٕ میلو پگاہ صُبحن۔ یہِ ونان ونان دراوسُہ، بہٕ تہٕ رتن لال

روٗدی کلہٕ تھوٚد تُلنہٕ ورٲیی تِلہٕ وٲنی داندٕ ہٕندی پاٹھی گتھ دِوان۔ اٰندرِ اٰس موٚیوٗسی

زِیہ اکہِ گنٛج آزٲدی ہنٛزن انٛد واتنٛی۔

☆☆☆

